۲۔ قِسم۔ ذاتھ۔ کان۔ ۳۔ اَناج۔ غلہٕ۔ پأداوار۔ پھل بیتر۔ ۴۔ تذکیر تہٕ تأنیث۔ نَر تہٕ مادٕ۔ جِنس۔ ۵۔ حسابُس مَنز) تِجارتھ۔ ۶۔ گہنہٕ۔ وَس۔ زیوَر۔

**جِنسِ اعلےٰ۔** ۱۔ تھوٚد چیز۔ موٗلُل چیز۔ تھزِ ذأژ ہُند چیز بیتر۔ تحقلِ قِسمُک فَصلِ بیترِ۔ ۲۔ سُہ چیز یا فصل یُس تھدِ موٗلہٕ پکہِ۔

**جِنسِ اوّل۔** وِچھو "جِنسِ اعلےٰ"۔

**جِنس خانہ۔** گُدام۔ سو جاے یتہٕ چیز، غلہٕ بیتر تھوان چھِ۔ بانہٕ کُٹھ۔ کُٹھ۔

**جِنسِ کامِل۔** وِچھو "جِنسِ اعلےٰ"

**جِنس وار۔** ۱۔ قِسم وار۔ تفصیل وار۔ جِنسہٕ وار۔ بیٚیوٚن بیٚیوٚن۔ وٕکھرٕ وٕکھرٕ۔ ۲۔ سُہ نَقشہٕ یُس پیٚھوأری وعہ پدأوکِ متعلق تحصیلس چھِ سوزان۔ جِنس وار۔

**جِنسیت۔** [ت۔ جِن سیَت / جِنسی یَت۔ ع۔ مؤنث]۔ نسلُک، ذأژ بیترِ ہُند ہُشر اَکی ذأژ کأنی ہُند یا قِسمُک آسُن۔

**جَنکشن۔** [ت۔ جَنک شَن۔ انگریزی JUNCTION۔ مُذکر]۔ جَنکشَن۔ ریلہٕ ہُند سُہ سٹیشَن یتہٕ مختلِف جایَن کُن ریلہٕ نیرَن یا یوٚنا متہٕ مختلِف جایوٚ پیٹھ ریلہٕ ین سو جاے یتہٕ زیادہ یوٚ زیادٕ (مختلِف طرفن کُن) ریلہٕ بٹر رلَن یا نیرَن۔

**جُنگ۔** [ت۔ جُنگ۔ مُذکر]۔ ۱۔ بوٗر۔ گیڈٕ۔ بَنڈٕل۔ ۲۔ بٔڈ بیاض۔ م: اُستاد کی غزلوں کا جُنگ اُٹھا بغل میں مارا ہے۔
۳۔ لگِتھ آسُن۔ مَس آسُن۔ بوٚڈِتھ آسُن (رکنہٕ مَنز)۔ جوش۔ م: وہ اپنی جُنگ میں تھی اس کو کسی کی کیا خبر۔

**جَنگ۔** [ت۔ جَنگ۔ ف: مؤنث]۔ ۱۔ جَنگ۔ یدٕ۔ ہَر۔ لڑٲے۔ ۲۔ وأر۔ عَداوَتھ۔ شیُترُت۔

**جنگ آزمودہ۔** جنگ آزما۔ یُس جنگس مَنز پانہٕ شریک آسِہ سپُدمُت۔ بوٚہودُر۔ یٚیمی جنگس مَنز لوٚڈمُت آسِہ۔ یٚیمِس جَنگچ وُہارتھ، تجرُبہٕ آسِہ۔

**جنگ ٹھننا۔** لڑایہِ پیٹھ تیار گژھن۔ جَنگ ووتھُن۔

**جنگجوٗ۔** لڑان وول۔ جَنگ کَرن وول۔ ژوٗن گوٚر۔ لڑایہِ گوٚر۔ بوٚہودُر۔

**جنگِ زرگری۔** اَپزٕ لڑٲے۔ بیٚین دوکھ دِنہٕ باپتھ پانہٕ وأنی ژوٗنی۔ دژالہٕ ہَر۔

**جنگ سر کرنا۔** جَنگ زینُن۔ لڑٲے زینٕنی۔

**جنگ گاہ۔** جَنگاہ۔ جُنگُک مأدان۔ لڑایہِ ہُند مأدان۔ مأدانِ جَنگ۔

**جنگ و جدل۔** جَنگ۔ لڑٲے۔ ہَر۔ فتنہٕ فَساد۔

جنگل ۔ [ت ۔ جن کل ۔ س : جنگلہ ۔ مذکر ]
۱۔ وَن ۔ جنگل ۔ ییتھ سیٹھا خودرو
کُلہٕ کٔٹ آسن یا گھَن کرن ۔ ۲۔ صحراو ۔
سیٚکیُل ۔ ۳۔ بنجر زمین ۔ یتھ تہٕ
بییمر زمین ۔ وٲرانجایہ (وٲران جاے)
۴۔ نیٚبر ۔ چار وایَن کاسہ کھیٚیا وٕنیچ
جاے ۔ نے ۔ ۵۔ پادشاہَن ہُند شکارگاہ
(شکار کرنیچ جاے) ۔

جنگل جانا ۔ نیبر نیرُن ، مٲدان نیرُن ۔
ٹٹہٕ کرنہٕ گژھن ۔

جنگل کا آدمی ۔ وَن مۆہنیُو ۔ جنگلی (انسان)
وحشی ۔

جنگل کا تیتر ۔ وَن تیتر تیتُر (ورگہٕ پاٹھا ۔
لیدٕ ، بُزدل ۔ کھوژ بٔڈ) ۔

جنگل میں منگل کرنا ۔ وٲرانس شوٗب
اَنُن ۔ وٲرانہٕ جایہ سپھولراوُن ۔

جنگل میں منگل گانا ۔ وٲرانس منز عاشہٕ
عشرتہٕ سان زندگی گذارٕنی ۔

جنگل میں منگل ہونا ۔ وٲرانس شوٗب
ییٚنی (آسنی) ۔ وٲرانہٕ پھولُن ۔ وٲرانس
منز عاشہٕ عشرتکو سامانہٕ آسنہٕ ۔

جنگل ہو جانا ۔ ۱۔ وٲران گژھن ۔ وٲرانہٕ
بنُن ۔ بے رونق گژھن ، دوتہ وٕدھتیٚن ۔
۲۔ وَن وۆدپُن ۔ جنگل نوُن ۔

جنگلی ۔ (مذکر) ۔ ۱۔ وَن وٲسی ۔ جنگلس
منز روزن وول ۔ ۲۔ وَنک ۔ جنگلک ۔
یاگی ۔ وحشی ۔ ۳۔ خودرو ۔ پانے
کھوتمُت ۔ پانے نوُ ووُمُت ، جنگلو ۔
۴۔ بے ہوش ۔ اُرچوک ۔ مٔڈ ۔ لبوٗر ۔
بدتمیز ۔ جنگلی ۔

جنگلی جلیبی ۔ (مونث) ۔ اکس ہیشکر ۔
مٲدان ۔ ٹٹہٕ ۔

جنگلی درخت ۔ خودرو کُل کوٹ ۔ پانے
کھوتمُت کُل بیتر ۔

جنگلی سور ۔ ۱۔ وَن سور ، جنگلی سور ۔ ۲۔
(ورگہٕ پاٹھی) ویُوٹھ تہٕ بدصورتھ ،
(بے ڈول) مۆہنیُو ۔

جنگلی کبوتر ۔ وَن کوتُر ۔ (آسمانی رنگہٕ) اکہٕ
خاص ذاژ ہُند کوتُریس وٲرانن ، وَنن
بیترن منز آسان چھُ ، یُس نہٕ
ہوسی گژھان چھُ ۔

:- لوکہٕ کتھ :-

جنگل میں مورناچا کس نے دیکھا ۔
ل ۔ م : وَنس منز نوژ مورن وُچھ کمہٕ
تہٕ گو پرٛلکس منز یژ یا بڈ کام کرنہٕ کس
سوچھ وانہٕ پتنین ۔ اگر کُنہٕ کسبس ،
فنس ہُچھن وول ، داد دِنہٕ وول آسہ نہٕ
تیٚلہٕ نمائش یا سہ ہاوُنے چھُ بیکار ۔

جنگلا۔ [ت۔ جُنگ لا۔ س : جا لنگلہ + کہ۔ مُذکر]۔
۱۔ وَن۔ جَنگَل۔ وٲرانہٕ۔ ۲۔ کاٹھ کر۔
جَنگلہٕ۔ حاطہٕ۔ (اِسپچہ) بُرن بیتر۔ ۳۔
حاشیہ، کنارٕ (ڈُپٹیچ بیتر) اَکھ چھِہ
پوش بیتر بنآوتھ آسان۔ ۴۔ اَکہ مشہور
راگنی ہُند ناو۔ م:

مرزا کا قول سچ ہے کہ ویران ہو گا گھر
جنگلا وہ روز گاتی ہے آ آکے سامنے

۵۔ اَکھ گُل دار کپُر۔ چھینٹھ۔ ۶۔ اَکہ قسمک
وَن کوتر۔ ۷۔ لڑیٔیتر یہٕ کانہہ روزان
آسہٕ تہٕ یتھ نیچ آسہٕ زاہر۔

جنگلا لگانا۔ ۱۔ کاٹھ کر دیُن۔ جنگلہٕ دیُن۔
پچہٕ بُرن بیتر دِنی۔ حاطہٕ گنڈُن۔ ۲۔
کنارٕ لاگنہٕ ڈُپٹس بیتر)۔

جنگھارا۔ جنگھاڑا۔ [ت۔ جنگ گھارا/ ڑا۔ مُذکر]۔
راجپوتن ہُند اَکھ طاقتور فرقہ۔

جنگی۔ [ت۔ جن گی۔ ف۔ مُذکر]۔ ۱۔ فوجی۔
سپاہ۔ پیادٕ۔ جُنگی۔ ۲۔ بلہٕ ویر۔ بوہوُدر۔
ہٹہٕ کٹہٕ۔ طاقتوٕر۔ ۳۔ جنگک، فوجک،
فوجی۔ بیہ یا یُس یودس لگہ۔ جنگس
لایق۔ یتھ جنگس سیتی واٹھ یا توُلق آسہٕ۔
۴۔ سیٹھا بوڈ۔ عظیم۔ بڈ بوڈ۔

جنگی بیڑا۔ بحری بیڑہٕ۔ تِم آبی جہاز بیتر یِم
جُنگی ہتھیارو تہٕ [illegible]

جُنگی سامانہٕ تہٕ فوج ہیتھ واریاہ سمندری
جہاز۔ آبی یا سمندری فوج۔

جنگی پرنالہ۔ [مُذکر]۔ دیوار بیترہ پیٹھ کُن
کڈتھ بدرو، ییمہ سیتی دگ دوٗر پیہ۔

جنگی جہاز۔ [ف۔ ع۔ مُذکر]۔ ۱۔ جُنگی
جہاز۔ لڑایہ منز بکار ییہ وٲلی جہاز۔
فایٹر بیتر۔ ۲۔ سیٹھا بوڈ جہاز (آبی
یا ہوٲیی)۔

جنگی لاٹ۔ سپاہ سالار۔ فوجک زیٹھ۔
فوجک سارِوے کھوتہٕ بوڈ افسر۔
کمانڈر ان چیف۔

جن لوک۔ [ت۔ جن لوک۔ مُذکر]۔ ۱۔ دُنیاہکیو
ستو حصو منز اَکھ حصہ۔ ۲۔ سہ جاے
یوٗت مرنہٕ پتہٕ رِتی لوکھ گژھان چھِہ۔

جنم۔ [ت۔ جنم۔ مُذکر]۔ ۱۔ زنم۔ پٲدایش۔
روٗحک کانہہ منز پروِیش کرُن، اژُن۔
۲۔ زندگی۔ زیواداں۔ حیاتھ۔ ۳۔
بزرگہ، خصلتھ، فطرتھ۔

جنم اشٹمی۔ [مؤنث]۔ زنمہ اشٹمی۔ بگوان
کرشن سُند زادوٕہ، وہر وود۔ بہر
چھ بادرہ پیتھ گٹہ پچھکہ اوٹھمہ آسان۔
زرمہ ستم۔

جنم اندھا۔ جنم کا اندھا۔ [مُذکر]۔ زنمہ
اون۔ لُس (ماجہ) اوٗنُے زامت آسہ۔

پأدائِشی اوٚن۔ مادٕر زاد اوٚن۔

جنم باؤلا۔ پأدائِشی پاگل، موٚت۔ زٕنمہٕ باوٕر۔ یُس فأترِ ہے زامُت آسہِ۔

جنم بگاڑنا۔ ۱۔ زٕنم راوٕرٕن۔ زٕنم اَسپھَل کرٕن۔ زِندٕگی راوٕراوٕنی۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) بٕلتے ایمأنی کرٕنی۔ گوٗنہَن مَنٛز وأنٛس گُذراوٕنی۔ ۳۔ ایمان راوٕرُن، عاقبتہٕ راوٕراوُن۔

جنم بگڑنا۔ ۱۔ زٕنم راوُن۔ زِندٕگی راوٕنی۔ زٕنم اَسپھَل گژھُن۔ زِندٕگی بۄرباد گژھنی۔ وأنٛس چھمبی گژھنی۔ ۲۔ موٗنٛڈ گژھُن۔ ۳۔ ایمان راوُن۔ ایمانٕس خَلَل یُن۔

جنم بھر۔ سأری ہے زٕنمَس۔ ساری وأنٛسہِ۔ سأری ہے وُمرِ۔ وُمرِ وُمران۔

جنم بھوم۔ جنم استھان۔ [مُذکر]۔ زا جاے۔ سۄ جاے یتہِ انسان زامُت آسہِ یا زیوٚ۔ زٕنم بوٗمی۔ وَطَن۔

جنم پترا۔ جنم پتری۔ [مؤنث]۔ زاتُکھ۔

جنم پٹا۔ (مُذکر)۔ زٕنم پَٹہٕ۔ وأنٛسہِ پیٹھ ڈیتمُت پَٹہٕ۔ کُنہِ کُنہِ چھ "عُمر پٹا" تہٕ وَنان۔

جنم جلا۔ جنم جلی۔ [مُذکر۔ مؤنث]۔ ۱۔ بدنصیب۔ بَدقسمتہٕ۔ سوختہٕ گوٗمُت۔ دوٗدمُت۔ اَزلے مَردوٗد، یُس اَزلے وُکرمُنی آسہِ

گُمرٕٕ۔ ۲۔ (حقائرٕ کینی) کَمہِ رٕژھا، پٕشیونتا۔ موٗہبا۔

جنم جنم۔ زٕنمہٕ زٕنم۔ ہَرہمیشہِ۔ وُمرِ وُمران۔

جنم دِن۔ زادوٚہ۔ وُہرِوود۔ وُہرِوود۔

جنم ڈبونا۔ (وَرگہٕ پاٹھی) گوٗناہ کرٕن، پاپ کرٕن۔ پَر (غأر) مذہب یختیار کرٕن۔ پَنُن دیٖن ترٛاوِتھ بیاکھ کانٛہہ دیٖن پانناوُن۔

جنم روگی۔ زٕنم روٗگی۔ زٕنمہٕ روٗگی۔ ہَرہمیشُک دوٚکھہٕ زَد، روٗگی۔

جنم کنڈلی۔ [مؤنث]۔ ٹیٚکنی۔ زٕنمہٕ کونٛڈٕج۔ زاتُکھ۔

جنم گھٹی۔ یتھ چیٖز زاپہ ژاہِ ژٕ آسہِ۔ یہ چِسکہٕ زامُت آسہِ۔ یُس چیٖز کھیٚنیتھ چھنٛج نال آسہِ۔

جنم لینا۔ ۱۔ زٕنم ہیٚوٚن (زٕنم لَبُن) زیوٚن۔ زیوٚن۔ ۲۔ کُنہِ گرٕس یا بیٚیہِ کُنہِ قالبس مَنٛز زٕنم ہیٚوٚن۔

جنم میں تھوکنا۔ لانتھ مَلامتہٕ کرٕنی۔ تھوٗکہٕ ژھَنٛنہٕ۔

جنمی۔ پأدائِشی۔ زأیتی۔

:- لۄکہٕ کَتھ :-

جنم کے اندھے نام نین سکھ۔ آنکھوں کے اندھے نام نین سُکھ۔ ل۔م: اَچھَن نہٕ گاش تہٕ ناو نیٚترسوٗکھ نہٕ گوٗلیا قسمتہٕ نہٕ کھیٚنٛر تہٕ ناو بوٗڈ۔ م: ناو تھوٚد تہٕ لَسنہٕ گوٚد۔

**جنم نہ دیکھا بوریا سپنے آئی کھاٹ۔**
ل۔م: وأنسہٕ نہٕ وُچھمُت بوٚہرٕ خاب
وِچھان پَلَنٛگکۍ تہٕ گو نادار اَسنہٕ بَڈِ ین
سیٚتی ذرٕ سہٕ دِیُن۔ بیہ چھہٕ نمہٕ وِزِ وَنان
ییٚلِ کانٛہہ غریب اَسنہٕ بَڈِ ین لُکن سیٚتی
مان کرِ، رِیس کرِ۔

**جنا۔** [ت۔ جَنٛ نا۔ پراکرت: جَنہٕ] ۱۔ بچہٕ زیُون۔ بچہٕ دِیُن۔ ییٚن دِیُن۔ پٔژٕشُن۔ ۲۔ زِنٛم دِیُن۔ پٲدٕ کرُن۔ نۆو راوُن (شر میٚتر)۔

**جنی۔** (مؤنث)۔ مٲج۔ زِنٛم دِنہٕ واجٕنۍ۔ یُس زیٚوِ کرِ۔

**جنواسا۔** [ت۔ جَنٛ واسا۔ س: جَنے + واسہٕ۔ مذکر]۔ (ماہرینہٕ ہٕنٛزِ گَر) سہ جاے ییٚتہٕ ماہرازٕ تہٕ ییٚنہٕ وول بیٚہناوُنہٕ چھُہ یوان۔

**جنوانسا۔ جواسا۔** [ت۔ جَنٛ وان سا/ جَ واسا۔ س: یَواسہٕ۔ مذکر]۔ اکھ کَنٛڈۍ دوٚہچ یُس یُرِ پٲٹھۍ وُنٛٹھ کھیوان چھہ تہٕ پَرٕدو بَدَل تہٕ دَرتاوُنہٕ چھُہ یوان۔

**جنوائی۔ جوائی۔** [ت۔ جَنٛ وائی/ جَ وائی۔ س: جَمانتر + کہ۔ مذکر]۔ ۱۔ زامٕترٕ۔ ۲۔ پَنٛن لاگنہٕ دُشمَن۔ ۳۔ کورِ لیکھ۔

**جنوب۔** [ت۔ جَ نُوب۔ ع۔ مذکر]۔ دَکھِن، جوٗنوٗب۔

**جنوبی۔** دَکھِنی۔ جوٗنوٗبی۔ جوٗنوٗبُک۔

**جنوری۔** [ت۔ جَنٛ وَری۔ انگریزی: JANUARY مؤنث]۔ جَنوٗری۔ انگریزی وَرِچ گۅڈنیُک رٮ۪تھ۔ یُس اَکثر ہن دوٚہہ ہُنٛد چھُہ آسان۔

**جنوں۔** [ت۔ جُنُوں۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ جِن پِرٕ نِژ اَنٛز بنیچ حالَتھ۔ مٔژر۔ جوٚنوٗنہٕ۔ جوٚنوٗنہٕ۔ باورِگی۔ فاتَرٕ آزی۔ ۲۔ ژٕکھ۔ تیش (طیش) ۳۔ (وُزٕ کِہ پٲٹھۍ) (شایری منٛز) عشق۔ لول۔ لولہٕ زَر، لولہٕ دَگ، لولہٕ تَپ۔

**جنوں اچھلنا۔** ۱۔ جوٚنوٗنہٕ ہیچھیرتھہ یُن۔ جوٚنوٗنہٕ یا مٔژر بَنیہ یُن، دُیارٕ ہیچھیرتھہ یُن۔ ۲۔ آوُٹھ گژھنی دِکنہٕ چیزِچ)۔ تقسیم گژھنی
م: آجکل اُن کو شاعری کا جنوں اُچھلا ہے۔

**جنوں آنا۔** ۱۔ مٔژر یُن۔ جوٚنوٗنہٕ یُن۔ مَتُن۔ ۲۔ تَتُن۔ ژٕکھ گژھُن، تیتہٕ گژھُن

**جنوں پیدا ہونا۔** مٔژر یُن۔ مَتُن۔ جوٚنوٗنہٕ یُن۔

**جنوں چڑھنا۔** ۱۔ مٔژر یُن۔ باورِ گژھُن۔ پاگل گژھُن۔ مَتُن۔ ۲۔ ژٕکھ یِنۍ۔ تیش (طیش) یُن۔ تیتہٕ گژھُن۔

**جنوں خیز۔** بیہ یا یُس مٔژراو۔ مٔژرانہٕ وُن۔ مٔژر راوُن۔

**جنوں سر پر سوار ہونا۔** ۱۔ مَتُن۔ فاتِرٕ گژھُن۔ باورٕ گژھُن۔ ۲۔ نارٕ نار گژھُن۔ سخ وولُن۔

یاتہٕ ۔ طبیعتس لایِنہٕ یُن۔

**جُنوٗنی** ۔ ۱۔ مؤنث ۔ باور۔ پھلواے۔ فاتر۔
جوٗلوٗنی ۔ ۲۔ یُس وُلی تتہٕ گژھہِ، وولہٕ۔ بے
مُروتھ۔ بےٚ رَحم۔

**جنھائی** ۔ [ت ۔ جَن ھائی ۔ مذکر ]۔ پرتھ اکھ،
پرتھ کانہہ۔ یُتھ پاٹھۍ چھہِ "جناہی" وَنان۔
اکہِ اکہِ، ہیُوٗن ہیُوٗن۔ مانیس منز چھہِ
"جناہی جناہی" ورتاوان۔

**جُنھرا** ۔ [ت ۔ جُن ہرا۔ مذکر]۔ اکہِ قسمک اناج۔

**جُنھری** ۔ [ت ۔ جُنھری۔ مؤنث ]۔ وچھو
"جُنھرا"۔

**جنیا** ۔ [ت۔ جَن یا "جان" کی تصغیر۔ مؤنث]۔
"جان" لفظک ژھوٚٹ ۔ جانہٕ ہَن،
جانانہٕ ہَن۔

**جنین** ۔ [ت ۔ جَنین ۔ ع ۔ مذکر]۔ ڈِمب
شُر۔ یڈٕ منٛزُک شُر۔

**جنیوٗ** ۔ [ت۔ جنیوٗ۔ پراکرت ؛ جَنو وام ۔ مذکر]۔
۱۔ یونہٕ۔ (یُس ہیٛندی ناٛلی چھہ ژھنان)
۲۔ یَنہٕ داوِ ہس یکھ یوسہٕ لاٛنی جواہرن
چھیٚ آسان ۔ (یُتھ لال چھ مُقدس مانہٕ
یوان)۔

**جنیوٗ کا ہاتھ** ۔ (اَگت کہِ بازکتھ) تلوارِ بیتر
ہندس ٹاس یُس مُقابلہٕ کرن ناٛلس
سپنس دولہٕ چھ لایِنہٕ یوان۔

**جنبیوا** ۔ [ت ۔ جنبی وا ۔ انگریزی ۔ مؤنث ]۔
۱۔ سوٗہیز۔ یینڈکہِ اکہِ بڈٕ شہرک ناو۔
۲۔ اکہِ قسمچ وَسی پاپہ گرٛ۔

**جنیوا** ۔ [ت ۔ جنیوا ۔ مذکر ]۔ اکھ خوشبودار
گاسہٕ (یُس خریف کیٚن فصلن سیتی
وو پیدان چھُ)۔

**جو** ۔ [ت ۔ جو ۔ ف ۔ پہلوی ؛ گوٗے ۔ سن؛
وَدھو ۔ مؤنث ]۔ کول ۔ ند ۔ جوے۔

**جو** ۔ [ت ۔ جو ۔ ]۔ ۱۔ یُس (چیز یا زُون)۔
۲۔ یوٚد۔ اگر۔ یوٚد وَے ۔ ۳۔ یہ ۔ ییٚتھ۔ ییٚتھ
پاٹھۍ۔ ۴۔ بیلہٕ ۔ ییٚمہِ وقتہٕ۔ ۵۔ ترکیاز
۶۔ ییٚمہِ کنی۔ ییٚمہِ موجب۔ ۷۔ ہنگہٕ ہنگہٕ
ز۔ ۸۔ یوٗتا۔

**جو جو** ۔ یہ یہ ، یُس یُس (چیز، زُون) پرتھ
کانہہ، کینٛہہ۔

**جو جو کچھ** ۔ یم یم ۔ ییٚمہِ ییٚمہِ قسمہٕ ۔ ییٚتھ ییٚتھ ۔
یوٗت یوٗت۔

**جو جی چاہتا ہے کرتا ہے** ۔ یہ پَنُن دل
وَنس تی کرِ تہٕ گوٚ پانہٕ یختیاری چھُ۔
پانس تام چھُس یہ خوش گژھس تہٕ
چھُ کران۔

**جو کچھ** ۔ یہ کینٛژھا ۔ یوٗتا ۔ یوٗت تام ۔ یوٗت۔

**جو کچھ دل پہ گذرتی ہے** ۔ یوٗتا ، یہ کینٛژھا
دُدکھ دِلس چھُ واتان ۔ یہ کینٛژھا دِلس چھُ گُدران۔

جو کچھ ہے یہی ہے۔ یہٕ کینژھا چھُ تہٕ پی چھُ۔
ژوٗک چھُ پی۔ مٔلہ تلہٕ، ژُکر چھُ پی۔

جو کوئی۔ یُس تہٕ۔ یُس کانٛہہ۔ کانٛژھا۔ پڑتھ
کانٛہہ۔ کانٛہہ تہٕ۔

جو کہ۔ ۱۔ یُس تہٕ۔ کانٛہہ تہٕ۔ یُس زن۔ ۲۔ یۄدوے۔
چوٗں کہ۔ تہٕ کیازِ۔

جو مقدر دکھائے دیکھ لو۔ مُصیبتس گژھ
سینہٕ داژُن۔

جو نہ کھانا تھا کھایا۔ یہ نہٕ وَنُن اوس تہٕ وۄن،
وۄنُن، تہٕ گو لیکہٕ گَبُن (کُجہ)۔ یتھ تلیتھ وۄنُن
(وۄن)۔ پامہٕ وۄنُن گۄژُن (کوٚر)۔

جو ہو۔ یہ آسہٕ (تہٕ)۔ کینٛہہ تہٕ آسِتن۔ کیا تہٕ
آسِتن، یوٚت، یوٗتا آسہٕ۔

جو ہو سو ہو۔ کینٛہہ تہٕ سپدی تن۔ یہ سپد
تہٕ۔ کُنہٕ تہٕ حالس منٛز۔ کُنہٕ تہٕ پاٹھی ضرور۔

جو ہونی ہو سو ہو۔ وچھو " جو ہو سو ہو "۔

جو ہے سو۔ یُس وِ شہ۔ پڑتھ کانٛہہ۔ ہر کانٛہہ۔
:۔ لوکہٕ کتھ :۔

جو آگ کھائے گا، انگارے ہگے گا۔ ل۔م:
یُس نار کھییہٕ سُہ ژٹاوِ تیوٚ ژگُل۔ کوہ کارُس
چُھ ناکارٕ پھل۔ مُ:
یُسے زہر کھییہٕ سُے مرِ۔

جو بِٹ رہ گیا سو موتی۔ یی بنیوو تی جان۔
یی سپُد تی رُت۔ م: یہ گو تہٕ گو رُت گو۔

جو بوئے سو ہی کو جائے۔ یہ چھُ وَنان ییٚلہٕ
کانٛہہ کُنہٕ کامہٕ ہُنٛد تہٕ ہیر وَنہٕ تہٕ کام تہٕ
کَسُہٕ تسی مَنٛز۔ مُ:
اَتھہٕ ہاوُن گو اَتھہٕ کھیاوُن۔

جو بوؤگے (وہی) سو کاٹوگے۔ پی وُدُکھ
تی لوٗنکھ۔ م: وُوبا وُو لوٗن با لوٗن۔

جو پہلے مارے سو میری۔ سونہٕ گژھہ نہٕ زانٛہہ
تہٕ اَتھہٕ منٛز تراوُن۔ مُ:
بیگارِ تیلے گژھو زِ تہٕ بڑو نٹھے۔

جو جاگے سو پائے۔ یُس ہُشیار روزِ (وُزِ روزِ)
سُے تکہٕ لاب۔ م: حاضرس بوگ۔

جو جو مُرغی موٹی وہ وہ دُم چھوٹی۔ تہٕ گو
یینی دیار تیژ موٹھہٕ تہٕ ڈُٹھتھ۔ بوٗت
آسُن لَبُن تیژ گوٚ نجوٗسی تہٕ۔ مُ:
کوہ کرِ چھپے وہٹان تہٕ ریکھہ چھپے لِکان۔

جو چڑھے گا سو گرے گا۔ یُس کھسِ سُے
پیٚیہٕ وُسِ۔ مُ: کمالس چُھ زوال۔

جو چوری کرتا ہے وہ موری بھی رکھتا ہے۔
تہٕ ڈیٚتھ گو انجام گژھہ بڑو نٹھے سُرن۔
اژنہٕ بڑو نٹھ گژھہ نیرنگ تہٕ پائے کرُن۔

جو خال (تِل) حد سے بڑھا وہ مسّا ہوا۔
بڈ بوڈ تکھچُن گو نہٕ تکھچُن بلکہٕ سیٚتس
تہٕ گو حدٕ ڈٔلتھ چُھ پڑتھ کینٛہہ تیے شوبہ تہٕ
کوہ کور باسان۔ مُ: ییٚمہٕ گیہٕ تہٕ میٚٹھہٕ گیہٕ۔

جو دم ہے غنیمت ہے۔ دم چھُ غنیمتھ۔

جو دے گا اُس کا بھلے گا۔ ییمہِ سُند
کینژھا کھیتہٕ ژتھ ہندی گوڈن گیوٚ وژ۔
م: ۱۔ اکھہِ دِتھ تہٕ تُتھ ہتھ۔
۲۔ اَمہِ سُس گونٹہٕ ژاٚیو اَہیا دژاٚیو۔

جو سر اُٹھا کے چلے گا ٹھوکر کھائے گا۔
ژھوکس (ژکھرس) چھےٚ ٹھُکر منی۔

جو سحری کھائے وہی روزے رکھے۔
یُسے سحر کھیتہِ تہِ ژرِ روز۔ یُسے فاٗیدہ
تُلہِ سُے تلہِ تکلیف تہٕ۔ م: یُسے مانچھ کھیتہِ
سُے ہیٚیہِ ٹھوپھ تہٕ۔

جو کرے سیوا وہ کھائے میوہ۔ یُسے کرِ
خدمتھ سُے تُلہِ لاب۔ م: خدمتھ چھےٚ
عظمتھ۔

جو گرجتے ہیں وہ برستے نہیں۔ م:
ژھرے مٹہِ چھےٚ وزان۔ ژرِ پن گگراین
نہ روُد ژرِ پن ٹھنُن نہ سوُد۔ گگرایِن تہٕ
روُد، ٹانٹہِ راین نہ وود۔

جو مال سے سوا (زیادہ) چاہے وہ پھاپھا
کٹنی (کہلائے)۔ جو ماں سے زیادہ
چاہے وہ ڈائن کہلاوے۔ یوسہ ماجہِ
ہندِ کھوتہٕ زیٛادہ تہٕ لول برِ سہ چھےٚ پھاپھا
کُٹنی، سہ گیہِ ڈاٗن۔ تہٕ گوٚ تمی سُند تمیتھ
لول چھُ اَپزُے آسان یُس ناکارہ وَنہ گژھِ

لاگتھ ہیٚکہِ۔

جو من میں بسے سو سپنے دِسے۔ تہٕ ڈیٚشتھ گوٚ
پی تنس سُنز آسہ تہٕ نیبر زیوٚ توٚ۔ ییمہِ چھ
کُل گنڈتی یہ بروٚنٹھی۔ م:
خاب گوٚ خیال۔

جو میرے (ہے) سو راجہ کے نہیں۔
م: چھم چیٚشٹ تہٕ چھےٚ ماکانُنہِ۔ چھم تہٕ
چھُ ماکا ژُس۔

جو نہ بھائے آپ کو وہ دے بہو کے باپ کو۔
ل۔م: یہ تہٕ پانس پزٕ ہیٚ نہ گوٚ نوشہِ
ہندِس ماٗلس۔ یہ پانس کھری تہٕ گوٚ ہیٚس۔
یہ چھ ونان ہیٚلہِ سکانہ ناگہ ہار چھنز راٗس
تہٕ پانس روٗژ، ہیٚس دِنہٕ ییہ۔

جو ہانڈی میں ہوگا وہی ڈوئی میں نکلے گا۔
ل۔م: یہ لیٛنجہ سُنز آسہ تہٕ نیبر چوٚنچس
کینہ تھر۔ تہٕ گوٚیی وٚٹنُس منز آسہ
تہٕ نیبر زیوٚ تہٕ۔

جو۔ [ت۔ جو۔ س: یو۔ مذکر]۔ ۱۔ وُشکہٕ
۲۔ اکھ جو۔ ژرھا۔ مودیا۔ پیٚنونتا۔ پیٚنژھا۔
۳۔ ترُپان۔ آنچہ ہُند ترٕ ییٚم حصہٕ
ترلوگ۔ ۴۔ اونگجن ہندی گنڈ۔ اونگجہ
گنڈ۔

جواکھار۔ (مذکر) وُشکہ ژاٗلتھ سوٗرس
بنوومت ٹوٗن۔ یہ چھ اکہِ دوٚہک ناو۔

جوامرچ۔ مَرٕژ وانٛگن ہِم وُشکہٕ ہوی چھ
آسان۔ اَکھ نیٚتھ مَرٕژ وانٛگن قِسم
یُس سیٹھا تیز تہٕ ٹیٚوٹھ چھُ آسان۔
مَرٕژ۔ پِپٕل۔

جواہٹر۔ [مؤنث]۔ لۄکُٹ ہلیلہٕ۔

جوُبھر۔ وُشکہٕ پھٔلِس سۄمب۔ رِزٕ ہُنار۔
جُہٕنار۔ پھیٚونا۔

جوجو۔ رزٕ رٕز (رزٕھ رزٕھ)۔ ہیوٚنٛت ہیوٚنٛت۔
جُوجُو۔ بسو بسو۔

جوفروش گندم نما۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) فِتہٕ باز۔
دوکھہٕ باز۔ دغا باز۔ ژھل باز۔

جوکُٹ۔ جوکوب۔ اَردابہٕ ہٕنٛز دُلال۔
دُدوٗل۔ وٕپوٚٹھ وٕلوٗٹھ دِگنہٕ پٕہتھ
یا مُنٛنتھ۔ وُشکہٕ واٹھ۔

جوین۔ وُشکہٕ ہُنار۔ وُشکہٕ ہُنٛد منٛوو۔
وُشکہٕ ژۄٹ بیتر۔

جوا۔ [ت۔ جوا۔ س: یوٗگہٕ۔ مُذکر]۔ ۱۔ اکہٕ
قسمُک ٹوٗپہ ریکام۔ ۲۔ رۄہُن کُجہٕ ہُند
پٔرتھہ کانتھہ پھوٗل۔ ۳۔ (مؤنث) وُشکہٕ
پھٔلِس سۄمب یا ہیٚوٚہ۔ وُچھو "جو" تہٕ

جوار۔ [ت۔ جوا۔ پراکرت: جُ اَام۔ س: یُگ+
لَم۔ مُذکر]۔ ۱۔ یٔپٹ ۲۔ طوق۔

جُوا ڈال دینا۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) تھکُن۔ ہِمتھ
ہارٕنۍ۔ دِل ہارُن۔

جُوا ہارنا۔ پٔیپٹ ترٛاوُنۍ۔ پٔیپٹ نہٕ زرٕونۍ۔
ہار مانٕنۍ۔ تھکُن۔

جُوائے۲۔ [ت۔ جُوا۔ س: دیوٗتہٕ۔ مُذکر]۔ زار۔
داو (ترٛاوُن)۔ داوس بِہُن۔

جُواباز۔ (مُذکر)۔ زٔاری۔ زار گِندُن وول۔

جُواچور۔ (مُذکر)۔ زٔاری یُس باز زینتھ ژھیپتھ
ہیٚپہ، ژوٗلہٕ۔

جُوا کھیلنا۔ [مُذکر]۔ زار گِندُن۔ داو
ترٛاوُن۔ زارس گِندُن۔

جوے خانہ۔ جُوا گھر۔ [مُذکر]۔ زٔاری بیٚٹھک۔
جائے بیٚٹھ زار گِندنہٕ یِیہٕ۔ زٔاریو وان ٹھِکر۔

جواب۔ [ت۔ ج واب۔ ع۔ مُذکر]۔ ۱۔ جواب
(کنہٕ، چِٹھہِ، سلامہِ بیتر ہُند)۔ ۲۔ جور۔
مُقابلہٕ۔ ۳۔ تردید۔ ۴۔ بدلہٕ۔ ماوضہٕ۔
۵۔ جواب (نوکری وۄکری نِشہٕ کڈٕنہٕ
ژھٕنٛنہٕ یا ییٚہنا ونہٕ یُن)۔ ۶۔ انکار۔ اِنکار
(نینھرک بیتر)۔ ۷۔ جوری۔

جواب الجواب۔ [مُذکر]۔ جوابس جواب۔

جواب باصواب۔ [مُذکر]۔ ییٚتھ شوبہٕ تیٚتھ
جواب۔ ییٚتھ پٔزٕ تیٚتھ جواب۔

جواب پانا۔ ۱۔ نوکری نِشہٕ کڈٕتھ ژھٕنٛنہٕ
یُن۔ جواب سپدُن، ہگرِ نہٕ یُن۔ ۲۔ بدلہٕ
لبُن۔ پھل لۄگُن۔ سزا تُلُن۔ ثمر تُلُن۔
۳۔ جواب واتُن، رٕٹُن۔ (چِٹھہٕ ہُند،

سُوالُک بیتھر)۔ ۴۔ اِنکار کرنہٕ یُن۔ جواب۔ میلُن۔ اِنکار سپدُن۔

**جواب پڑھنا۔** تُرشیک گوڈُنیک مِصرٕ بیٚیہِ نہٕ بیٚیہِ پرُن۔ پھِرِ پھِرِ وَنُن۔

**جواب تُرکی بہ تُرکی۔** جوابس جواب۔ ٹکس ٹکہِ جواب دیُن۔

**جواب تک نہ دینا۔** کَنہہ نہٕ کرُن۔ ناراض آسُن۔ مَلالہٕ آسُن۔

**جوابِ تلخ۔** ٹینٹھ جواب۔ وُلٹہٕ جواب۔ وُٹھوکُر جواب۔

**جوابِ خشک۔** کورٕ جواب۔ صاف جواب۔ ٹاکارٕ جواب۔

**جوابِ دعوٰی۔** داوٕک قونُونی جواب۔ جوابِ داوا۔

**جوابدہ۔** (قونُونہٕ موجوب) ذِمہٕ وار۔ یُس پرٕژھ گارٕ کرنہٕ یِیہ۔ پرٕژھ گارٕ لایق۔ جواب دیٚہ۔

**جواب دہی۔** [مؤنث]۔ (قونُونہٕ موجوب) جواب دِنٕچ ذِمہٕ داری۔ باز پُرس۔

**جواب دے جانا۔** لگہٕ ہارٕ نہٕ روزُن۔ ٹیکہٕ وَسُن۔ سوتُن۔ ژھوکُن۔

**جواب دے دینا۔** ۱۔ پوٗرٕ اِنکار کرُن۔ کورٕ جواب کرُن۔ موقوف کرُن (نوکری بیتھرٕ نِشہٕ کڈِتھ ژھنُن)۔ ۲۔ لگہٕ ہارٕ نہٕ روزُن۔ سوتُن۔ ژھوکُن۔ ۳۔ ڈاکٹرٕ سُند جواب کرُن، ترأوُن (کانٛسہٕ بیمارس وَنُن زِ سُہ سَندارٕ یا بَکلہٕ نہٕ) ۴۔ ترٛاوِتھ ژھنُن۔ ترأوُن۔

**جواب دینا۔** ۱۔ جواب دیُن (پرٛژھہٕ بیتھرٕ مَنٛز) ۲۔ تردید کرُن۔ ۳۔ نوکری نِشہٕ جواب کرُن، کڈِتھ ژھنُن۔ ۴۔ ترأوِتھ ژھنُن۔ ۵۔ بٔڑے اَدبی سان جواب دیُن (نوکرٕ سُند ماکِس) پھیرِتھ دوہتُن۔ پھِرُن۔ ۶۔ کُنہِ کَنہہ یا کامہٕ اِنکار کرُن۔ جواب کرُن زِ میانہٕ ڈَسی یِیہ نہٕ یہ کام۔ ۷۔ سوالُک جواب دیُن۔ ۸۔ لگہٕ ہارٕ نہٕ روزُن۔ سوتُن۔ ژھوکُن۔

**جوابِ سوال۔** [مُذکر]۔ بحثا بحثی۔ سوال جواب۔ واد واد۔

**جواب سوال کرنا۔** واد واد کرُن۔ بحث کرُن۔

**جوابِ شافی۔** (مُذکر)۔ پوٗرٕ جواب۔ دِلس بیٚہہٕ وُن جواب۔ ٹھیکہ جواب۔ وَیہٕ وُن جواب۔

**جوابِ صاف۔** کورٕ جواب۔ صاف جواب۔ بِلکُل اِنکار۔

**جواب طلب۔** ۱۔ پرٕژھہٕ گارٕ کرنس لایق۔ یُس باز پُرس کرُن شوٗبہِ۔ ۲۔ ذِمہٕ وار۔ جواب طلب۔

**جواب طلب کرنا۔** جواب طلب کرُن۔ پرٛژھ گٲر
کرٕنۍ۔ باز پُرس کرُن۔

**جُواب قطعی۔** [مُذکر]۔ ۱۔ پوٗرٕ جواب۔ پکہٕ
جواب۔ ۲۔ کورٕ جواب۔ صاف جواب، نکار۔

**جواب کرنا۔** مُقابلہ کرُن۔ برٛابٔری کرٕنۍ۔
بُتھ لگُن۔ واد واد کرُن۔

**جواب ملنا۔** ۱۔ جواب میلُن۔ ۲۔ جواب
کرنہٕ یُن۔ نکار سپدُن۔ ۳۔ گٔدٕ ژھننہٕ
یُن۔ برطرف سپدُن۔ نوکری نِشہٕ
جواب گژھُن۔ ۴۔ بدلہٕ میلُن۔ سزا میلُن
پھل بوٗگُن۔

**جواب نامہ۔** (مُذکر)۔ سو کیپر ہن یتھ پیٹھ
کینہہ مُسلمان شکلہِ بدِ لیکھتھ چھ تھوان۔
ییٚلہِ یوسہٕ مورد ہنٛدس کفنس سیتۍ
وُڈراوُن ورِ (سپنس) لاگتھ تھونہٕ چھ
پوان۔

**جواب نہ آنا۔** ۱۔ جواب نہٕ یُن (اچھٕ بینٕر)
۲۔ جواب نہٕ پھیورُن۔ دۯرٕ نہٕ پھیورُن۔

**جواب ندارد۔** وُچھو "جواب نہ آنا"۔

**جواب نہ رکھنا۔** جوڑٕ نہٕ آسُن۔ بیاکھ نہٕ
یُتھ یا تیٚتھ آسُن۔ جوڑٕ رووس آسُن۔
یکتا آسُن۔

**جواب نہ ہونا۔** وُچھو "جواب نہ رکھنا"۔

**جواب ہونا۔** ۱۔ جوڑٕ آسُن۔ تیُتھے یا ہیٚتھے
بیاکھ آسُن۔ ۲۔ جواب کرنہٕ یُن۔ نکار
سپدُن۔ ۳۔ جواب۔ تڑدبار۔ م:

شوق سے لکھیں میرے عصیاں فرشتے رات دن
ایک رحمت اُس کی ہے اس سارے دفتر کا جواب
(امیر)

۴۔ ڈکہٕ لگُن۔ تڑاوُنہٕ ژھننہٕ یُن۔
تڑاونہٕ یُن۔ ۵۔ گٔدٕ ژھننہٕ یُن۔ نوکری
نِشہٕ جواب سپدُن۔

**جوابی۔** (مُذکر)۔ ۱۔ سُہ یُس مرثی کرُن
والین ہنٛزٕ پرٛتھ بنٛدٕ کِس موکلنس
پتہٕ مرثیک گوڈنیک مصرع پریا گژھِ
۲۔ جوڑ۔ تیٚتھے بیاکھ یُتھ اکھ آسہِ
ہوٚس ہیٚکہِ۔ ۳۔ ہتھ کرُن دوٚل۔
جواب سوال کرُن دوٚل۔ ژوٗن گوٚر۔
واد واد کرُن دوٚل۔ ۴۔ جوابی (کارڈ بینٕر)۔
۵۔ بیاکھ دوٚر۔ دوٚیُم دوٚر۔

: لوکہِ کتھ :

**جواب جاہلاں باشد خموشی۔** جاہلن
بُتھ لگُن چھُ نہٕ گاٹلین ہُنٛز کام۔

**جواد۔** [ت۔ جوّاد/ جَوواد۔ ع]۔ ۱۔ اسیٚتھا
بخچھایش کرُن دوٚل۔ خوداے۔ بوڈ
بخشن ہار۔ ۲۔ اتھ ووتھ۔ سخی۔ سخاوت

**جوار۔** [ت۔ جُوار/ جِوار۔ مُذکر]۔ نکھہٕ
نکہٕ آسُن۔ ہمسایہ گی۔

**جوار**۔ [ت۔ جَوار۔ مذکر]۔ اکِ قسم جو اناج۔

**جُوار**۔ [ت۔ جُوار۔ س: جَو+ وار۔ مذکر]۔
۱۔ (سَدرہ کری آئیج) وَسن ترائے۔
۲۔ بُپ۔ کنشاہ۔

**جُوار بھاٹا**۔ [مذکر]۔ آئیج کھسیہ وَس (سَدرہ کری)۔ (سَدرہ کئین آیہ ماڑن ہنز) کھسیہ وَس۔

**جوارح**۔ [ت۔ جَوارِح۔ ع۔ جمع۔ "جارحہ" کی۔ مذکر]۔ انسانہ سِندی، شِکارہ کر جانا وارِ سِندی، پُتش سِندی اتھ کھور تہ باقے اَنگ۔

**جوارش**۔ [ت۔ جُوارِش۔ ع: فارسی "گُوارِش" کا مُعرّب۔ مؤنث]۔ اکھ ہاضم دَوا۔

**جُواری**۔ [ت۔ جُواری۔ س: دیوُتہ+ کاری۔ مذکر]۔ زاری۔ زار گِندَن وول۔

**جُواری ڈھنڈاری** (مذکر) بدماش۔ لُچہ۔ نیوُر۔

**جَواری**۔ [ت۔ جَواری۔ مؤنث]۔ پَن یُس سیتارِ چہ سوہ رِ دَرِ پیٹھ گنڈتھ چِھ آسان یِمہ کِ کھارنہ والنہ سیتی آواز تھدان تہ کم گرٔھان چھنے۔

**جَواز**۔ [ت۔ جَواز۔ ع۔ "جوز" سے]۔ جایِز (آسُن)، ٹھیکھ (آسُن)۔ مُناسِب (آسُن) رَوا (آسُن)۔ جَواز۔

**جواز ہونا**۔ جایِز آسُن۔ رَوا آسُن۔

**جواسیس**۔ [ت۔ جَواسیس۔ ع: "جاسوس" کی جمع۔ مذکر]۔ دا بیاہ جوسوس۔ خُفیہ پُلسہ۔ کارِ خانہ نفر۔

**جوالا**۔ [ت۔ جُووالا۔ ع: "جول" سے۔ مذکر]۔ گنٹھ دِنہ وول۔ پھیرِن وول۔

**جوالا**۔ [ت۔ جَوالا۔ مؤنث]۔ رِیٹھہ۔ گاش۔ گاہ۔ ناد۔ نَزَر۔

**جوالا مکھی**۔ [مذکر]۔ ڈیہہ بال۔

**جوامع**۔ [ت۔ جَوامِع۔ ع۔ "جامعہ" کی جمع۔ مذکر]۔ یوٗنورسٹی یہ۔

**جوان**۔ [ت۔ جُواں/جَواں۔ پراکرت: جُوانو۔ س: یُونہ۔ مذکر]۔ ۱۔ لوچہر وانسہ ہُنٛد۔ لوو نہ لہ کُٹ۔ ووتھ وُن۔ یا وُنس مَنز۔ جوان (زنانہ یا مرد)۔ ۲۔ اوٚردوٚر۔ موٚٹ درٛوٚٹ۔ آرزوٗ۔ ۳۔ بلہ وِیر۔ بلہ وان۔ بوٚہ ہُدر۔ ۴۔ بالِغ۔ بالِیٛغ۔ ۵۔ فوٗجی جوان۔ جنٛگی سپاہ۔

**جوانا مرگ مرنا**۔ اَڈٕ زوٚٹ گژھن۔ جانہ مَرگ گژھن۔

**جوان بخت**۔ ڈیکہ بوٚڈ۔ بختہ بوٚڈ۔ یس کھسہ وُن یقبال آسہِ۔ بختاوَر یقبال مَند۔

**جوان جہاں**۔ پوٗرِ پاٹھ تس یاوُنس مَنز۔ مَژ جوانی مَنز۔ پوٗرِ جوان۔

جواں دولت۔ ۱۔ اَزٕ بوڈ۔ ۲۔ یَقبالہٕ وول۔ ڈیکہٕ بوڈ۔

جوانِ رعنا۔ سونٛدر جوان۔ چوٗرٕ۔ پھٔٹرٕ پھٔٹرٕ کرٕوُن جوان۔ شہ یُس کھسہٕ وٕنی جوٗانی آسہٕ۔ خوش لوٗکھ جوان۔ جوانِ رانا۔

جواں سال۔ کھسہٕ وٕنہٕ واٗلنٕہ۔ جوان۔

جوانِ صالح۔ جوان یُس لوٗکچہٕ واٗنسہٕ مُنٛز گوٗنہوٗ نِشہٕ بچتھ آسہٕ۔ پرٔہیزگار (جوان)۔ پاکھ باز (جوان)۔

جواں عید (مؤنث) عید یٕمیُک ژنٛدرٕ گٕنٛزرِتھ ہیٚمہٕ ماہِ رمضانٕ نیبرٕ۔ گٕنٛزرِ ہیٚمہٕ (رمضان) ژنٛدرٕ چ عید۔

جواں مرد۔ ۱۔ بٔلہٕ ویرٕ۔ بٔلہٕ وان۔ بوٗہوٗ دُرٕ۔ ۲۔ دِلہٕ دٔور۔ دِلہٕ بوڈ۔ جِگرٕ وول۔ ہیمتھٕ دول۔ ہیمژ وول۔

جواں مردی۔ [مؤنث]۔ وٕرٕت۔ بٔلہٕ وٲنی۔ بوٗہوٗدُری۔ جواں مردی۔

جواں مرگ۔ جوانہ مرگ۔ جوانا مرگ۔ جانہٕ مرگ۔ شہ یُس لوٗکٕٹے مرٕ، اَڈٕ ژوٗٹ گژھہٕ۔

جوانی۔ یاوُن۔ جوٗانی۔

جوانی اُبھرنا۔ یاوُن کاڈ کڈُن۔ یاوُن یُن۔

جوانی اُترنا۔ یاوُن سوٗرُن۔ یاونٕچ تیٚنہٕ وسٕنی۔

جوانی اُٹھنا۔ یاوُن کاڈ کڈُن۔ یاوُن یُن۔ جوٗانی یِنی۔

جوانی پر آنا۔ وُچھو "جوانی اُبھرنا"۔

جوانی پھٹ پڑنا۔ یاوُن ٹھٕٹھہٕ نیبرُن۔ پھٔٹرٕ پھٔٹرٕ کرٕوُن یاوُن آسُن۔

جوانی تلخ کرنا۔ یاوُن لٔتہٕ کٕنی کڈُن۔ یاوُن ٹھٕٹھرٕ کڈُن۔

جوانی چڑھنا۔ موت یاوُن آسُن۔ کھسہٕ وٕن یاوُن آسُن۔ پھٔٹرٕ پھٔٹرٕ کرٕوُن یاوُن آسُن۔

جوانی خاک کرنا۔ یاوُن لٔرتھ کرُن، رٲوٕرُن۔ جوٗانی خاکس ہٕتی رلہٕ وٕنی۔ یاونس تاوُن ژٕھنُن۔

جوانی خاک میں ملا دینا۔ وُچھو "جوانی خاک کرنا"۔

جوانی دیوانی۔ جوانی دِوانی۔ لوٗکچار گوٗ نٔبہٕ نار۔

جوانی ڈھلنا۔ یاوُن سوٗرُن۔ یاونٕچ دٔوہ سوٗرٕنی۔

جوانی سے پھل پانا۔ یاوُن چھاوُن۔ یاونس وٕنٛوٗرٕ ژٕھنُن۔ یاونٕچ بہار چھاوُن۔

جوانی سے پھل پائے۔ یاوُن ہٕٹرٕ ھٕنے چھاوُن (یہ چھپے آہی) یاونس تٕل وٕنٛوٗر۔ یاونک بہار وُچھہٕ۔

جوانی کا پھل۔ یاونک پھل۔ یاونُک مزٕ۔ عیش۔

**جوانی کا ٹنا۔** یاوہنی دوہ کڈنی، گذارنی۔

**جوانی کا رکو ٹھنا۔** یاؤن روشن۔ یاؤن سوئرن، لوئسن۔

**جوانی کا زور۔** جوانی ہنز زور۔ یاون مد۔

**جوانی کا سکھ۔** یاوُن سوکھ۔ یاونگ سوکھ۔

**جوانی کا سکھ دیکھو۔** یاوہنی دوہ چھاو۔ یاونگ سوکھ وچھ۔ (یہ چھ دعا)۔

**جوانی کا عالم۔** جوانی ہنند عالم۔ یاوُنک عالم۔ وچھو "جوانی کا زور"۔

**جوانی کا نشہ۔** یاوُنک نشہ، مستی۔ یاونچ تیپہ۔ یاوُنک دزبزہ۔

**جوانی کو پہنچنا۔** جوانی منتز تھوہ رتراوُن، واتن۔ بالیشغ گژھن۔

**جوانی کھونا۔** یاوُن راوُن، راوراوُن۔ بوربادکرن۔ جوانی راوراونی۔

**جوانی کی اُمنگ۔** [مؤنث]۔ یاوُنک ترنزر، جوش، زور۔

**جوانی کی ترنگ۔** یاوُن مرزر، ترزر، جوش، زور، تاو۔

**جوانی کے دن۔** [مذکر]۔ یاوہنی دوہ۔ یاوُن لوکچار۔

**جوانی کی راتیں** [مؤنث]۔ یاوہنہ بے پھرورک تہ بنے کھتک راتھ۔

**جوانی کی نیند۔** [مؤنث]۔ یاوہنی، یاونچ زنہار۔ یاوُن مستی ہنز، غفلتچ زنہار۔

**جوانب۔** [ت۔ جوانب۔ ع: "جانب" کی جمع۔ مؤنث]۔ واریاہ طرف، پاس، اکدلرہ۔

**جواہر۔** [ت۔ جواہر۔ ع۔ "جوہر" کی جمع۔ مؤنث]۔ ۱۔ جواہر۔ لال، رتن۔ ۲۔ (واریاہ) سار۔ ہرتژ۔

**جواہرات۔** (جمع الجمع)۔ یہ چھ چھرا اردو ہس منتز ورتاونہ یوان۔ ماتے باپتھ وچھو "جواہر"

**جواہر جڑنا۔** (کنہ) لال جواہر جرنی۔ (ورگہ پاٹھی) موکھتہ ہیوہ لیکھن، موکھتہ جرن۔

**جواہر خانہ۔** [مذکر]۔ پادشاہن ہنز لال جواہر تھوونچ جاے۔ توشہ خانہ۔

**جواہر رقم خان۔** [مذکر]۔ اکس ناماوار خوشنویسہ سُند ناو۔

**جواہر میں تولنا۔** لاونہ جواہرو سیتی تُل (تول) کرن۔ (درگہ) سیٹھا یزتھ کرن، آدر کرن۔

**جواہر نگار۔** ۱۔ لاونہ جواہرو جرتھ۔ ۲۔ خوشخط۔ موکھتہ ہیوہ لیکھن وول۔ سوندر لیکھن وول۔

**جوبلی۔** [ت۔ جوب لی۔ انگریزی د "JUBILEE" کا بگاڑ۔ مؤنث]۔ کونہ کوئی مُتکو پنژرہ، پنژاہ یا شیٹھ وری پورہ گژھنہ پتہ

پادشاہن ہندجش - کنہ ادارکی بیتر
پنشرہ، پنشراہ یا شیشھ ورِی پڑیہ
گڑھنگ وہ رس۔

**جوبن۔** [ سٹ۔ جوبن / جوبن۔ پراکرت: جوونہ۔
سں: یووَنہ۔ مذکر ] ۔ ١۔ وہ تھون
یا کھِسیون یاون ۔ لھوکچار۔ یاون۔
٢۔ حسن ۔ سونڌر آہن۔ شکیل آہن۔
٣۔ حالت۔ ٤۔ بہار۔ شوب۔ دولت۔
٥۔ وِچھ۔ ببر (ٹوڑی) ٦۔ نراوتھ ، تازگی۔
رم: درختوں پر جوبن ہے۔

**جوبن اُبھرنا۔** یاون پھٽِڻ نیرن ۔ یاون کاڈ
کڈن۔

**جوبن اُٹھنا۔** یاون کاڈ کڈن ۔ یاون پھٽِڻ
نیرن۔ (انہری شہ) ببر ٹوری کھِسی۔

**جوبن اُمنگنا۔** وِچھو "جوبن اُبھرنا"۔

**جوبن برسنا۔** یاون ہِن۔ یاون پھولن۔

**جوبن پر آنا۔** یاون ہِن ۔ یاون پھٽِڻ نیرن۔
برجستہ یاون آہن ۔ موت یاون آہن۔

**جوبن پر ہونا۔** موت یاون آہن۔ برجستہ
یاون آہن۔ پھٹہ پھٹہ کرونی جوانی آہی۔

**جوبن پھٹا پڑنا۔** یاون پھٹہ پھٹہ کرن۔

**جوبن پھٹ پڑنا۔** وِچھو "جوبن پھٹا پڑنا"۔

**جوبن ٹپکنا۔** یاون نون نیرن۔

**جوبن چمکانا۔** یاون ہاون۔ یاون ہاوبہ

بھن۔ جوانی ہندی دم ڈنی۔

**جوبن دکھانا۔** یاونگ بہار ہاون۔ یاون
ٹھہ ہاونی۔ یاون تھپکہ ناون۔

**جوبن ڈھلنا۔** یاون سورن یا سوٹن۔

**جوبن سے ڈھلنا۔** یاون سورن ہٹیون۔
جوانی وِسِنی۔

**جوبن کا۔** ١۔ یاونگ ، بہارک ۔ ٢۔ شکیل۔
سونڌر۔ ٣۔ ٹوٹھ ۔ لوہیون ۔ جان۔
زبر۔ زت۔ ٤۔ مزدار۔ رسیل۔ مزھیل۔
رم: کیا جوبن کی ہوا چل رہی ہے۔
کیا جوبن کی ہنڈیا پکائی ہے۔ کیا جوبن
کا عطر ہے۔ کیا جوبن کی عورت ہے۔ بڑے
جوبن کا گانا ہو رہا ہے۔

**جوبن کا ماتا۔** [مذکر]۔ یاون موت۔ یاونس
منز مس۔ سریس پھولیون یاون
آسہ۔ سریس برجستہ یاون آسہ۔ مدھو۔

**جوبن کے دن۔** یاون۔ جوانی۔ یاونکی دوہ۔

**جوبن کی ماتی** (مؤنث)۔ یاون مڑ۔ یاونس منز
مس (زنانہ)۔ سویس پھولیون۔
یاون آسہ۔ مدماتہ۔

**جوبن لٹنا۔** ١۔ یاون چھاونہ ہِن۔ ٢۔ یاون
راون۔ یاون راوِرنہ ہِن۔

**جوبن لوٹنا۔** ١۔ یاون چھاون۔ یاونس ژھوہ
مارنی۔ ٢۔ یاون ہِتھ نِنِن۔ (کانسہ ہندِ)

ياڻونک وڌُڻ نِڪرڻُ.

**جوبن نکالنا۔** ياڻون ڇڏڻ. ياڻون کاڍ ڪرڻُ.

**جوبن نکلنا۔** ياڻون نون نيئڙن. ياڻون ڇِڻُ.

**جوبن ہونا۔** ياڻون آهُن.

**جوت۔** [ت۔ جوت۔ پراکرت ؛ جوتّم۔ مؤنث]۔ ۱۔ گنڍ۔ تو سمہ۔ رَز۔ ڏورِ۔ داڻو رَنڍکھ (گاڏِ بيترِ ھُنڊ)۔ ۲۔ مِتلو۔ دانڊِ سِنڌِ گرَدنِ پيٺ پِيپَٽ گنڍِ تھ ٿھوڻِنج ڪرڻ۔ ۳۔ پيپَٽ۔ ۴۔ وادِ مالِ ھِنڌِ لُوڙ، لانگ۔ وادِ مالِ ھُنڊ ڏَنڍِ۔ ۵۔ دانڊ لاگهن (ڏ ھيٺس)۔ دانڊ جوڙڻ (گاڏِ يا اَلِ باھِ سيتي)۔ لاگنے۔ زمين لاهڻ، ڪاھڻ۔ واھڻ زمين۔ لاھڻ زمين۔ ۶۔ تڙ ڪرِ پوتر گنڍِ تھ ٿھونچ رَز۔ ۷۔ ھالي يا ڪِيس ڪاشتڪار يا ھالي ڌيھ۔

**جوتا۔** [ت۔ جوتا۔ مذکر]۔ ھالي۔ زمين لاگُن وول۔ گڙوس۔

**جوتاو۔** لاهڻ لايق زمين۔ زمين جيھ لاگنے ڪرِ ھئي تھ ھيکي زر۔

**جوت بوت۔** [مؤنث]۔ لاگنے۔

**جوت دینا۔** ۱۔ گريا دانڊ جوڙن، لاگنُ۔ (گاڏِ، اَلِ باھِ بيترا)۔ ۲۔ (ورگيءِ پاٺو) کنہ کامہ لاگنُ۔ کنہ کامہ لاگہ تھئونُ۔

**جوتی۔** [ت۔ جوت رس ؛ جيونہ۔ مؤنث]۔ ۱۔ گاش۔ گاہ۔ نپہ ناو۔ ۲۔ ناپھ۔ ناپہ زز۔ سري پير چڙ پڙو۔ ۳۔ ٿڙ آنگو رِنيھ۔ ۴۔ ٿوڻنگ۔ ۵۔ اُچھ گاش۔ بينائي نظر۔ ۶۔ (ورگيءِ پاٺي) پڙان، رُح، زو۔

**جوت بتی کرنا۔** ۱۔ ڏيئن ديپ ٻارڻُ۔ ۲۔ موکل در، جن بيترِ حاضر ڪرڻي۔

**جوت جگانا۔** ۱۔ ٿوڻنگ ٻارڻُ۔ گاش اَڻُ۔ ۲۔ موکل در، جن بيترِ حاضر ڪرڻي (سو مهبر ڦي)۔

**جوت چڑھانا۔** وِڇھو "جوت بتی کرنا"۔

**جوتا۔** [ت۔ جوتا۔ پراکرت ؛ جوتّہ اُم۔ مذکر]۔ دوس، ديوار يا لب يو سہ ڙھيبن گرِ۔ بيني۔ مُنتر وِڙ ھڙ، کھاڙ ٿڙ لب بيني بيترِ۔

**جوتا۔** [ت۔ جوتا۔ پراکرت ؛ جُتّہ اُم۔ مذکر]۔ ڪھوڙ باھِ۔ پاٽزار۔

**جوتا اٹھانا۔** پاٽزار آيہ ناوُن۔ (ڪانسہِ لايئہ باپِيھ) پاٽزار ٽلن۔ (ڪانسہ) پاٽزار ڊِنہِ ووڻٿُن۔

**جوتا اچھلنا۔** اوڊ يور پاٽزار لايئہ ٻيني۔ پاٽزار ڊِنہِ ٻيني۔ پاٽزار ڪاري سيبڊِي۔ پاٽزار چلاونہ ٻيني۔

**جوتا برسنا۔** پاٽزار وسني۔ پاٽزار پئيني۔ (ادگرِ پاٺو) بے عزتی گرھني۔

**جوتا جاتی۔** پاٽزار ڪاري۔ اوڊ يور پاٽزار وسني۔

**جوتا چرانا۔** (ساجن بیتر ہند) ہیراز ستنار کھوربانہ
مزاقہ باپتھ ژور نھاوُن۔ اکھ چھپنے مو کلاوُنی
پیوان دِنی۔

**جوتا چلنا۔** وُچھو "جوتا اُچھلنا"۔

**جوتا چھپانا۔** وُچھو "جوتا چرانا"۔ رم:
مان جائیں دلہن ہوں میں ڈالونگی آنچل ہے میرا کام
جوتا چھپا کے نیگ لیں دُلہن کی سالیاں!
(جالصاحب)

**جوتا چھپائی۔** (ساجن بیتر ہند) ہیراز ستنار کھوربانہ
کھنتھ نھولنس پیٹھ مو کلاوُنی۔

**جوتا دینا۔** ۱۔ کھوُرن ژھننہ (لاگنہ) خاطر
کھوربانہ دیُن۔ ۲۔ پَزار دِنی۔ پَزار والنی
بیزتی کرُنی۔

**جوتا سر پہ ٹوٹنا۔** کَلس پَزار وُسنی، پینی۔
سخ چوب پینی۔ وُزِوی وُزِوی پَزار وُسنی۔

**جوتا لگانا۔** پَزار دِنی۔ پَزار والنی۔

**جوتا لگنا۔** ۱۔ (ورگہ) پَزار لگنی۔ پَزار پینی۔
وُتھرُ وُسنی۔ ۲۔ (ورگہ) نوقصان گژھن۔
کاٹہ پیوُن۔ رم:
اس کام میں سو روپے کا جوتا لگا۔

**جوتا مارنا۔** ۱۔ پَزار دِنی۔ پامہ دِنہ۔ کنھ وِنہ۔
ثیتھ تیتھ وَنُن۔ ۲۔ (احسان کرِتھ) کانھہ
شرمندہ کرُن، کانسہ نہ کنھہ کرِنس وار تھوُن۔

**جوتم جوتا۔** پَزار کاری۔ پَزار پِٹی۔

**جوتم جوتا ہونا۔** پَزار کاری سپدنی۔ پَزار چلاونہ یِنی

**جوتے اُڑانا۔** پَزار چلاونی۔ پَزار دِنی۔ لاینی۔

**جوتے سے آنا۔** وُچھو "جوتا مارنا"۔

**جوتے سے خبر لینا۔** وُچھو "جوتا لگانا"۔

**جوتے کا آشنا۔** پَزارن ہُند لودمُت۔
بنے بزتی ہُند لودمُت۔

**جوتے کاری۔** (مؤنث) پَزار کاری۔ پَزار پِٹی۔

**جوتے کا یار۔** وُچھو "جوتے کا آشنا"۔

**جونری۔** [ت۔ جُونت ری / جُونت نری۔ مؤنث]
زاپھل پوش۔ زاپھل۔

**جوتش۔** [ت۔ جوتش۔ س: جوتشیہ۔ مذکر]۔
نوجوتک علم۔ جوتش۔ گرہن تہ نیشتر
زانک شاستر۔

**جوتشی۔** [ت۔ جوت شی۔ س: جیوتشرک۔ مذکر]۔
جوتش۔ ستارن ہُند علم زانن وول۔
نوجوتک علم زانن وول۔ نوجوامی۔

**جوتنا۔** [ت۔ جوت نا۔ پراکرت: جوت۔]۔ ۱۔ جوُرن
(دگر گاڑ بینر)۔ دانہ وانہ لاگن۔ دانہ جوُرنی۔
۲۔ کامہ لاگن یا لاگتھ تھوُن۔ ۳۔ دانہ وانہ
زمین وانہ۔ لاگنہ کرُنی۔ ۴۔ تُلُن (شور بیتر)
رم: اودھم جوتنا۔ ۵۔ زینُن۔ انفس
منتر اُن۔ پانس کُن پھرُن۔

**جوتنا بونا۔** زمین وانہ تہ وُونی۔ لاگنہ کرُنی۔

**جوتی۔** [جوتی۔ پراکرت: جُتیہ آ۔ مؤنث]۔

کھوربانہٕ۔ پازار۔

**جوتی اچھلنا۔** پازار کاری سپدٕنی۔ پازار چلاونہٕ یِنہٕ۔ ڈُقر دٕسنی۔ دوٕرگنہٕ گژھنی۔

**جوتیاں توڑنا۔** کھوربانہٕ پھالوٕنی۔ بےٚ فایدٕ کوٗشش کرٕنی۔ ٹلہٕ دوٕ دٕ کرٕنی۔

**جوتیاں چٹخاتے پھرنا۔** درٕ بدر تہٕ آوارٕ پھیرُن۔ ہٹرٕ ہٹرٕ پھیرُن۔

**جوتیاں سر پر رکھنا۔** ا۔ ل۔ م۔ پازار کلس پیٹھ ہینی تہٕ گوٗ کانٛسہِ تھٕنٛی کرٕنی، خوشامد کرُن۔ ۲۔ لُٹ ہینی۔ کُنہِ جایہِ پیٹھٕ ژٕلُن۔ دگ نھوٕنی۔

**جوتیاں سیدھی کرنا۔** (ووٗرگہٕ) آدر کرُن، یزتھ کرُن (بیزرٕ ھہ بٕرٕ ھ)۔ م: جس نے بڑوں کی جوتیاں سیدھی کیں، وہ کچھ سیکھ گیا۔

**جوتیاں کھانا۔** پازار کھینی۔ رد بدٕ ژالُن (ووٗرگہٕ) سخ بےٚ ڈُقری سپدٕنی۔ دوٕرگنہٕ گژھنی۔

**جوتیاں گانٹھنا۔** ا۔ پازار شیرٕنی۔ پازارن مرمتھ کرٕنی۔ پازارن دٕج ترٕوپ کرُن۔ ۲۔ (ووٗرگہٕ) ذٔلیل کام کرٕنی۔ ۳۔ (ووٗرگہٕ پاٹھی) یٔژھ ناکارٕ سلاے کرٕنی، سُوٗن۔ بٔخیہٕ دِنہٕ۔ وٕیٚچھ وٕیٚچھ یا دوٗر دوٗر ٹیبہٕ دِنہٕ۔ واتٕل ٹیبہٕ دِنہٕ۔

**جوتیاں مارنا۔** پازار دِنی، والنی (کانٛسہِ) ڈُقر والنی۔ بینہٕ تُھشتھ وُنُن۔ دوٕرگنہٕ کرٕنی۔

**جوتی بغل میں دبانا۔ جوتیاں بغل میں دبانا۔** پازار کرٕھس تَل تھوٗنہٕ ژٕلُن۔ نٕبٕے شوٗنکو پاٹھی ژٕلُن۔ ژھیٚپہِ ژٕلُن۔ دگ نھوٕنی۔

**جوتی پر جوتی چڑھنا۔** کھوربانس پیٹھ کھوربانہٕ کھسُن۔ یہِ چھُ سفرٕک شوٗگون مانہٕ یوان تہٕ کیٚنہٕ چھِ امہِ ٹلہٕ لٹا یہِ تھٕنہٕ شوٗگون رٹان۔

**جوتی پر رکھ کر روٹی دینا۔** پازارس کیتھ موٗنڈ دِنی تہٕ گوٗ حقارژ سان کھیاوُن چاوُن، کھیون چٕن دیُن۔ م: گرٕبتھ اتھہٕ پوٗھراونس دیُن۔

**جوتی پر کاجل پارنا۔** پادارس پیٹھ کرٕزل بناوُن۔ ان پرٕ زنانہٕ چھیٚپہِ بنتھ پاٹھی کرٕزل بناوِتھ ماہرازس لاگان ییٚتھ سٕہ ہرٕ ہمیشہٕ نٔم تَل روز۔ (یہِ چھیٚپہِ اکھ تانٛتھر)۔

**جوتی پر مارنا۔** پازارس وُنڈن۔ ڈیمبر پایہٕ ژانُن۔ نفرتھ کرٕنی۔ پرواے نہٕ کرُن۔ کُنہِ گرٕ تہٕ منٛز نہٕ ہیٚوٗن۔

**جوتی پہنانا۔** پازار ٹلی ہیتھ دیُن (کانٛسہِ کھورُن) کھوربانہٕ لاگُن۔

**جوتی پہننا۔** پازار لاگُن۔ کھوربانہٕ ٹلی ہیٚوٗن۔

**جوتی بیزار۔** پازار کاری۔ پازارٕ پازار۔ لڑائے۔ ہٕر۔ جنگ۔

**جوتی بیزار چلنا۔** ا۔ لایہٕ لاے گژھنی۔ چوبہٕ چوبے سپدٕنی۔ پازار کاری سپدٕنی۔ ۲۔ واد واد گژھن،

سپدُن ۔ کھٹہٕ کھٹم گژھنۍ ۔

**جوتی پیزار لڑنا۔** پانہٕ وانٛی جُتہٕ پھو بلہٕ ونۍ۔ اُتھ
بلہٕ وُن، ہریا لُڑاے کرٕنۍ۔

**جوتی جانے۔** زانہٕ (ہیُون) پٲزار۔ پٲزارس
وُنٛدنہٕ۔

**جوتی چلنا۔** پٲزارکاری سپدٕنۍ۔ لایہ لاے کرنہٕ
یِنۍ۔ لڑاے سپدٕنۍ۔

**جوتی چھپائی۔** (مؤنث)۔ وچھو "جوتا چھپائی"

**جوتی خور۔ خوار۔** پٲزارن ہُند لۅدمُت۔ چوبن
ہُند لۅدمُت۔ بےعزتی ہُند لۅدمُت۔ بےعزتی بانہٕ۔

**جوتی سے یا جوتی کی نوک سے۔** پٲزارس وُنٛدنہٕ۔

**جوتی کو کیا غرض۔** پٲزارس وُنٛدنہٕ۔ پٲزار
گوٚ تار۔

**جوتی کی اَنی۔** پٲزار نوکھ۔

**جوتی کے برابر نہ سمجھنا۔** پٲزارس برابر نہٕ وپنٛدُن،
مانُن۔ وُسی بایہ زانُن۔

**جوتی کے سپٹ سپٹ کو نہ پہنچنا۔** پٲزارکس
کرکرس نہٕ واتُن تہٕ گوٚ سیٹھا وُسو باپہ
تہٕ ناگلہ بار آسُن۔ کانہہ نہٕ بوٚر نہٕ آسُن۔

**جوتی کے تلے سے ناک کاٹ لینا۔** سیٹھا
وُقر گژھنہ۔ یُتھ بےعزتی کرٕنۍ، دوہ رکھنہ کرٕنۍ۔
یُتھ ذٔلیل کرُن۔

**جوتیوں سمیت آنکھوں میں بیٹھنا۔** ل۔م۔
پٲزار ہیتھ اَچھن منٛز بہُن تہٕ گوٚ اَچھن کُچھ

ژھنُن۔ بےبُتھو پاٹھی کنہٕ پزِ کتھ یب
کرُن۔ زورٕ اپزاوُن۔

**جوتیوں سے لگی ہوئی ہونا۔** پتہٕ پتہٕ پھیرونۍ
آسنۍ تہٕ گوٚ سیٹھا تابیا دار آسنۍ۔ سنتی ستی
آسنۍ۔

**جوتیوں کا صدقہ۔** پٲزارُک خٲراتھ۔ باوشہٕ
یا پٲزارٕ ستی۔ (یہ چھہ ہٕزرٕ پاٹھی کانٛسہٕ
ہُند احسان مانُنہٕ باپتھ ونان)۔

**جوتیوں کی سھڑکار سے بچنا۔** وۅکھلی پکنس
کھوژُن، لوٚب روژُن، پوٚت ہیُون۔

**جوتیوں میں باندھ بندھے ہونا۔ جوتیوں
میں باندھ بندھ جانا۔** (ورکہٕ پاٹھی) سیٹھا
غریب، نادار تہٕ اتھہٕ چھوٚن آسُن۔
نوٚن تہٕ ننگے چھوٚن نہٕ چھوٹے آسُن۔

**جوتیوں میں دال بٹنا۔** پانہٕ وانٛی پھاس پیوٚن۔
لڑاے جھگڑٕ گژھن۔ اَن بن آسنۍ سپدٕنۍ۔

**جوتی۔** [ت۔ جُوتی۔ پراکرت: جوتٕہ آ۔ مؤنث]۔
۱۔ ترژکرٕ پوترٕ ڈانٛڈ (ڈُنجہٕ) ستی گنڈتھ
تھوٕنچ رز۔ ۲۔ ہتلہٕ۔ منترڈ۔ دانٛدٕ
ہنٛزٕ گردنہٕ ستی یپٹ گنڈتھ تھوٕنچ
رز۔

**جوٹ۔** [ت۔ جوٹ۔ پراکرت: جُتّم۔ مذکر]۔
۱۔ ہور، ہور، ہوٚر، جوٚرِ (دانٛدن وانٛدن
ہنٛز)۔ ۲۔ جور۔ برابر۔ ہیوٚہ رلہٕ وُن۔

ہُم شٕکل ۔۳۔ ساتھی ۔ سٕتی بوج ۔ رفیق ۔

**جوٹ باندھنا۔** جورٕ سٕو مبہرادُن ، جورٕ ہلہٕ ناوُن ۔

**جوٹھ ۔ جوٹھا ۔** [ت ۔ جوٗٹھ / جوٗٹھا ۔ مُذکر ] ۔ ژھیٚنوٚٹھ بہٕ کھیتھ ہُرِ یا پنٛنہِ گُن ترٛاونہٕ یِیہِ ۔

**جوٹیا ۔ جوٹی ۔** [ت ۔ جوٹہٕ یا / جوٹی ۔ مُذکر ] ۔ ۱۔ مددگار ۔ مدتی ۔ ساتھی ۔ سٕتی بوج ۔ ۲۔ کٔژیرِ کِی داند ہکہٕ ناوُن وول ۔

**جوجہ ۔** [ت ۔ جوٗجوٗ ۔ مُذکر ] ۔ ۱۔ شُرِین کھوژناونک اکھ فرضی ناو ۔ ۲۔ کانٛہہ تِہ ووکھ زٕوٚن یا چیٖز ۔ م : کھوٗکھ ۔

**جوجھنا ۔** [ت ۔ جوٗجھنا ] ۔ ۱۔ جنگ کرُن ۔ لڑائے کرٕنی ۔ لڑُن ۔ ٹھولہِ لگُن ۔ لڑٕ کرٕنی ۔ ۲۔ مارٕنہٕ یُن ۔ قتل سپدُن ۔

**جود ۔** [ت ۔ جوٗد ۔ مُذکر ] ۔ سخاوتھ ۔ اتھٕ ووٚتھ آسُن ۔

**جودت ۔** [ت ۔ جُوٗدت ۔ ع ؛ جُودۃ ۔ مُذکر ] ۔ گاٹہٕ جار ۔ گاٹہٕ ۔ تیٖزک آسُن ۔

**جودھا ۔** [ت ۔ جوٗدھا ۔ مُذکر ] ۔ ۱۔ بوٚڈ ہوٚڈر ۔ بلہٕ وِیر ۔ ۲۔ فوجی ۔ سپاہ ۔ جنگ کرن وول ۔ لڑُن وول ۔

**جوڈیشل ۔** [ت ۔ جُڈی شل ۔ انگریزی : JUDICIAL ] ۔ عدالتی ۔ جوٗڈِ شل ۔

**جور ۔** [ت ۔ جُوٗر ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔ ستم ۔ ظُلم ۔ زور زبردستی ۔ انیاے ۔ بے انصافی ۔ کرٕپھر ۔ سختی ۔ ترشٕکہٕ جار ۔

۔: لوکہٕ کتھ :۔

جورِ اُستاد بہ زمہرِ پدر ۔ ووستادُن سُند لایُن چھُ ماٚلی سٕندِ موجبٕہ کھوتہٕ جان ۔

**جورو ۔** [ت ۔ جورُوٗ ۔ مؤنث ] ۔ آشیٚنی ۔ زنانہٕ ۔ کولے ۔

**جورو کا بھائی ۔** ہُہَر ۔ آشنہٕ ہُند بوے ۔

**جورو کا غلام ۔** (مُذکر ) ۔ زن مرید ۔ زنانہٕ یوٚز ۔ زنانہٕ ہُند غلام ۔

**جورو کا مرید ۔** (مُذکر ) ۔ وچھو "جورو کا غلام"

**جورو کا مزدور ۔** (مُذکر ) ۔ زنانہٕ یوٚز ۔ زن مرید ۔ شہ یُس زنانہٕ نِش کوٚرمت آسہِ ۔

۔: لوکہٕ کتھ :۔

**جورو خصم کی لڑائی دودھ کی سی ملائی ۔**

م : دون بانٛژن ہنٛز لڑائے گیہِ ورائز ہُنٛد رود ۔

**جورو نہ جاتا اللہ میاں سے ناتا ۔** لنڈرِس منڈرِس دے باندو یہ چھہِ وَنان تس یُس نہٕ شُرمُر نیتھر آسہِ ۔

**جوری ۔** [ت ۔ جوٗری ۔ انگریزی : JURY ] ۔ عدالتس منٛز جمس سٕتی بہن والی فاٚصلہٕ ۔

**جوڑ ۔** [ت ۔ جوڑ ۔ پراکرت : جوڑ (ا) ۔ مُذکر ] ۔ ۱۔ گنڈ ۔ ۲۔ واٹھ ۔ میٖل ۔ ۳۔ گرٛہن ہُند میٖل ۔ تقدیر ۔ ۴۔ جمع ۔ میزان ۔ کُل ۔ جمع کرِتھ ، جوٗرِتھ ، سٕو مبرِتھ (حسابس منٛز) ۔

۵- ڙهل- ڙوي- سنڌ واڙ- ۶- ٹاڻه- الزام- ۷- هوس هئوه- جوڙ- برابر- ۸- جوڙي- هوُر (هوُر)- ۹- ٹيپ- ٹڙپ- سلائي- ۱۰- ڊاٻيڙ (ٻس کهوڙ ڇه اوڻگيه يانيوٹهس لاڳنه ڇه پوان)- ۱۱- جوڙ- بنڌ- ۱۲- واٺهه، ڏج، ڇهل (کپڙ ڄ بيتر)- ۱۳- اچهڙن هنڌ جوڙن- اُچهڙ ڙلاوڙي- ۱۴- مرٺي خانن هنڌ حماته- ۱۵- بدنيچ اکه قسيچ اٺڙم تني ڙم.

**جوڑباز**- فندباز- ڙهل باز- ڙوبل-

**جوڑ باندھنا**- ۱- ڏبڏبه باپنه ڙجوڙس جوڙ پهلوان کهڙ کڙته ٹهوڙي، ڙارڙي- ۲- کنه کامه پيهٹ ڙ انسان لاڳني- ۳- پنهنُ مطلب، کڏٹه باپنه نوي نوي تدبير کري.

**جوڑ بٹھانا**- ۱- واٹن- جوڙن- ڙلاڻن- جوڙوُن- ٹڙبٹيهناوڙي- ٹه جوڙي- جوڙ بيٹر پننه جايه بٹيهناوڻ- ۲- ميزان ٹهپکه کرُن، کهڙ کرُن-

**جوڑ بدنا**- ڏبڏبه باپنه ڙپهلوان ڙارڙي.

**جوڑ بٹھانا**- ٹانڍه لاڳني- ڙهل کري- فند کري- ڙوي کري-

**جوڑ بند**- (مذکر)- جوڙ- بنڌ- نانهه واٹهه نان-

**جوڑ بند ڈھیلے کرنا**- ٹيٹار کڍُن- ٹنه کنی کڍُن- ٹيڍا واٹناوُن- ٹيڙ پريشان کرُن-

**جوڑ بندھنا**- ۱- کنه کامه ڙ ڙني لاڳنه ٹني- ۲- (کشتي) باپنه ڙپهلوان ڙارنه ٹني، کهڙ گڏهتي- ۳- ڙوبه، چاله سپڏنه- تدبير سپڏڙي-

**جوڑ پھڑکنا**- ۱- اکس لڙايه کوه که ٹنز بٹيس لڙايه کوه کرُس سنتي جنگه جنگ کري لڙايه کوه کرُن هٹز ٹننا جنگ کري- کوه کر جنگ گڏنٹن- ۲- جنگي باڙن هٹز جنگه جنگ کري- باڙ جنگ- ۳- ڊون هوٹن کسب داڙن هنڌ ٹهوله لگنه اکه اکس گوڻن ٹاوڙي-

**جوڑ پہننا**- ۱- پلو لاڳني- سوٹه (پلوُن هنڌ) لاڳن- ۲- کهوه رباته کهوڙن ڙهڻن-

**جوڑ توڑ**- ۱- ڙٹن واٹن- ٹڙهه واٹهه- شيرڙار- ڙهه کپهٹ- ۲- ڙهل- ڙوي- سنز واڙ- چال- جوڙ توڙ- ۳- پاڻي- تدبير- ۴- گاٹه- گاٹه جار- ڏِسو "توڙ جوڙ" ته-

**جوڑ جوڑ**- اُنگ اُنگ- بنڌ بنڌ- جوڙ جوڙ- ٹان ٹان- ساري وُسحان-

**جوڑ جوڑ شرارت بھری ہونا**- رُم رُم پهيٹيل آهن- ساري پيهٹه بدن تمام پهيٹ آهن-

**جوڑ جوڑ کے دھرنا**- ٹوُ ٹجوسي کري کري پاٹنه پنه پکه کري، روپيه سوُمبرته ٹهونه- پاٹنه پاٹنه سوُمبرته ٹهوُن-

جوڑ جوڑ کے مر جانا۔ پانسہٕ پانسہٕ سوٗمبرتھ مرُن۔
کوٗنچوٗسی سان رۄپیہ سوٗمبرتھ تمیٚ لاب
ژھٔنتھ وُرآئی مرُن۔
جوڑ جوڑ مر جانا۔ وُچھو "جوڑ جوڑ کے مر جانا"
جوڑ چلنا۔ فند ہیکُن یا کارگر گژھُن۔ چال سدٕنی۔
تمہ پرٕ ستیٚ وُدٕ گژھُن۔
جوڑ چھٹنا۔ دوٚن پہلوانن ہُند دبٕ دبٕ یا پنہ
اکہ اَکِس مَنٛز وُسُن۔
جوڑ دار۔ واٹہٕ دار۔ واٹل۔ وُج ترٛوپ کرِتھ، لاگتھ
جوڑ کا۔ جوٗرک۔ جورٕ۔ برابر۔
جوڑ کا توڑ۔ جوُرس جورٕ۔ ہوٗس ہیوٗہ۔ یُتھ
اَکھ آسہٕ تیٚتھے بیاکھ۔ ٹھوہٕ لہٕ ٹھول۔
جوڑ کرنا۔ ا۔ ژھل کرُن۔ فند کرُن۔ دوکھ
دیُن۔ ۲۔ ہس دیُن تُلُن، وُلِش دیُن
(کانٛسہِ ہنٛز) وناوُن کرٕنی۔
جوڑ کو جوڑ ملنا۔ ہوٗس ہیوٗہ میلُن، سمکھُن۔
جوٗرس جورٕ بنُن۔
جوڑ گانٹھنا۔ ا۔ سنٛز واز کرٕنی۔ ژوٚے کرٕنی۔
ژھل کرُن۔ ۲۔ واٹھ دیُن، سرٛن، واٹُن۔
وُج بیٛتھر لاگنی۔ جوٗرُن۔ ۳۔ اَچھر جورٕنی (لیکھنہٕ وِزِ)
جوڑ لگانا۔ ا۔ ترٛس تہ ماد سٕنٛد میلُن۔ مادس
نر لاگُن یا تراوُن۔ ۲۔ واٹھ دیُن۔
۳۔ میزان دیُن۔ جمع کرُن۔ ۴۔ کتابَس
منٛز دوٚن حرفن واٹھ دیُن۔ حرفس ستیٚ حرف
رلاوُن۔ اَچھر رلہٕ وان کرٕنی۔
جوڑ مارنا۔ ا۔ ژوٚے کرُن۔ چال یا فند کرُن۔
ژوٚے کرٕنی۔ ۲۔ کن برٕنی۔ شکایتھ کرٕنی۔
وناوُن کرٕنی۔
جوڑ ملنا۔ جورٕ بنُن۔ ہوٗس ہیوٗہ میلُن بنُن رلُن۔
لوکہ کتھ:-
جوڑ جوڑ مر جائیں گے مال جنوائی کھائیں گے۔
جو جنوائے نہ ہوں گے تو خالصے لگ جائیں گے۔
کوٗنچوٗسس چھ اَفسوس لاران۔ کوٗنچوٗسس
ژھٔنہٕ کینٛہہ تہٕ لاران۔
جوڑا۔ [ث۔ جوٗڑا۔ مذکر]۔ ا۔ واٹھ۔ ۲۔ بیاکھ،
دوٚیُم (نر یا ماد)۔ جورٕ۔ برابر۔ ۳۔ کھوٚربانہٕ
جوٗری، موزٕ جوٗری بیتر۔ ۴۔ ساتھی۔ ستیٚ
بوزج۔ ۵۔ پلو جور۔ پوٗر پہ شاکھ۔ سوٗٹھ
(پلوٚن ہُند)۔ ۶۔ مہرِ بنہٕ ہُند وردن۔
۷۔ رل (سون یا رۄپہ)۔ کٔٹھ۔ (سون یا
رۄپہ)۔ رم:

اچھے سے بُرے مل کے بنا لیتے ہیں جوڑا
مکار مہوس ہیں زمانہ ہے دغل کا
(بحر)

جوڑا اُٹھانا۔ پاپوش، پیزار، کھوٚربانہٕ تُلُن۔
(کانٛسہِ ہُند)۔ رم:

جوڑا نہ اٹھایا نہ کبھی پاؤں دھلائے
سیکھو ابھی اے بحر محبت کے قرینے
(بحر)

جوڑا بڑھانا۔ پلو کڈنی۔ پلو کڈتھ تھونی۔

جوڑا بنانا۔ ۱۔ زل سوٚن یا روٚپہ بناوُن۔ کنہِ سوٚن یا روٚپہ بناوُن رکھوٚٹ سوٚن یا روٚپہ بناوُن۔ ۲۔ پوٚر پوشاکھ بناوُن۔ سکلہِ نلہِ پوشاکھ تیار کرُن۔ ۳۔ کھوربانہٕ بناوُن۔ ۴۔ بُشکرِ بناونہٕ۔

جوڑا پہننا۔ ۱۔ پوشاکھ لاگنی۔ پلو لاگنی۔ ۲۔ کھوربانہٕ لاگُن۔ پاپوش یا پاٹار لاگُن۔

جوڑا دینا۔ جوڑ دیُن۔ تان دیُن (نرس مادس تہ مادس نر) یا (نرہ سندِ باپتھ ماد تہ مادہ سندِ باپتھ نر)۔ م: جانصاحب

شمشاد کو قمری کا ہیں کیا جوڑا دوں نسرین
لو جھول میں مارے کے سوا پر نہ نکالا۔

جوڑے باگے۔ نہرا سُند وردن یا پوشاکھ خلعتھ۔

جوڑے بردار۔ کھوربانہٕ تلن وول، واجینی (نوکر یا نوکرانی)۔

جوڑے کے کبوتر۔ کوتر جوڑری لیسہٕ (بچہ کڈنہٕ، بچہ کشی باپتھ) بیٚیو کوترو نشہٕ بیتھوٚن تہ بارون ترس منز بند تھونہٕ ییہٕ۔

جوڑا۔ [ت۔ جوڑا۔ س: جٹہ کم۔ مذکر]۔ ۱۔ جوڑ۔ لُنٹھ (مستک)، سکلک مس یُس زنانہٕ پارنھ کلس پیٹھ کُن اَر کرتھ چھنے تھوان۔ ۲۔ وٚٹھمتھ بشگرِ رز۔ ۳۔ اَر دکا سویا بشگہِ ہیٚز)۔ یمہِ نوٚٹ بیترِ اورپورنہ ڈولنہٕ موکھ تتھ تلہِ چھنے تھونہٕ یوان۔ ۴۔ بلبلہِ سُند تلج، ژھوگ۔ ۵۔ (دستارُک) پٹھکہِ۔ دستارچ لُرٹے۔ دستارچ سوٚہن یمہ سہِ پتھ کُن چھ ترٛاوان۔

جوڑنا۔ [ت۔ جوڑنا۔ پراکرت: جوڑ (ا)]۔ ۱۔ جوڑُن۔ واٹھُن۔ ہلہ ناوُن۔ واٹھ دیُن، کرُن۔ ۲۔ کُنہِ (پیٹھ) لاگُن۔ مرُن۔ ۳۔ سوٚمبرُن (روپیہ پائسہ بیترِ)، پنھ ہلہ کرُن۔ دینھ پنھ پائسہ بچاوُن۔ ۴۔ میزان کرُن۔ جمع کرُن۔ ۵۔ گنزرُن، شمار کرُن۔ لکھ بوزُن۔ حساب بوزُن۔ ۶۔ تار بیترِ گنڈُن، وٚنُن یا سوٚمبرُن۔ ۷۔ جوڑُن۔ لاگُن (گر، داند گاڑ بیترِ)۔ ۸۔ زالُن (اژوٚنگ بیترِ)۔ ۹۔ یارِ زلاگنی مینٛزرن، ورناوُن۔ تولُن یا واٹھ تھوُن (کانسہِ سیتی)۔ ۱۰۔ گنڈ ہیٚوٚن۔ گنڈُن۔ گنڈتھ تھوُن۔ ۱۱۔ دوٚر بناوُن، سہزرواز کرنی۔ ستہِ وٹہ کرُن۔ ۱۲۔ نُنھی کرنی۔ کُنہ سیتی گنڈتھ تھوُن، شامل کرُن۔ ۱۳۔ (الزام) دیُن۔ (ہارتھ) لاگنی۔

جوڑوان۔ [ت۔ جوڑوان۔ مونث/مذکر]۔ ۱۔ ڈکہِ ویرِ یا ڈکرِ زامتی۔ ڈکہِ ہنٛدی ۲۔ (زچیزا پانہٕ وانٛنی ژلیتھ یا ملیتھ آسنی۔

جوڑی۔ [ت۔ ...ی۔ مؤنث]۔ تہر۔ تپھ۔ نَر۔ رالہِ۔

جوڑی۔ [ت۔ جوڑی۔ مؤنث]۔ ۱۔ (طبلہٕ، تھالجہٕ، ...، نپلہٕ، دارِ، دَرواز، گُری یا ...ندٕ) جوڑی۔ ۲۔ زٕ ہیوی چیز انسان بتہ

جوڑیال)۔ (مؤنث)۔ جورِ۔

جوڑی؛ بر قرار رہے۔ جوری رٕوزنی واپر دتہ ... بازٕ (رٕون نہٕ آشینی) رٕوزِن ... مستقہ۔

جوڑی دار۔ (مذکر)۔ جوڑی دَرِ۔ تم زٕ نِزنی یم پہر دِنہٕ باپتھ مقرر کرنہٕ ین۔ سٍیتی بآج (بوج)۔ ساتھی۔

جوڑی والا۔ (مذکر)۔ سُرٕیس کنجرٕ بٕیسن سٍیتی تھالجہٕ بیترِ وایان چھ۔

جوڑی ہانکنا۔ ۱۔ دون گُرن ہنز گاڑی چلاوِنی یا پکناوِنی۔ بگو چلاوِنی۔ ۲۔ (تخولہٕ پانٹھو) زٕ زنانہٕ تھوٕنر۔

جوڑی ہلانا۔ نپلہٕ جوری گلہٕ ناوِنی، نژناوِنی، پھرناوِنی۔

جوڑی رہے بَرخوردار۔ (یہ چھ ہزلہٕ پانٹھو ونان) لیسِز لایق جوری چھنے۔ نانگہٕ ہار جوری چھنے۔ دونوے چھ نالگہٕ ہارے۔

جوز۔ [ت۔ جَوز۔ ف: گوز کا معرب، مذکر]۔ نَرا پھل۔

جوزِ بویہ۔ (مذکر)۔ وچھو "جوز"۔

جوزِ خراسانی۔ (ف۔ مذکر)۔ ڈٕون۔

جوزِ ہندی۔ (مذکر)۔ کھوپر۔ نارجیل گوٗل۔ کھوپرِ گوٗل۔

جوزا۔ [ت۔ جَوزا۔ مذکر]۔ میتھن۔ ترٕیمہ آسمانُک برج (رآش) یُس دُکہ وپرِ شکلہِ چھ آسان۔

جوس۔ [ت۔ جوس۔ س: یوشہ، مذکر]۔ مَطر رَس۔ گرہ یا دالہِ آب۔ دالہِ رَس۔ رٕنتھ کَرِ اَر دابہٕ (دُگہٕ چالہِ)، آب یتھ مَنز دال سونہٕ آسہ آمژ۔

جوش۔ [ت۔ جوش۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ گرٕکھ۔ گرٕکہٕ گرٕکھ۔ ۲۔ جوش۔ زور۔ وَلولہٕ۔ گبتھ۔ گر۔ ۳۔ ترٕزٕر۔ وُشنیر۔ دَزٕ دَزٕ۔ ۴۔ ہُرٕ یر۔ ۵۔ بازٕ لوچھرِ۔ بٕنگہٕ چار۔ کامہٕ پٕزر۔ کام۔ ۶۔ ژکھ۔ کرٕود۔ ۷۔ جولانہٕ۔ مَرٕر۔

جوش آنا۔ ۱۔ وارِ گرٕکھ ینی۔ گرٕکھ ینی۔ ۲۔ ژکھ ینی یا کھسِنی۔ تیتہٕ گرٕھن۔ ۳۔ گر ین۔ گر آسُن۔ گرٕس لاینہٕ ین۔ ۴۔ یُپ ین۔ سُہلاب ین۔

جوشاندہ۔ (مذکر) دَوا بوٹیَن بیترِ پاکہٕ ونتھ کوڈمُت عارق۔ شربتھ۔ جوشندہ۔

جوش پر آنا۔ گبتھ ین۔ بکہٕ ین۔ یُپ ین۔ ژھٕٹہٕ کڈنی۔

**جوش پر ہونا۔** طلیس پیٹھ آسُن۔

**جوشِ جوانی۔** یاوُنک یا لوکچارُک جوش، زور، دُرٕ دَرٕ، مد۔

**جوشِ خون۔** (مُذکر)۔ خوٗنچ گرٕکھ۔ ماجہ ماٗلی سُند مۄحبتھ۔ رٕگہٕ ہنز دگ۔

**جوش دلانا۔** گرٔ اُنُن۔ ہیمتھ دِنی۔ ووٗڑٕ اُنُن۔

**جوشِ دہن۔** (مُذکر)۔ آس یُن۔ آسس بُتہٕ یا زالہٕ کھسٕنہٕ، نیرنہٕ۔

**جوش دینا۔** گرٕکھ دِنی۔ گرٕکرٕ ناوُن۔ پاکہٕ وُن۔ اوٗگُن دِیُن۔

**جوش زن۔** گنتھ مارُن۔ شولہٕ وُن۔

**جوش زنان۔** گتہٕ مارُن۔ جیلان شولہٕ مارُن۔ ژھٕنٕہٕ ماران۔ رم:

نکلے چشمہ جو کوئی جوش زناں پانی کا
یاد دہ ہے وہ کسی کی چشمِ گریانی کا
(میرؔ)۔

**جوشش۔** (ف۔ مؤنث)۔ وُچھو "جوش"۔

**جوشِ صغیر۔** اکھ دُعایُس شیعن (شیعن) منٛز رٲژِ پچھ۔

**جوشِ کبیر۔** اکھ دُعایُس شیعن (شیعن) منٛز رٲژِ پچھ۔

**جوش کرنا۔** گرٕکھ یِنی۔ گرٕکھ کھسُنی۔ گرٕکُن۔

**جوش کم ہوا۔** ژٕکھ ہیو یہ۔ تیپھ ووتھ۔

**جوش کھانا۔** گرٕکھ یِنی۔ گرٕکھ کھسُنی۔

**جوش میں آنا۔ جوش مارنا۔** ۱۔ گرٕکھ یِنی۔ گرٕکرٕ گرٕکھ گرٕ ھسنی۔ یکہٕ یکھ کرُن۔ گرٕکُن۔ ۲۔ ٹکہٕ یُن۔ ٹیپ یُن۔ آب کھسُن (کھولہٕ بیٖتر)۔ گنتھ مارُنی۔ ۳۔ گرُس لاینہٕ یُن۔ جوش یُن۔ جوشس منٛز یُن۔ ۴۔ تیتہٕ گرٕ ھن ژٕکھ کھسُنی۔ ژٕکھ یِنی۔ ۵۔ گرمُن۔ کامہٕ یا سنگہٕ پچارُن۔ ہاٗژ بوچھ ووتلنی۔

**جوش میں لانا۔** تُلُن۔ زبر دِنی۔ تُجٕ دِنی۔ ژٕکھ کھارُنی۔ اِشتیال دِیُن۔ تٕرٛنگ دِیُن۔

**جوشنین۔** [ع۔ مُذکر]۔ (دوٕ نوٚ دُعا) جوشِ کبیر تہٕ جوشِ صغیر۔

**جوش وخروش۔** (مُذکر)۔ ۱۔ شور۔ گرٕکرٕ ناد۔ گرٕکھ چکھ۔ ووسہٕ دٕرووسہٕ۔ ترٕپہٕ ترٕپھ۔ ۲۔ ژٕکھ۔ گرٕود۔

**جوش ہونا یا ہو جانا۔** گرٕکھ یِنی۔ رسوٕنہٕ، پاکوٕنہٕ یِنی۔

**جوشیلا۔** جوشہٕ بوٗرُت۔ ہیمتھ وول، حوصلہٕ وول۔

**جوشن۔** [ت۔ جوشن۔ ع۔ مُذکر]۔ ۱۔ اکہٕ قسمُک زرہ بکتر یُس تلوار وایہٕ وِز لاگنہٕ چھُ یوان۔ ۲۔ اکہٕ قسمُک کرٕتھ بنٛد۔ نرین لاگنُک اکھ زیور۔

**جوشی۔** [ت۔ جوشی۔ س؛ جیوتِشنہٕ + کہ۔ مُذکر]۔ ۱۔ جوتشی۔ ستارن ہُنٛد علم زانن وول۔

نوجوٗی۔ ۲۔ اکھ برٛہمن ذاتھ۔

**جوع۔** [ت۔ جوٗع۔ ع۔ مؤنث]۔ بوچھ۔ چھوٚد۔ تٔرِش۔

**جوع الارض۔** ل۔م: زمینہٕ بوچھ۔ اکھ اکۍ شُند مُلکہ کھیٚتہٕ تہٕ ہیٚنچ (زیٚنچ) بوچھ۔ مُلکہ کیٚس ہُند ہاوس۔

**جوع البقر۔** [مؤنث]۔ ل۔م: گاوبوچھ۔ اکھ بیمٲرۍ یتھ منٛز کھیٚنے کھیٚنے تہٕ بوچھ لگان چھےٚ۔ کھیٚتہٕ کھیٚنے۔ کنہٕ ہمہ کرٕ ہیر جوعل بوٚکرٕ۔

**جوع الکلب۔** [مؤنث]۔ ل۔م: ہوٗنہٕ بوچھ۔ کھیٚتہٕ کھیٚتہٕ کرُنک مرض۔ یٔڈِل آسُن۔ یوٚچھ (آسُن)۔

**جوف۔** [ت۔ جَوف۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ یڈ۔ شکم۔ ۲۔ کھوکھر۔ خٲلی جاے (اَندرم)۔ ۳۔ گوپھ۔ کھوڑ۔ دوب۔ پھرٲٹھ۔

**جوق۔** [ت۔ جَوق۔ ع۔ مذکر/مؤنث]۔ جماعتھ۔ کھیٚنچ۔ ٹولی۔ پنگتھ۔ (انسانن، جانوارن بیتر ہنٛز)۔

**جوق جوق۔ جوق در جوق۔** کھیٚنبو کھیٚنبو۔ ٹوگجو ٹوگجو۔ جماژو جماژو۔

**جوکھم۔** [ت۔ جوکھِم/جوکھم۔ مؤنث]۔ ۱۔ بےٚ خوف۔ خطرٕ۔ بیم۔ ۲۔ (دورِگر یا کٔٹھ) موٗلی چیز (لال جواہر، رٕہ ہیٚنہ یا کُنہ کھٕنہ بیتر)

۳۔ نوقصان۔ گاٹہٕ۔ خسارٕ۔ ۴۔ بلاے۔ شہیٚتھ۔ مُصیبتھ۔ دوکھ۔ کٲری شنٛی۔ ۵۔ بیمہٕ۔ انشورنس۔

**جوکھم اُٹھانا۔** دوکھ زالُن۔ خطرس منٛز پان تٕرٛھنُن۔ زُوس گنڈُن۔

**جوکھنا۔** [ت۔ جوکھنا۔ س؛ جوتنہ + (تہ)]۔ تولُن۔ پرکھاوُن۔ ازماوُن۔ سرکھیر کرُن۔ اندازٕ کرُن۔

**جوکھوں۔** [ت۔ جوکھوں۔ مؤنث]۔ ڈیچھو "جوکھم"۔

**جوکھوں اُٹھانا۔** نوقصان تُلُن۔ خسارٕ تُلُن۔ گاٹہٕ گُزٕھن، یُن۔

**جوکھوں کا کام۔** (مذکر)۔ کام یتھ منٛز بے آسہِ۔ کام یتھ منٛز نوقصان آسہِ۔ دداڑ یا خطرٕ دانٛز۔

**جوکھوں میں پڑنا۔** بلاہس منٛز پھسُن۔ مُصیبتس یا خطرس منٛز پیوٚن۔

**جوکھوں میں ڈالنا۔** مُصیبتس لاگُن۔ بلاہس بُتھ دِیُن۔ اگرٕ لاگُن۔

**جوگ۔** [ت۔ جوگ۔ پراکرت: جوگو۔ مذکر]۔ ۱۔ ستارن ہُند میٚل۔ یوگ۔ میٚل۔ ۲۔ رُت ساتھ۔ جان ساتھ۔ ۳۔ سادنا، تپ۔ یوگ۔ ۴۔ پراشچت۔ کفارٕ۔ ۵۔ اکہ دٲیرِ کو وار یاہ حِصہٕ یم ساتھی ترکھر ستی مینٛنہٕ چھ یوان۔ ۶۔ موقہٕ ساتھ

وِز ۔ ۷ ۔ سُہ ییمہِ سٟتۍ ناو ہونٛڈ لیکھنہٕ
ییہ ۔ ۸ ۔ ییٚر پٔنٛز تہٕ ۔ بٔنہٕ شوٗبہٕ تیٚتھ ۔
مُناسِب ۔ ٹھیٚکھ ۔ لایَق ۔ ۹ ۔ طرَف ۔
پاس ۔ جانِب ۔ جاے بہٕ ۔ طرفہٕ ۔ پاسہٕ ۔

**جوگ سادھنا ۔** ۱ ۔ جوگی یا یوٗگی بَنُن ۔ دُنی یا ترٛاوُن ۔ تسنٛدِ پاس ہیوٚن ۔ ۲ ۔ پرانایام کرُن ۔ حَبسِ نفس کرُن ۔

**جوگ لینا ۔** دُنی یا ترٛاوِتھ ژھنُن ۔ جوٗگی بَنُن ۔ فقیر بَنُن ۔ تسنٛدِ پاس ہیوٚن ۔

**جوگا ۔** [ت ۔ جوگ آ ۔ پراکرت : جوگ گو ۔] ۔
۱ ۔ لایِق ۔ لگہٕ ہار ۔ ییٚر یا بٔس کٔنہٕ لگہٕ ۔
۲ ۔ بٔنہٕ شوٗبہٕ تیٚتھ ۔ یُتھ پٔنٛز تیٚتھ ۔ ۳ ۔ برمحل ۔ موٗقس پیٹھ ۔ وِز پیٹھ ۔ ۴ ۔ اَفیٖنہٕ سکوٚشش ۔

**جوگن ۔** [ت ۔ جوگن / رگن ۔ س : یوگنی ۔ مؤنث] ۔
جوگی سٕنٛز زنانہٕ ۔ جوٗگی باے ۔ جوٗگنی ۔

**جوگنی ۔** [ت ۔ جوگ نی ۔ س : یوگنی ۔ مؤنث] ۔
۱ ۔ جوٗگی باے ۔ جوگی سٕنٛز زنانہٕ ۔ جوٗگنی ۔
۲ ۔ لوٗہنی ۔ ڈٲن ۔ جِنہٕ باے ۔ دیٚوینی ۔ راٹھٕس ۔ ۳ ۔ دیوی ، پاروتی بیترِ ہم ۔ روٗح پہنٛدِس یکتیارِس مُنٛز جان یا ناکارِ ساتھ چھِ آسان ۔

**جوگی ۔** [ت ۔ جوگی ۔ س : یوگی ۔ مُذکر] ۔ ۱ ۔ جوٗگی ۔ یوٗگی ۔ ۲ ۔ جودگار ۔ جودگر ۔

**جوگی ہوجانا ۔** جوٗگی بَنُن ۔ دُنی یا ترٛاوُن ۔ تسنٛدِ پاس ہیوٚن ۔

-: لوٗکہٕ کتھ :-

**جوگی جوگی لڑیں کھپروں کا نقصان ۔** جوٗگی جوٗگی ژُوَن تہٕ شِہمتھ ییہ کَشکولس رُم : سٕرنٛاڈَن ہُنٛز لڑٲے گیہ زٕرنٛدَن ہُنٛز شِہمتھ ۔

**جوگی کس کے میت ۔** جوٗگی کہنٛدِ یار نہٕ گو جوٗگی یارِ ز چھِنہٕ پوشہٕ وٕنی تہٕ کیاز تِم چھِ اَز ییٚتہٕ تہٕ پگاہ ہُتہٕ آسان ۔ تِمَن چھُنہٕ کُنہِ تہٕ جایہِ قرار آسان ۔

**جوگیا ۔** [ت ۔ جوگ یا ۔ س : یوگنہٕ + کہ ۔ مُذکر] ۔
۱ ۔ کوہ ژنگہٕ رٕنگ ۔ گیٚرِ رٕنگ ۔ ووزجارِ سان رٕنگ ۔ گوساٗنی رٕنگ ۔ ۲ ۔ اَکہٕ قسمُک کوتُر ۔ ۳ ۔ اَکہٕ قسمِچ کُکِل ۔ ۴ ۔ (مؤنث) اَکہٕ راگنی ہُنٛد ناو ۔

**جوگیا بھیس ۔** گوساٗنی پوشاکھ ۔ گیٚرِ وٕستر ۔

**جولاں ۔** [ت ۔ جُولاں / جولاں ۔ ف ۔ مؤنث] ۔
بیٚڑی ۔ زولانہٕ ۔

**جولاں ۔** [ت ۔ جُولاں ۔ ف ۔ ع : جُولاں ۔ "جول" سے ۔ مُذکر] ۔ ۱ ۔ ہیر بوٚن تہٕ بوٚنہٕ ہیوٚر (کرُن) ۔ ہُتہٕ یوٚت تہٕ ییٚتہٕ ہُت (کرُن) ۔ دَو دَو ۔ دور دور ۔ ژٕرُن ۔ ۲ ۔ گرٕ چکر دِیاوُن ۔

**جولاں دینا۔** (گر) چکر دیاوُن، دوٗناوُن۔

**جولاں کرنا۔** ۱. دوٗن. دوٗرن ۔۲. دوٗناوُن۔
دورناوُن۔

**جولاں گناں۔** دوان دوران ۔ وو ہٹلان
اُندی اُندی دوان روزُن۔

**جولاں گاہ۔** (مؤنث). گُر دورناونچ جاے گُرِی
دورِ ہنر جاے۔

**جولانگری۔** (مؤنث). گُر تیز دوٗناوُن۔ گُر
ژُ پنجل دورناوُن، نژاوُن۔

**جولانی۔** (مؤنث). ۱. گُرِی دَو۔ گُرِی ہنز دور۔
۲. تیز پکُن. وُتھ پکُن. زوٗتریہ پھرتی۔
۳. زور۔ جوش۔ روانی. تیزی۔ جولانی۔

**جولانیوں پر آنا۔** طبیس پیٹھ آسُن۔
جوشس یا زورس منز بُن۔ کمالس واتُن۔
گمہ بُن۔

**جولانیوں پر رہنا۔** جوش، وُلولہ برقرار
روزُن۔

**جولانیوں پر ہونا۔** وُچھو "جولانیوں پر آنا"۔

**جولائی۔** [ت۔ جولائی۔ انگریزی: July. مؤنث]۔
جُلے۔ عیسائے سنک ستیِمہ ریتہ یُس
اکتریہ دوہن ہند چھ آسان۔

**جون۔** [ت۔ جون۔ انگریزی: June. مذکر]۔
جون۔ عیسائے سنک شییمہ ریتہ یُس
ترِہن دوہن ہند چھ آسان۔

**جون۔** [ت۔ جون۔ پراکرت: جوڈ]۔ یُس
(کاٹھہ)۔ ہیر (کیپٹن)۔

**جونسا۔** کاٹھہ تہ۔ یُس وُنہ۔ ہیر وتہ۔ یُس تہ۔

**جون۔** [ت۔ جون۔ مؤنث]۔ ۱. زُنم۔ پاداِیش۔
۲. وقت۔ سمے۔ زمانہ۔ کال۔ ۳. رُپھ۔
صورتھ۔ بیس۔ ۴. زُنمہ پھیٖر۔ مُنز
زُنم۔ آواگون۔ بٔیبہ تہ بٔیبہ زُنم لبُن۔
زِہتہ مرُکگن۔

**جون بدلنا۔** ۱. اکھ موٗر تہ اوتھ بٔیبس مُرس
مَنز اژُن، بٔیبہ مریُن۔ زُنمہ پھیٖر گُمُن۔
۲. روٗپ، صورتھ بدلاوُنی۔ بیس بدلاوُن۔
حالتھ بدلاوُنی۔

**جون پلٹنا۔** وُچھو "جون بدلنا"۔

**جون پوری کرنا۔** پننی دوہ گُٹُنی۔ زِندگی گذارنی۔

**جوں۔** [ت۔ جوں/جوں/جوں۔ پراکرت: جوڈ]۔
پاٹھی۔ بٔیلہ۔ یوت۔ یُتھ۔

**جوں توں۔** ہیتھ نتیتھ۔ ہیتھ زتہ ہیتھ نتیتھ۔ لمان
لسان۔ زور زار۔ لمی لمُر۔

**جوں توں کرکے۔** وُچھو "جوں توں"۔

**جوں جوں۔** یوت یوت۔ یُتھ یُتھ۔

**جوں کا توں۔** ۱. یُتھ اوس تیتھے۔ برابر
تیتھے۔ تیتھے پاٹھی (ییتھ پاٹھی اوس)۔
۲. پوٗر۔ سالم۔ سرُ ڈنٹے۔ سر تو لو تھے۔

**جوں کی توں۔** (مؤنث)۔ وُچھو "جوں کا توں"۔

**جوں ہی ۔** یُتھے ۔ یٖتھی ساتہٕ ، وِزِ ۔

**جونہیں ۔** وُچھو "جوں ہی" ۔

**جوں ۔** [ت ۔ جوٗں ۔ س : یوٗکا ۔ مؤنث ] ۔

۱۔ زٕوٕ ۔ زٕوِ ، سوٗمب ۔ پیپنٕشراہ ۔

پٹیونا ۔ نٕژھا ۔

**جوں پڑنا ۔** زٕوٕ پیٚنہِ ۔

**جوں دیکھنا ۔** زٕوٕ وُچھنہِ ۔ زٕوٕ ژارنہِ ۔

**جوں کی چال ۔** زٕوٕ ہٕنٛزِ پٲٹھی ۔ سیٚٹھا لوتہٕ لوتہٕ ، وارٕ وارٕ تہٕ سوٚت سوٚت ۔

**جوئیں ۔** [ت ۔ جوٗئیں (جٟیں) ۔ مؤنث ] ۔

زٕوٕ ۔

**جوئیں دکھانا ۔** (کانٛسہِ اَتھہٕ) زٕوٕ وُچھناوُن ۔ زٕوٕ پھیٚر دیاوُن ۔

**جوئیں دیکھنا ۔** (کانٛسہِ) زٕوٕ وُچھن ۔ (کانٛسہِ) زٕوٕ پھیٚر دِیُن ۔ پلوٗن زٕوٕ ژارنہِ ۔

**جوئیں مارنا ۔** زٕوٕ مارنہٕ ، رُوزگار یا ٹلو کانٛہہ کام کرنہِ ۔ م : اری لڑکی یہ تُو دال چُن رہی ہے کہ جوئیں مار رہی ہے ۔

**جوئیں نکالنا ۔** وُچھو "جوئیں دیکھنا" ۔

**جوئیں نکلوانا ۔** وُچھو "جوئیں دکھانا" ۔

لوکٕ کتھ :

**جوؤں کے مارے گدڑی نہیں چھوڑی جاتی ۔**

م : ۱۔ زٕوٕ ہٕنٛزِ ڈٕرٕ چھا ژٕٹ ژٕٹان ۔

۲۔ زٕوٕ خاطرٕ چھا ژٕٹ نالہٕ کڈان ۔

**جونا ۔** [ت ۔ جوٗنا ۔ س : یُوٗنہٕ + کہ ۔ مذکر ] ۔ ۱ ۔ بانہٕ مانٛجنہٕ چہ گاسہِ مُہر ۔ ۲ ۔ گاسہِ زٕز (یتھ سِتی زٕنی یا گاسہِ گنٛڈو گنٛڈان چھ) ۔ ۳ ۔ نٹس بنیتھ نلہٕ کھوٗ ٹنچ گاسہِ آر ۔

**جونپور کا قاضی ۔** (ناکر) زوٗرگہ پٲٹھی چور ، زٕٹھ موٗٹھ ، بے وُقوٗف ۔ اَحمق ۔

**جونچی ۔** [ت ۔ جوٗں چی ۔ مؤنث ] ۔ کُنہ بیترِ ہنٛز سو ہمیٚ بیماری ۔

**جونڈری ۔** [ت ۔ جوٗنڈری ۔ مؤنث ] ۔ اکہ قسمُک اناج ۔ جوار ۔

**جونڈلی ۔** [ت ۔ جوٗنڈلی ۔ مؤنث ] ۔ وُچھو "جونڈری" ۔

**جونری ۔** [ت ۔ جوٗن ری ۔ مؤنث ] ۔ وُچھو "جونڈری" ۔

**جونک ۔** [ت ۔ جوٗنک ۔ س : جلوکا ۔ مؤنث ] ۔

ڈٕرٕکھ ۔ (وُرگہ پٲٹھی) گاتی ۔

**جونک پتھر میں لگنا ۔** کُنہ ڈٕرٕکھ بہنہِ ، کٔنی تہٕ گوٗ کانٛسہِ بے مُرُوتھ ، سر اڈ موٗہ ہنوی اِستعدہٕ ہُند کام نیرنی ۔

**جونک لگانا ۔** ڈٕرٕکھ لاگنہٕ ۔ ڈٕرٕکھ ژادنہٕ ۔

**جونک ہوکر چمٹنا ۔** وُچھو "جونک ہوکر لپٹنا" ۔

**جونک ہوکر لپٹنا ۔** ڈٕرٕکہ ہنٛزِ پٲٹھی لأرِتھ گژھُن ۔ ڈٕرٕکھ ہیُوہ اَگاد گژھُن ۔ نُنٛھ پھیٚ نہٕ ژھلنی (اکِنہ) ۔

**جونکیں ۔** [جمع ۔ "جونک" کی ۔ مؤنث ] ۔

ڈٕرٕکہِ (ڈٕرٕکہٕ)

گنڈِس لاگِتھ یا پھسآوِتھ چھہٕ تھوان۔ پیکٹ

**جیتی کھال۔** زۆدار ژَم، مُسلہٕ، دالہٕ۔

**جیتے موئے۔** زِندٕ رُوس تہٕ مرِتھ۔ زِندگی منز تہٕ مرنہٕ پتہٕ۔

-: لوکہٕ کتھ :-

**جیتی مکھی نہیں نگلی جاتی۔** ل۔م: زِندٕ ژھٕہ ژھیٖنہٕ نِشکلاوِنہٕ یوان۔ ناکارٕ گی ژھیٖنہٕ زاآنِتھ ہانِتھ یا دیٖتھ دالنہٕ کرنہٕ یوان۔ انسان ژھیٖنہٕ زاآنِتھ ہانِتھ دوکھ چھہٕ ہیوان۔ انسانس ژھیٖنہٕ زاآنِتھ ہانِتھ پھِٹراں۔

**جیتنا۔** [ت۔ جیت نا۔ پرٛاکرت۔ جِتّہ]۔ زیٖنُن۔ ہارناوُن۔ (کانٛہہ) یاوُن۔ سَرس روزُن۔

**جیٹھ۔** [ت۔ ج ے ٹھ۔ پرٛاکرت۔ جیٹ ٹھو۔ مذکر] ۱۔ زیٖٹھ۔ آڈنک یا یوٗنک۔ سارِنے زیٖٹھ۔ زیٖٹھ بوے۔ ۲۔ زیٖٹھ دڑے۔ ۳۔ پیشہ وَر پہلوان۔ ۴۔ زَوجٕچ ہنز تِنز۔ زَوجہ تِنز۔ بانہٕ تِنز۔ ۵۔ کِھوچھ۔ ۶۔ زیٖٹھ۔ دُویِم ہِندی رِیتھ یُس مے، جوٗنس کیٖٹ چھُ یوان۔

**جیٹھا۔** ۱۔ یوٗنک۔ سارِنے شُرین منٛز وۆنٹھ زامُت شُر۔ سارِنے زیٖٹھ بیٚچو۔ زیٖٹھس منٛز زامُت۔ ۲۔ سارِوے کھوتہٕ رُت۔ تھدٕ پایک تہٕ تھوٚد۔

**جیٹھانی۔** (مؤنث)۔ زیٖٹھس درٛے ہنز زنانہٕ۔ زیٖٹھ درٕ کاکنی۔

**جیٹھ کی جیٹھ۔** تِنزٕ ہنز تِنز۔ ساآہرے تِنز (زَوجٕچ، بانہٕ ہنزٕ ہنز)۔

**جیجا۔** [ت۔ جی جا۔ مذکر]۔ بیٚمہٕ۔ بیٚنہٕ ہُنٛد رُون۔

**جی جی۔** [مؤنث]۔ ۱۔ بیٚنہٕ۔ ۲۔ بَبہٕ، موجہٕ، بَبہٕ بیٚنٛاری۔

-: لوکہٕ کتھ :-

**جیجا کے مال پر سالی متوالی۔** لوکہٕ ہنٛدِس مالس پیٹھ ژھنگُن۔ ہَتھ ہیوٗن، ہُژُن۔

**جیحون۔** [ت۔ جے حون۔ ف۔ مذکر]۔ "بلخ" شہرس نکھہٕ اکہٕ مشہور دریا ہُک ناو۔

**جید۔** [ت۔ جے ید۔ ع: "جود" سے صفت]۔ رُت۔ زَبَر۔ جان۔ تھوٚد۔ زوراوار۔ بوڈ بار۔ تھدٕ پایک۔ یُس یا کُھٹی چھہٕ "علم" لفظس سُتھ لاگِتھ وَرتاوان۔

**جیسا۔** [ت۔ جے سا۔ پرٛاکرت۔ ج اس او۔]۔ یُتھ۔ ہیو۔ یِتھ یا کُھٹی یا یِتھ کنی۔

**جیسا تیسا۔** یُتھ وُتھ۔ یِتھے تِتھے چھُہ۔ بیٚمہٕ قسمک۔

**جیسا چاہو۔** یُتھ یژھِو۔

**جیسا چاہیئے۔** ۱۔ یُتھ یژھِو۔ یُتھ گژھِو۔ ۲۔ یُتھ آسُن گوژھہ یا گژھِہ۔ یُتھ شوبہٕ تیٖتھ۔ تارِیفن لایق۔ زَبَر یا جان یا کُھٹی۔ پُرکر یا کُھٹی۔

**جیسا چاہیئے ویسا۔** یُتھ شوبہٕ تیٖتھ۔ یُتھ آسُن گژھِہ یا گوژھہ تیٖتھ۔ یُتھ ہُنٛز تیٖتھ۔ پُرزٕ یا کُھٹی۔

جیساکہ۔ یہ زن۔ ییتھ زن۔ ییتھ۔

-: لُکہٕ کتھ :-

جیسا فے ویسا پلے۔ پوت بھتار کے آگے آئے۔ نہٕ گو ناکارٕ گی ہند پھل چھ ناکارے آسان۔ م : دو با دو لون بالون۔ (شیخ العالمؒ)

جیسا دیس ویسا بھیس۔ ل۔م : ییتھ دیس تیتھ بیس تہٕ گو ییتہٕ ییتھ پاٹھی روزُن یا وو نفان بہان آسن تتہٕ گژھ تتھے پاٹھی پکُن۔

جیسا راجہ ویسی پرجا۔ ل۔م : ییتھ راز گژھ پرزا۔ ییتھ سردار تتھی تمی سندی ماتحت تہٕ۔

جیسا سوت ویسی پھینٹی۔ جیسی ماں ویسی بیٹی۔ نہٕ گو شُر چھ پننس مالس ماجہٕ ہیوے آسان۔ م : ییتھے مادا تتھے پوا۔

جیسا سوتا ویسا دھارا۔ ل۔م : ییتھ ناگ گژھ دار۔ ییتھ آگر تژھے کول یا جوے۔

جیسا کرنا ویسا بھرنا۔ ییتھ وون تیتھ لون۔

جیسا کرنا ویسا پانا۔ ییتھ وون تیتھ لون۔

جیسا کروگے ویسا بھروگے۔ م : ییتھ دوکھ تیتھ لونکھ۔ دو با دو لون بالون۔ ییتھ کرکھ تیتھ سرکھ۔

جیسا گُڑ ڈالوگے ویسا مزہ پاؤگے۔ یہٕ گو ییتھ لاگکھ لاگی زِ ثبوت ییتہٕ چیز تہٕ رُت

تہٕ زہر۔ لاگُز چھ لذت۔

جیسا منہ ویسا تھپڑ۔ ل۔م : ییتھ بُتھ گژھ تھاپر۔ یُس ییتھ شوبہ تس تتھ ویٹھ وزناوُن۔ ییتھ سوال تیتھ جواب۔ ییتھ وچھن لوگ۔

جیسی۔ [ت۔ ج۔ سی۔]۔ ہِشہ۔ ییتہٕ قسمُک۔

جیسی کی تیسی۔ ہِشہ اُسی تژھے۔

جیسی روح ویسے فرشتے۔ ییتھ رنگ تتھی فرشتہٕ۔ وُنان چھ زِ ییتھ انسان آسہ تتھی فرشتہٕ چھس مرنہٕ دزتہٕ لوان۔ نیکس چھ نیکی تہٕ بدس بدلوان تہٕ گو نیکس چھ رُتے تہٕ بدس بدے انجام۔ م : ہلین بانن ڈِگری ٹھان ہیوی بس ہیوی سمکھان۔

-: لُکہٕ کتھ :-

جیسی ذات ویسی بات۔ (وچھو "جیسا منہ ویسا تھپڑ")

جیسی کرنی ویسی بھرنی۔ م : ییتھ دوکھ تیتھ لونکھ۔

جیسی کہی ویسی سُنی۔ یہ یا ییتھ وون تہٕ یا تیتھ بوز۔ ییتھا یور وون تیتھا بوز اور تہٕ رزِ کتھ ہُند چھ رُتے تہٕ ناکارِ کتھ ہُند ناکارے جواب میلان۔ م : امرُس ییتھ وچھن تیتھ وچھی۔

جیسی نیت ویسی برکت۔ ل۔م : ییتھا نیتھ تژھا برکتھ تہٕ گو سارِنے کامہ پھلے

ہیٗرٕ ہیٚتھے چلان۔ پرٛتھ
کُنہِ کامہِ منٛز چھیٚپے نیٚتھے رٕ دِہِ یِوان۔ م:
نپ تَن مُراد عَملَن پرٕزا۔

**جیسے۔** [ت۔ جے سے۔] ییٚتھہٕ پاٹھۍ۔ ییٚتھ کٕنۍ یِتھۍ۔

**جیسے بنے۔** ییٚتھ اَندٕ تیٚتھ۔ ییٚتھ ییٚتھ یِکنہٕ پاٹھۍ۔

**جیسے تیسے۔** ییٚتھ تیٚتھ۔ کُنہ مُنہٕ پاٹھۍ۔

**جیسے کا تیسا۔** ۱۔ ییٚتھ اوس تیٚتھے۔ تِتھے پاٹھۍ۔
۲۔ ییٚتھ اَصل تیٚتھے فٔراہ تہٕ (نَقل تہٕ)۔

**جیسے کو تیسا۔** ۱۔ یُتھُس تیٚتھ پیش یِوان۔ ۲۔ پرٛتھ فرعونس چھُ موسا تہٕ تِتے آسان۔

**جیسے ہو سکے۔** وُچھو "جیسے بنے"۔

**جیسے ہی۔** یُتھ۔ ہی۔ ییٚتھ پاٹھۍ۔ تِتھے پاٹھۍ۔ تُتھے۔

:- لوکہ کتھ :-

**جیسے کنتھا گھر رہے ویسے رہے بدیس۔**
نالگہٕ ہار گرِ نٕرِ تیٚتھے تہٕ پرٕ تہٕ۔ نابرٕ کار یُتھ گرِ تیٚتھ پرٕ تہٕ۔

**جیش۔** [ت۔ جَیش۔ ع۔ مُذکر] فوج۔ لشکر۔

**جیشٹھا۔** [ت۔ جیش ٹھا۔ مؤنث] ۱۔ زیٹھ بیٚنہٕ۔ ۲۔ زِشٹھا۔ اَکھ نیٚچھتر۔ گرٕ یِہندِ پتھ شُمار اکھ سُمت۔ ۳۔ منٛزٕم اونگج۔ ۴۔ دُلَتھ، رشکس۔ مُصیبتھ۔

**جیغہ۔** [ت۔ جی غہ/جے غہ۔ ف۔ مذکر] جیگہٕ۔ جِگہٕ۔ جُراٗے کرِتھ اکھ مرِوارِیس دستارس

لاگنہٕ چھُ یِوان۔

**جیگرٹ۔ جھیگھٹ۔ جیبھڑ۔** [ت۔ جے گرٹ/جے گھٹ/جے بہڑ مؤنث]۔ ژٹہِ ڈٕ۔ آب ٹھوٚنگ بانہٕ۔
لوکٕٹ آبہٕ نوٹ، آب بٔرتھ بانہٕ تِتھ دٕل یوسہٕ کلس پیٹھ تُلنہٕ چھیٚپے یِوان۔

**جیل۔** [ت۔ جیل۔ س: جال۔ مُذکر] قاد خانہٕ۔ بانٛدٕ روان۔ جیل۔

**جیل خانہ۔** (مُذکر)۔ وُچھو "جیل"۔

**جیلر۔** [انگریزی: JAILER۔ مُذکر] جیل خانک داروغہ۔ قاد خانک راچھدر یا روچھ۔

**جیلی۔** [ت۔ جے لی۔ مؤنث] ۱۔ اگاسہٕ تہٕ گیٚن بیتر وُننگ کرنگ تہٕ سوٚمبراونک زول۔ ۲۔ (پنیٚج گنٹھ) اندرم مازٕچ پیٹھم چربی دار زہل۔

**جیلی۔** [ت۔ جے لی۔ انگریزی: JELLY۔ مؤنث]۔ اَکہِ قسمک لوٗت موٗزٕر غذا یُس اَدٕری جِن، میوٕس بیتر رَس کَڈِتھ بنان چھُ۔ جیٚلی۔

**جیمنا۔** [ت۔ جیم نا۔] ۱۔ کھیٚون۔ غذا کھیٚون۔ ۲۔ کوٚژہِ کھیٚون، اَرٹُن۔

**جین۔** [ت۔ جے ن۔ مذکر]۔ ہیٚنٛدن ہنٛدِ اکہِ فرقک ناو یُس تہٕ وید چھُ مانان۔ باہِرٕ۔

**جینی۔** جین مت مانَن وول۔

**جینا۔** [ت۔ جی نا۔ پرٛاکرت] ۱۔ زِندٕ روزُن۔ زُوٗن۔ زِندگی گُذارٕنۍ۔ ۲۔ زِندٕ آسُن۔ زِندگی۔

جینا جاگنا۔ اۆر دۆر۔ اۆرفۆر۔ م: خُدا انھیں جینا جاگتا فرزند عطا کرے۔

جینے دینا۔ زِندٕ روزنہٕ دیُن۔ لَسنہٕ دیُن۔

جینے سے تنگ آنا۔ زِندٕگی نِشہٕ تنگ یُن۔ زِندٕگی نِشہٕ سیر گژھن۔ زِندٕگی وَبال گژھنی بَسریُن۔

جینے سے تنگ ہونا۔ وُچھو "جینے سے تنگ آنا"۔

جینے کا مزہ۔ زِندٕگی ہُند مزٕ تہٕ لُطف۔

جینے کے لالے پڑنا۔ زِندگی ہُنز یا زِندٕ روزنچ بڑا اَنتھ نہٕ روزٕنی۔ زِندٕ روزنچ آش سورٕنی۔

جیو۔ [ت۔ جیو۔ مُذکر]۔ ۱۔ زِیو۔ زُو۔ زُوٕ ذاتھ۔ زِندٕگی۔ زُو دار۔ ۲۔ رُوح۔ پران۔ ۳۔ ماشوق۔ ٹوٹھ مُدن۔

جیو آتما۔ [مؤنث]۔ زِیو آتما۔ جان۔ زُو۔ رُوح۔ پران۔ (ہِنٛدین ہُنٛدِس مذہبہٕ مُوجوب چھِ سارِنٕے جان دارن "جیو آتما" وَنان)۔

جیوائی۔ [ت۔ جی وائی/ئی۔ س: جیو + آئی۔ مؤنث]۔ زُمین یوسہٕ گُذارِ باپتھ رِشتہٕ دارن ہیتھر وِنہٕ آسہٕ آمژ۔ زُمین یتھ مالکی ہیر بیتر آسہٕ نہٕ۔

جیوتی۔ [ت۔ جیوتی۔ س: جیو تہٕ۔ مؤنث]۔ ۱۔ گاہ۔ بڑز۔ گاش۔ ۲۔ (تژ اَنگہٕ بیترِ چ) رِنہٕ۔ آفتابچ یا سرِیچ زِژ۔

جیوٹ۔ [ت۔ جی وَٹ/ ج یوٹ۔]۔ ۱۔ وُلِر وِر۔ بُہوٗدر۔ دِلیر۔ بُہدُر۔ ۲۔ وِیرت۔ بُہوٗدرِی۔ دِلیری۔ م: مرزا بڑے جیوٹ کے آدمی ہیں۔

جیوٹ کرنا۔ دِل دۆرکرُن۔ دِل کرُن۔ ہِمتھ کرٕنی۔

جیوڑا۔ [ت۔ جیوڑا/ جیوڑا۔ مُذکر]۔ ۱۔ زُو۔ جان۔ مَن۔ ۲۔ ٹوٹھ۔ نارِن۔ ماشوق۔ ۳۔ یِرادٕ۔ تمنا۔ ارمان۔ ۴۔ ماتگے (یوسہٕ دوہلن بیترِ جِنسہٕ زِنگی دِہری چھنہٕ دِنہٕ یوان)۔

جیوڑا جانا۔ زُوٕ ہن گژھنی۔ زُو گژھُن۔ مرُن۔

جیوڑا دہل جانا۔ کھوژُن۔ وامنج یا دِل راوُن۔ تھاتھتھرُن۔

جیوڑا۔ [ت۔ ج وڑا۔ مُذکر]۔ رَز۔ ڈۆر یا ڈۆر۔

جیوَن۔ [ت۔ جی وَن۔ مُذکر]۔ ۱۔ زِندٕگی۔ زُو۔ وۄجود۔ ۲۔ رۄزی نہٕ۔ رۄزی۔ اوذٕ۔ پیشہٕ۔ کار۔ ۳۔ پونی۔ آب۔ ۴۔ پۆتُر۔ پۆتھر۔ نیٚچُو۔

جیون ساتھی۔ ۱۔ آشینٛز۔ ۲۔ زِندٕگی ہُند ساتھی۔ زِندٕگی ہُند سینتی بوچ۔

جیوں۔ [ت۔ جیوں۔ پراکرت۔ جیم]۔ یاتھٕ۔ یتھے۔ یُتھے۔ یُتھ یُتھ۔ یوت یوت (یہ لفظ چھنہٕ وۄنی ورتاوس منز، امہٕ بدلہٕ چھ وۄنی "جوں جوں یا جوں ورتاوان)۔

جیونار۔ [ت۔ جے وُنار۔ مؤنث]۔ سال۔ کھانہٕ۔ داوتھ۔ ضیافت۔



**چ۔** [ت۔ چ (چیم)۔ مؤنث]۔ فارسی ہیجلیٚنگ شتیٚم، اُردُو ہیجلیٚنگ اِژھیٚم، کاشُر ٕک گُہیٚم، ہِندی تہٕ سنسکرتک شیٚیٚم اَچھر۔ اَتھ چھ "چیم فارسی" تہٕ وَنان۔ اَبجد حِسابہٕ چھ اَمیُک موٗل چیمکی پاٹھۍ ترٕ (۳) تھوٚنہٕ آمُت۔

**چا۔** [ت۔ چ آ۔ ف۔ چیٖنی؛ تَشا۔ "چاے" کا مُخفف]۔ چاے۔

**چابوچی۔** (مؤنث)۔ ۱۔ چایہٕ داٗنی۔ چایہٕ کیتل۔ ۲۔ ٹیکوزی۔ ٹی کوزی۔ اَکہٕ قسمُک ٹوٗپۍ ہِش یُس چاے گرٕم روزنہٕ باپتھ چایہٕ دانہٕ پیٚٹھ تھوَوان چھِ۔

**چادان۔** (مُذکر)۔ چایہٕ داٗنی۔ چایہٕ کیتل۔

**چاب۔** [ت۔ چاب۔ مؤنث]۔ تبل، توٗمل تہٕ شکر بیٚلہٕ کاٗنسہٕ کاتھہ نۄو بیٚہ، اَشناو سفرٕ پیٚٹھ یوان چھ تمس چھِ چھیلِتھ تیل، توٗمل شکر سوزنہٕ یوان، یہ چھ اَکھ رَسِم۔

**چابُک۔** [ت۔ چابُک۔ ف۔ مُذکر]۔ ۱۔ چوٗنکھ۔ قمچہٕ چھانٹہٕ۔ کوڑٕ۔ ۲۔ چالاکھ۔ ژوٚتُر۔ پُھرتیلہٕ۔ تہلشگہٕ۔ تیٚز۔

**چابُک بازی۔** چوٗنکھ وایُن۔ چوبکہٕ یا قمچہٕ سیٚتۍ لایُن یا کاٗنسہٕ کرٕ دالِنۍ۔

**چابُک پھٹکارنا۔** ۱۔ چوبکہٕ یا قمچہٕ ٹاس لایُن۔ (کاٗنسہٕ) چھانٹہٕ سیٚتۍ لایُن، کرٕ دالِنۍ۔ ۲۔ تمیُک یا چوبکُک ٹاس کڈُن۔ قمچہٕ وایُن یا وَزُن۔

**چابُک دَست۔** تیز تیز کام کرن وول۔ یُس کامہٕ پیٚٹھ اَتھہٕ ڈٲلۍ ولۍ وونہٕ۔ سُہ یُس وُژھہ وُژھہ کام کرِ۔ پُھرتیلہٕ۔ تہلشگہٕ۔

**چابُک دھری۔** (مؤنث) قمچہٕ دَن۔ ۲۔ اَکہٕ قسمُک گُنڈٕ دوہچہ یا زنٛڈ۔

**چابُک سوار۔** ۱۔ (جان) گُرِ سوار۔ ۲۔ گُر خطِ کڈُن وول۔

**چابُک سواری۔** گُرِ خطِ کڈنۍ۔ گُرِ خطِ کڈنُک کام یا کار۔

**چابُک عنان۔** ۱۔ سُہ گُرِ سوار یُس گُرِس تیز پَکہٕ ناوِ۔ ۲۔ تیز رفتار گُر۔ تیز پَکن وول گُر۔

**چابُک قدم۔** تیز رفتار گُر۔

**چابُک مارنا۔** گُرِس زیٚر کرنۍ، چوٗنکھ وایُن۔ چھانٹہٕ کرُن، قمچہٕ ٹاس لایُن یا قمچہٕ وَزُن۔

**چابکی۔** [ف۔ مؤنث]۔ ژوٚتریر۔ چُستی۔ پُھرتی۔ تیزی۔ چالاکی۔

**چابنا۔** [ت۔ چابٕ نا۔ پراکرت؛ چَونہٕ اُمہٕ]۔ ژاپُن۔ ژاپہ دِنۍ (اَگُنہٕ)۔ (یہ چھُ نہٕ ژٕ پاٹھۍ

تۄر ناداںٕہ جوان )۔

**چابی۔** [ت۔ چابی۔ پرتگالی: "چادی" سے۔ مؤنث]۔ کونٛز، کُنٛز، چابی۔

**چاپ۔** [ت۔ چاپ۔ س۔ مذکر]۔ ۱۔ کمان۔ آڑ۔ ٹکرٕ۔ قوس، محراب۔ وٕنجر۔ ۲۔ پکنیچ آواز۔ کھور ترٛاوُنک صدا۔

**چاپٹ۔** [ت۔ چاپٹ۔ مؤنث]۔ نوٚہ۔ کوٚش۔ بوٚس ہیٚتھ۔ اناج سعہ پتھ لوسہ لونہٕ ورٕ آتی چھپنے روزان۔

**چاپڑ۔** [ت۔ چاپڑ۔ انگریزی: چاپر۔ مذکر]۔ شُترا کھ۔ تہ اوزار ییٚمہ سیٛتۍ کنہٕ (مازہٕ بیتر) پٕھلہِ بیوٚن کرنہٕ۔

**چاپلوس۔** [ت۔ چاپ لوس۔]۔ چاپلوس۔ ژنگن گوٚر۔ ٹھٕنٛز کرن وول۔ خوشامد کرن وول۔ بتہٕ ساز۔ ندر۔

**چاپلوسی۔** [ف۔ مؤنث]۔ اپری تاریف۔ ٹھٕنٛز کرٕنۍ۔ گوٚن گیوٚنۍ۔ خوشامد۔ چاپلوسی۔ بتہٕ ساز۔ ندری۔

**چاتر۔** [ت۔ چاتُر۔]۔ ۱۔ تژکٕ۔ تیز۔ چالاکھ۔ تیلنٛگہ۔ ۲۔ فتہ باز۔ ژھل باز۔ ژھلہٕ گوٚر۔ مکار۔ ۳۔ گاٹُل۔ عقلمند۔ دانا۔ زیرکھ۔ تجربہ کار۔ ذٕہین۔ ۴۔ بوہدُر۔ ولہ وٚپر۔ ۵۔ ژور (عدد)۔

: لوکہٕ کتھ :-

**چاتُر تو بیری بھلا مورکھ بھلا نہ میت۔**

تژکٕ نہٕ گاٹُل دُشمن چھُ چارس یارہٕ شرٕ کھوتہٕ بیہتر۔ م:۔

نادان دوستہٕ پٕٹھ کھوتہٕ چھُ دانا دُشمنے جان۔

**چاتُر کا یہ کام نہیں کہ پاتر سے اٹکے۔**

**چاتُر کا یہ کام ہے لیا دیا سٹکے۔**

گاٹُلس پزہٕ نہٕ چارس سیٛتۍ بحث کرٕن۔ بٕنٛہ تیتھ انٛگہٕ پنٕنی کام گژھ کڈنۍ۔

**چاٹ۔** [ت۔ چاٹ۔ مؤنث]۔ ۱۔ زیوٚ سیٛتۍ پھیٚش۔ لیوٚن۔ ۲۔ چسکہٕ۔ ٹھکہٕ۔ ژاپہ۔ ۳۔ تہ چیز یُس امس مداونہٕ باپتھ کھیٚنہٕ یِیہ۔ ("تاڑی" شراب، افیم بیتر) کھیٚنہٕ سیٛتۍ یُس مزٕ اُس گژھان چھُ تہ بدلاونہٕ یا مدراونہٕ باپتھ چھِ کانٛہہ نمکین چیز کھیوان۔

**چاٹ پر لگانا۔ چاٹ دینا۔** کانٛہہ کنیٚک چسکہٕ ژانُن۔ چیٚکر ژاہنۍ۔ ژاپہ ژاہنۍ۔

**چاٹ پڑنا۔ چاٹ لگنا۔** چیٚکر اژنۍ۔ چسکہٕ اژُن۔ ژاپہ اژنۍ۔

**چاٹ جانا۔** ۱۔ لیوٚتھ نیُن۔ زیوٚ سیٛتۍ لیوٚن۔ سورے لیوٚتھ ژھٕنُن۔ ۲۔ (کیٖمن ہنٛد) پکو کھیٚنُن، اکاغذ بیتر کھیٚنتھ نیُن۔

**چاٹ دینا۔** مزٕ یا چیٚکر ژاہنۍ۔ چسکہٕ ژانُن۔ ژاپہ ژاہنۍ۔

**چاٹ لگنا۔** (کُنیچ) چیٚکر اژنۍ۔ چسکہٕ اژُن۔ مزٕ اژُن۔

**چاٹ لینا۔** لیوتھ نیُن۔ کھیٚیوٚن۔ (وُرگہٕ پاٹھی) زٕنٛدے کھیٚیوٚن۔ (یہ رچھ شرارتہٕ وز ورتاوان)

**چاٹنا۔** لیوُن۔ زیٚوِ سیتی ہز وچھن۔ زیٚوِ سیتی پھیشُن۔

**چاٹ والا۔** "کچالو" "مٹر چھولے" بیترِ کنن وول۔

**چاٹیا۔** یُس کُنہِ چیزِ ہُنز ژاٹھ آسہِ۔ چسکہٕ ژامت آسہِ۔ یُس عادتن کُنہ لور آسہِ۔

لوٗکہٕ کتھ:۔

**چاٹ لگی تو حلوائی کی دوکان (کی) سوجھی۔**
یہ چھ تمہ وزِ وَنان ییلہِ کانٛہہ بوچھہ وزِ گرہ کُن ٹھکہ کڈہ۔

**چاٹے روکھا نہیں رہتے۔ چاٹے روکھے نہیں ہوتے۔** ہُڈہٕ یٚڈل چھ سٕٹھاہ چھ کھیوان۔ رژھ نہٕ چھنہٕ ژاوان۔ گوشنہٕ چھے۔

**چاٹی۔** [ت۔ چاٹی۔ مؤنث]۔ ا۔ کتر ژوٚڈ۔ کترہٕ وٲر (دودہ بیترِ باپتھ)۔ دوٗدہ مٔرکے۔

**چاچا۔** [ت۔ چ آچا۔ مذکر]۔ پیٚتُر۔ مٲلی سُند بوے۔ پیٚنیچر۔

**چاچی۔** (مؤنث)۔ پیٚتَنیٚنی (پیٚتیچیٚنی)۔ پیٚتُر سُنٛز زنانہٕ۔

**چابخ (چابق)!** چوبندٹ کا نعلبند۔ لورِ زورہٕ کام ہینہٕ وول۔ بنٛگاری ہینہٕ وول۔

**چادر۔** [ت۔ چادر۔ مؤنث]۔ ا۔ کپر ژادر، کرِ ژ۔ کھیش۔ ژادر۔ ۲۔ بوٚڈ ٹیٚمبہٕ پوٚٹ، ٹیٚمبہٕ ژادر۔ ۳۔ بڈ پہن دار (آبچ بیترِ)۔ ۴۔ کنچھ آبہٕ لٔہر، بال ژادر۔ ۵۔ اکہِ قسمچ آتشبازی۔ ۶۔ شال۔

**چادر اُتارنا۔** ل۔م: ژادر والنی۔ زنانہ پوٚژ والنی۔ زنانہٕ بے پردٕ کرٕنی۔ زنانہٕ بے یزتی کرٕنی۔ بیزتھ والُن، دوتھ والنی۔

**چادر آنا۔** ژادر واتٕنی۔ یہ آسہٕ ییٚتھ کالہٕ وُٹھچ دوہ ہہ کور مالین سٕہ گرٕژ سوزان یُس کالہٕ بٔہر بَنہٕ مٔہرازٕ سٕنٛدِس وٕنٛہرِ لُس پیٹھ ژاوتھ آسان اوس۔ یہ اوس اکھ رسیم۔

**چادر اوڑھنا۔** (وُرگہٕ) بُرقہٕ دُین۔

**چادر اوڑھ کے گھر میں بیٹھو۔** یہ چھ تمہ وزِ وَنان ییلہِ کانٛہہ (مرد) کُن گرٕ ھنس بٔہر نہ --- بیٚنہِ پاٹھی اُسی کام شرِ پاٹھی وَنان چھ "گرٕ بیٚٹھہ بُرقہ دِتھ"

**چادر پڑنا۔** کیٚنہٕ کھٹنہٕ ین، پوٚشہٕ پہر روزُن۔ ژادر روزُن۔

**چادر تان کے / کر سونا۔** سکلہٕ نلہٕ ژادر ہیتھ شوٚنگُن نہٕ گو (وُرگہٕ پاٹھی) کھوٚر وام آہر نہ نیٚندر کرٕنی۔ بے کھٹک شوٚنگُن۔ بے فکر پاٹھی یا آرامہٕ سان زندگی گذارٕنی۔

**چادر چڑھانا۔** کپر ژادر یا پوٚشہٕ ژادر کانٛسہ بزرگہٕ سٕنٛز قبرِ پیٹھ (بیٚترہٕ پرزہ نیازہ پاٹھی)

ترٔاوِنی۔ (نیازِ پاٹھی) کُنزِ اَستانس دَرپرِدِ نیئن۔

**چادر چھپّول** ۔ (مذکر)۔ اَکھ شُرِ گنڈُرن۔

**چادر چھٹ** ۔ (مؤنث)۔ کُنہ کپرِ یُس تالوس (تلہ) دِ نیر ییہ۔

**چادر چھُٹنا** ۔ آب نغرِ پیٹھ پیہ وَسُن۔ پال ژادرِ وَسنہ۔

**چادر چھوٹنا** ۔ "چادر" آتش بازی ترٔاونہ ییی۔

**چادر ڈالنا ۔ چادر اُڑھانا** ۔ ۱۔ پیٹھ کنہِ ژترٔاوُن، وُرُن ترٔاوُن یا کرُن۔ ۲۔ (وُرگرِ پاٹھی) مینڈ ستی نیتھر کرُن۔ ۳۔ مودس پیٹھ شال ترٔاوُن۔

**چادر سے باہر پاؤں پھیلانا** ۔ یوت نہٕ وُرُن آسہِ تیتہ کھور دَ ہراوِنی تہ گو پننہ مقدورِ نیبر نیرُن۔ کھارِ نیرُن۔

**چادر محمودی** ۔ اَکھ قسمِچ قیمتی کپرِ ژادر۔ کرژ۔

**چادر ہلانا** ۔ فاتیح فوجس برژ دنیُھ کنہِ [لیپا گامتین سپاہن ہُند]۔ ۱۔ اَمن منگُن، پناہ منگُن۔ ۲۔ ہتھیار ترٔاونی۔

لوکھ کتھ:

**چادر ہے تھوڑی (بہیر) پاؤں پھیلائے بہت** ۔ آمدنی کم تہ خرچ ژور۔

**چادر دیکھ کر پاؤں پھیلانا** ۔ یوتے وُرُن آسہِ تیتُے کھور دَ ہراوِنی تہ گو پننہ مقدورِ موجوب کام کرِنی۔ پننہ ہتہِ زیادہ نہ کام کرِنی۔

پائنسہ بیتر خرچاوُنی۔ م، ژادر دُچھتھ کھور وہراوِنی۔

**چادرا، چادرہ** ۔ [ت۔ چادرا۔ چادرہ۔ مذکر]۔ دُپچُل کپرِ ژادر یا ڈُپیٹھ۔

**چار** ۔ [ت۔ چار]۔ ۱۔ ژور۔ [۴، للعہ]۔ ترٔ نیئے تہ اَکھ۔ ۲۔ "چارہ" ژمفوُظ کتھ۔ رم: ناچار۔ ۳۔ (وُرگرِ پاٹھی) کینہہ ژنی۔

**چار آدمی** ۔ ژور ژنی۔ ژور فالصلو ژنی ژور۔ پنچ پاٹھ۔

**چار آنکھیں کرنا** ۔ برٔونہہ کُن یُن۔ اَچھ رلاوِنہ۔

**چار آنکھیں ہونا یا ہو جانا** ۔ ۱۔ اَچھ میلنہ۔ اَچھ مُیل گژھن۔ ملاقاتہ پیدُن سپدُن۔ ۲۔ ژور تجربہ آسُن۔ ژرزان آسنی۔

**چار** [illegible] (مذکر)۔ اَکھ قسمُک زرہ بکتھ [illegible] مخملس ژور شیشتر روک تختہ مرتہ [illegible] نفر ترٔ پانس اَندی اَندی لاگان چھہ۔ رم:

چار آئینوں میں عکس نمایاں نئے نئے
پریاں نئی نئی ہیں ہر پرتان نئے نئے
(العشق)

**چار ابرو** ۔ پچھُٹ وُنہ خط ماشوق۔

**چار ابرو صفا کرنا ۔ صاف کرنا** ۔ مُنڈن کرُن۔ بُمہ، داڑ، مُس، گونژھہ کاسنہ۔

**چار ابرو کا صفایا، چار ابرو کی صفائی** ۔

**چار ابرو صاف کرنا یا صفا کرنا** ۔ مُس، بُمہ

داڑ تہٕ گوشتٕچ کاسنہٕ۔ ساری سے کھوٗر کرُن۔
منڈٕن کرُن۔

**چار ارکان۔ چار اجساد۔** ژور عناصر تہٕ گوٚ
خاک، باد، آب تہٕ آتش (مٔتۍ، واو،
آب تہٕ نار)۔

**چار اُنگل کا پرچہ۔ چار انگل کا پرزہ۔**
(مُذکر)۔ مختصر خط، رُقعہٕ، چِھٹھ۔

**چار انگلیاں اُٹھانا۔** سلام کرُن۔ اتھ ڈٲکس
تام نِتھ سلام کرُن۔

**چار انگلیاں سر پر رکھنا۔** سلامہ باپتھ تہٕ
اتھ تہٕ تُلُن۔ سلام تہٕ نیہ کرُن۔

**چار باغ۔** شائس ہِش یا شاہی باغ یتھ ووٗز ژِہ بال
یتھ ژہ نُوٚتِ گنجن (ژور ژنگی) پوشہٕ شجر
بیتر کھاٲرتھ (بناوتھ) چھ آسان۔

**چار بالش۔ چار بالشت۔** (ف۔ مُذکر)۔
۱۔ گاوٕ تکیہ۔ پادشاہن ہنز گدی۔ شاہی
گدی، تخت۔ ۲۔ ڈُنی یا سمسار۔ شاہی مسند۔

**چار بند۔** ۱۔ چار بنٛد۔ تھر ہنٛد ہیوٚر بون،
ڈچھن کھوُر۔ ۲۔ اَنٛگ اَنٛگ۔ پرتھ
کانٛسہ اَنٛگ۔

**چار بند کی فصدیں کھولنا یا لینا۔** چار بند چھن
رگن ژہ بیچ دِتھ رتھ کڈُن۔ نوٗ تُبہٕ بیہنہٕ۔

**چار بیسی۔** شیتھ (۸۰)۔ اٹھ داہی۔

**چار پانچ۔** ۱۔ کینہہ۔ کمے۔ ۲۔ حیلہ بہانہٕ۔
ژوٚزُر۔ اعتراض۔

**چار پانچ لانا۔ چار پانچ کرنا۔** حیلہ بہانہٕ
کرُن۔ حلہٕ زلہٕ کرُن۔ ہیتھ ہیتھوٗن۔
بد ذاتی ہاوٕنی۔ شعٔے تہٕ ترٔے تہٕ نوٗ ونٛنی۔

**چار پایہ۔** ژُر زنگل۔ ژُکھوٗر۔ چاروے۔

**چار پتلیوں سے اُڑنا۔** گری سنہٕ ژہ ہنٛجل
دوُرُن۔ تیز دوُرُن۔ دُمنزِل دوُرُن۔

**چار پنچھ۔** ژُ دوت۔

**چار پہر۔ چار پہر دن۔** (مُذکر)۔ دُہکہ
ژور پہر۔ پوٗرٕ دوہ۔ ژے دوہ۔ باہ گانٹہٕ۔

**چار پہر رات۔** راتھ ہنٛدۍ ژور پہر۔ پوٗرٕ
راتھ۔ راتی راتھ۔ باہ گانٹہٕ (راتھ ہنٛدۍ)۔

**چار پیسے۔** (مُذکر)۔ ل۔م: ژور پانٛسہٕ
تہٕ گوٚ ڈیار، ہار، دولتھ۔

**چار پیسے پاس ہونا۔** ژور پانٛسہٕ نِشہٕ
آسنۍ، پلہٕ آسنۍ۔ پانٛسہٕ وول یا ڈیار وول
آسُن۔ گذارہ وول آسُن، خوشحال
آسُن۔ دُنیادار آسُن۔

**چار پیسے سے خوش۔** دال روٹی سے خوش کھیوٗن، چوٗن
ہاکھ بتہٕ کھیوٗن۔ خوش گذران۔

**چار پیسے کے لئے۔** ژور پانٛسن ہنٛدِ
خاطرٕ۔ کینہہ رُد پانٛسو باپتھ، موٗلی رقمہٕ
باپتھ۔ ینٛچھے رزٕ موکھ۔

**چار نار۔** (مُذکر)۔ ۱۔ ژُنارٕ۔ ساز یتھ ژور

ناپہ آسن ۔ ۲۔ (زنانہٕ کٲتھ) ژور جوڑ ڈبلون ہٕنڈی) ۳۔ ژور ڈس، زیور ہ گہنہٕ۔

**چار نال** ۔ (مذکر)۔ ژٕ نالہٕ ۔ طبلچ اکھ تال۔ طبلہٕ وایِنس منز اکہ تالہٕ ہُنٛد ناو۔

**چار تخم** ۔ ژور بٮ۪اٚلی تہٕ گو بٮ۪بر بیٚول، (ٹلار)، گُلہٕ بیٚول، اسمغول تہٕ خوبکلہٕ۔ چار نوہ تخم (شٕیر)۔

**چار تکبیر** ۔ [ف۔ ع۔ مونث] نمازِ جنازہٕ۔

**چار تنگ** ۔ ژٕ پنجل دور یا دو۔ سیٹھا تیزر ژونٛٹھر یا دو رٕکہ ڈون۔

**چار ٹوک** ۔ ژٕ کھنجل ۔ یتھ ژور کھانٛٹھ، کھنجہٕ، ٹنگرٕ، پھلو یا قاش (کاش) آسن گٲمتی۔

**چار جامہ** ۔ (ف۔ مذکر)۔ ا۔ اکہ قسمک زین۔ زینہٕ پلو۔ ۲۔ (ورگہٕ) صرف تاہ بند کرِتھ یا گنڈِتھ۔

**چار جائی** ہرجائی۔ مال ذاتھ ہگانی، کنجر ینی۔ بدماش۔

**چار جوہر** ۔ ژور عناصر۔ آب، آتش، خاک تہٕ باد۔ (پوٚنی، نار، مٮ۪ژر تہٕ واو)۔

**چار چالے** ۔ (مذکر)۔ ا۔ (زنانہٕ کٲتھ) کھاندرٕ پتہٕ مہر بینہٕ ہنٛدی اوٚر یور ژور پھیرِ کرٕنی۔ ۲۔ اکھ رسم۔ کھاندرٕ پتہٕ چھ مہر بینہٕ ہنٛدی ژور نزدیکھ ترین آشناو مہرینہٕ تہٕ مہرازس سال کران تہٕ نیرن وِزِ ینٛنہٕ مقدوٗرٕ موجوب کینٛژھا دِوان۔ اتھ چھ "چار چالے" وَنان۔

**چار چاند لگانا** ۔ ا۔ عزتھ تہٕ مرتبہٕ ہُرراوُن۔ بجر تھزر بخشُن۔ شوب تہٕ شان ہُرراوٕنی۔ ۲۔ مشہور کرُن۔

**چار چاند لگ جانا** ۔ عزتھ بڑن۔ مرتبہٕ ہُرن۔

**چار چاند لگنا** ۔ عزتھ بٮ۪ٚنُن۔ مرتبہٕ ہُرن۔ تھزر بجر یِنُن۔

**چار چاول** ۔ اکہ شُرہٕ گِنٛدُنک ناو۔ اکہ شُری کھیل۔

**چار چشم** ۔ ا۔ بےٚ مُروتھ۔ توتہٕ چشم۔ بےٚ منٛدچھ۔ بےٚ وفا۔ ۲۔ گرٕبشہٕ ڈون۔

**چار چشم ہونا** ۔ کٲنٛسہٕ سٕتی اچھ میلنہٕ ازلنہٕ۔ کٲنٛسہٕ سمکھن۔

**چار چلو خون (لہو) بڑھنا** ۔ ل۔ م: ژور دوٚژہ خوٗن ہُرن۔ یہ چھ وَنان سیٹھا خوش گژھن وِزِ۔ رم:

کرو قتل ہم کو تو خونِ تمنا
بڑھے چار چلو ہمارا تمہارا (راسخ)۔

**چار چند** ۔ ژوگُن۔ ژوہ گنہٕ۔

**چار چوٹ کی مار** ۔ ا۔ اکھوروتہٕ اتھو، لورِ تہٕ تیچہِ سٕتہٕ لاین۔ (ورگہٕ پاکھٹی) ضرب شدید۔ دوگہ زخم۔ ۲۔ سخ چوب۔ زبردس چوب، مار۔

**چار چوٹ کی مار دینا۔** اَکھِس اَکھِس دِنی سخ لایہٕ۔ زدٕ کوب کرُن۔

**چار حرف۔** ژور حرف یا اَچھر تہٕ گوٗ لانتھ۔ یہٕ چھ ثُھ جا یہ دُنان یتھ تہٕ نہٕ پاٹھی "لعنت" وَنُن پیٚیہٕ۔ م: ایسے آم کھانے پر چار حرف۔

**چار حرف بھیجنا۔** ژور حرف یا اَچھر سوزٕنی تہٕ گوٗ لانتھ ژھٕہنی یا سوزٕنی۔ لانتھ مَلامَتھ کرٕنی۔

**چار خانہ۔** (ف۔ مُذکر)۔ ۱۔ چہار خانہٕ کپُر۔ خانہٕ دار کپُر۔ کپُر یتھ خانہٕ بنتھ آسن۔ ۲۔ شطرنج ہاژن ہنز کتھ) شطرنج کہ تختکو مُنزمو ژدتوے خانہٕ۔ م:

کی جو سیر قمار خانۂ عشق!
مات کا گھر ہے چار خانۂ عشق (شعور)

**چار دانت۔** ژُ دُہر (ژھاوُل، چار دوے، گرُبیتر) یہ چھ تمہٕ وِزٕ وَنان ییٚلہٕ چار واین ہنز وُ اُتس دَند وُچھتھ سرآسہٕ کرٕنہٕ ژُ دوٗند۔

**چار دانگ ۱۔** (ف۔ مُذکر)۔ ژور طرف، ژوٗنوے طرفو۔ سوٗرے۔ سالِم۔ م:

گیتی کے چار دانگ میں تھی جس شقی کی دھوم۔ (انیس)

**چار دانگ ۲۔** (ف) دِیناریک شییم بوگ (حِصہٕ)

**چار دن۔** ژور دوہ تہٕ گوٗ کینہٕ دوہ۔ کینہٕ کال۔ کینو ژُ کال۔

**چار دِن چاندنی، چار دِن اندھیاری۔** ل۔م: ژوٗن دوہن نہٕ زونہٕ گاش تہٕ ژوٗن دوہن گٹہٕ۔ زوال تہٕ کمال چھ سٕینی سیتی لگان۔ سانہٕ چیز چھنہٕ پوشہٕ وُن۔ م: ییٚتینہٕ تاپھ تتینہٕ شہُل۔

**چار دِن کا۔** ژوٗن دوٗہن ہُند۔ کینژَس کالس پوشہٕ وُن۔ ناپایدار۔ نہٕ روزٕوُن تہٕ نہٕ پوشہٕ وُن۔

**چار دِن کی بادشاہی۔** ژوٗن دوہن ہنز پادشاہی۔ ژوٗن دوہن ہُند اقتدار، عاش۔ نہٕ روزٕوُن تہٕ نہٕ پوشہٕ وُن بختیار۔

**چار دِن کی بہار۔** ل۔م: ژوٗن دوٗہن ہُند سونتھ۔ یہ چھ تمہٕ وِزٕ وَنان ییٚلہٕ کُنہٕ چیزس چھ ناپایداری آسہٕ ہاونی۔

**چار دِن کی چاندنی۔ چار دِن کی کرچاندنی۔** ژوٗن دوٗہن ہُند زونہٕ گاش تہٕ گوٗ۔ نہٕ روزٕوُن تہٕ ناپایدار چیز۔ یہ چھ دُولژ تہٕ مُحتیچہٕ ناپایداری ہیٚتھ وَنان۔

**چار دِرہم۔** ژٕ دام ہیُم۔

**چار دیوار۔** سُہ مکانہٕ یتھ ژٕ پور دوس آسہٕ گنڈتھ۔ ژٕ پور دوس گنڈتھ روقبہٕ۔ چار دیواری۔

**چار دیواری۔** ۱۔ چار دیواری۔ (کانہٕ گنڈتھ) حاطہٕ۔ ۲۔ مُلاے یتھ ریس پَنہٕ کالہٕ شہرن

أنٛدۍ أنٛدۍ گنٛڈِتھ اوس آسان ۔

**چار روز** ۔ ژور دۄہ ۔ کیٚنہہ دۄہ ۔ کیٚنٛژھ کال ۔ تھُلپل وٕقت ۔

**چار زانو** ۔ ژُزانوٗ ۔ ژاٹہٕ کوٗٹھ (دکرِتھ) ۔

**چار زانو بیٹھنا** ۔ چار زانو یا ژُزانو بِہن ۔ ژاٹہٕ کوٗٹھ کرِتھ بِہن ۔

**چار سال / ساکر** ۔ ژُوٗہر ۔ (اگر بہتر) ۔ ژ دوٚنٛد ۔

**چار سو** ۔ ۱۔ ژُ ووٚت ۔ چار سمے ۔ ۲۔ ژوٚ پور ۔ ژوٚ پاسے ۔ ژور طرف ۔ پرٛتھ طرفہٕ ۔ ژوٚ واپور ۔

**چار شانہ** ۔ ہوٚٹ دژوٚٹ ۔ ٹوکرٕ ۔ طاقتھ وَر ۔

**چار شنبہ** ۔ چہار شنبہ ۔ بوٚد وار ۔

**چار طاق** ۔ ڈَبہٕ ڈُلانہٕ ۔

**چار طرف** ۔ ژوٚ پور ۔ پرٛتھ جایہِ ۔ پرٛتھ پاسہٕ ۔

**چار عنصر** ۔ ژور توٚتھ، ژور عناصر ۔ آب، آتش، خاک، باد ۔ (پوٚنی، نار، میٚژ تہٕ واو) ۔

**چار قب** ۔ ۱۔ اکہٕ قسمُک واسکٹ ۔ اکہٕ قسمٕچ صَدرۍ ۔ ۲۔ اکہٕ قسمُک آنہٕ ۔

**چار قدم** ۔ ژور قدم ۔ ژور لانٛپہٕ ۔ یٛژ نکھہٕ ۔ نزدیکھ ۔ زٕ قدم ۔

**چار قدم آگے چلنا** ۔ ژور قدم برٛونٛہہ نکھن ۔ (کانٛسہٕ) پیٚتھ ہٕ روزُن ۔ (کانٛسہٕ) برٛونٛہہ گژھُن، نیرُن ۔

**چار قدم چلنا** ۔ ژور قدم نکھن، ہنا برٛونٛہہ نکھن ۔

**چار قدم ہونا** ۔ سیٚٹھاہ نکھہٕ آسُن، نزدیکھ آسُن ۔ زیادٕ دوٗر نہٕ آسُن ۔

**چار قُل** ۔ "عَم" سیپارٕ ہنٛدۍ ژور سوٗرہ یمن "قُل" گوڈٕ چھُ ـــــ قُل یا ایھا الکفرون، قُل ھو اللہ، قُل اعوذ برب الفلق، قُل اعوذ برب الناس ۔

**چار کانے** ۔ (نرٛدس گنٛڈن والین ہنٛز کتھ) نرٛدُک اکھ باز یا اُتھ ۔

**چانے کانے آنا، چار کانے پڑنا** ۔ بازہ نہٕ پیٚیوٚد پیٚیوٚن ۔ وولٹہٕ باز پیٚیوٚن ۔

**چار کپڑے زیادہ پھاڑے ہیں** ۔ ہنا چھُن دُنی یا وِچھمُت، تجربہ چھُس زانان چھُ ۔ ہم نے خالہ / اماں نے اپنے بال دھوپ میں سفید نہیں کئے آخرت سے چار کپڑے زیادہ پھاڑے ہیں ۔

**چار کونی** ۔ ژُ کوٗنٛجل ۔

**چار کھونٹ** ۔ (اُتونٹ) ۔ دُنیہِ ہٕکۍ ژور کوٗن تہٕ گوسوٗرۍ دُنیا، عالم ۔

**چار کی مرضی** ۔ ژٕھون زٕنین ہنٛز مرضی، خوشی، تہٕ ڈٕیتھ گوسارنی ہنٛز مرضی ۔

**چار کے کان آواز پڑنا** ۔ ژٕھون زٕنین ہنٛدن کنن کنٛتھ گژھنی یا واتنی ۔ کنٛتھ ژٕھون منٛز پھیٚنۍ، عامس منٛز واتنی ۔

**چار کے کندھے یا کاندھے** ۔ ۱۔ ژٕھون

ہٕندِ بن نکھن پیٹھ (موٕرِ، توبۄدِ بیترِ)۔
۲۔ پالکہِ یا زانپانس کھٕسنہٕ۔

**چارگام۔ چارگامہ۔** (ف۔ مذکر)۔ تیز تکہٕ وُن یا دورٕ وُن گُر۔ رہوار۔ تیز رفتار رگُر بیترِ)۔

**چارگُنا۔ چوگنا۔** ژُوگُن۔ ژوگنہٕ۔

**چارمغز۔** (ف۔ مذکر)۔ ۱۔ ڈوٗن۔ ۲۔ (حکیم کنہٕ) چار تُخم (خربُزی بیول، نُنرِ بیول، لآر بیول تہٕ الہِ گوجہ)۔ ۳۔ مینٛزِ دوہ گُل یمہٕ شُری چھ کھٕنان۔

**چارموج۔** (ف۔ مؤنث)۔ آوٕلُن۔ م:
چکر میں ہے چار موج دریا
نشہ سا ہرن ہے چوکڑی کا (محسن)۔

**چارمیخ۔** ییٚہ اوس یتھ کالہٕ اکھ سزا یمیُک موجوٗب مُجرِمس آسہٕ اتھن تہٕ کھورن میخہٕ (رکلی) ٹھکنہٕ یوان۔

**چار میخ کرنا۔** اکہِ قسمک سزا۔ مُجرِمہٕ سُند اتھ کھور گنڈِتھ چوب دِنی۔

**چارمیخا کرنا۔ چومیخا کرنا۔** دُبہ یا وُنہٕ سأے وِتھ اتھ کھور ژوٗن میخن سٕنی گنڈِنی۔ (ییٚہ اوس یتھ کالہٕ اکھ سزا)۔

**چارمیں۔** ژوٗن منٛز یاکھی۔ دوہٕ یٚن منٛز۔ ییٚنِ کھی یا بٕروٗنٹھ کنہٕ۔ سارنی بٕروٗنٹھ کنہٕ۔

**چارمیں بات پڑنا۔** ژوٗن منٛز کتھ پیٚنی، وٗتہٕ پیٹھ کتھ پیٚنی۔ عامس منٛز کتھ پیٚنی۔

**چارمیں بات ڈالنا۔** ژوٗن زٕنین بٕروٗنٹھ کنہٕ کتھ تھوٗنی تہٕ گوٗ مشوٗرِ یا ییٚتھ کیٚنٛژن لُوکن کنہٕ وٗننہٕ، کتھ کرٕنی۔

**چارمیں ہانڈی پک جانا۔** کتھ ژوٗنِس پیٹھ پیٚنی۔ کتھ پھیٚن تھیٚسٕنی۔ راز لُوٚن گژھن۔ سِرس نٕبر گژھن۔ سِرس وُرن وُوکھن۔ سِر وٗتہٕ پیٹھ پیٚوٗن۔

**چاروں۔** ژوشوٗے۔ ژونوٗے۔

**چارچوٗل برابر۔** ۱۔ پٕژرٕ زِ کوٗنچل چھ۔ ۲۔ رٕٹھ موٗٹ دٕز وٗٹھ یا وٗتوٗٹھ پوٗٹھ چھُ۔

**چاروں چوٗل یا چوٗلوں سے ٹھیک کرلینا۔** ماملہٕ ٹھیکھ یا ٹھیٖک سیٖنز راوُن۔

**چاروں خانے چت۔ چاروں شانے چت۔** ۱۔ دُبارِہ منٛز ٹھٕرِ کنی ییٚوٗن یا یارٕ ہیٚبوٗرکن گژھنی تہٕ گوٗ پوٗرہٕ پاٹھی ہارُن۔ م: اسمان وُچھُن۔

**چاروں مت۔** موٗسیقی ہنٛدی ژور رگن۔

**چار ہاتھ۔** ژورِ پاوٕ۔ (دُرگہٕ یا ٹھی) آنکہٕ وٗنی مینٛژ۔ گز زِ گز۔

**چار ہاتھ (چار چار ہاتھ) اُچھلنا۔** تھوٗد وُتھی وُتھی گژھن۔ ژھٕرِ ژھٕرٹھ کرٕنی۔ بے قرار آسُن، بے سوکھ آسُن۔ ترٕ زنگہٕ ژھٕنہٕ۔

**چار ہاتھ پاؤں۔** اُورٕ وُرٕ، اُورٕ دوٗرٕ ییٚتھ منٛدار۔

**چار ہاتھ کی زبان ہونا۔** ژور پاوٕ زیوٗ آسنی تہٕ گوٗ زیوٚژ زیوٚٹھ یا زیوٚ ہرود آسُن۔ زبان دراز آسُن۔

**چار ہاتھ میں پار ہونا۔** کوشش رزٕ سیتۍ ترٛنہٕ گژھُن، موٗمولی میہنتہٕ سیتۍ کامیابی لبنہٕ یا بننہٕ۔

**چار یار۔** ژور یار۔ آنحضرتؐ ہٕنٛدۍ ژور یار، ۱۔ حضرتِ ابوبکر صدیقؓ ۲۔ حضرت عمر فاروقؓ ۳۔ حضرتِ عُثمانؓ۔ ۴۔ حضرتِ علیؓ۔ خُلفاے راشدین۔

**چار یار چاروں بے کار۔** (زنانہٕ کتھ) تم یلہٕ یا تِھی یار یم نہٕ وقتس وِزِ کار ین۔

**چار یاری۔** (ف۔ موئنث)۔ خاص خاص یارن دوستن ہُنٛد جوش، سُرت۔

**چار یاری روپیہ۔** ۱۔ روپیہ یُس اکھ ژکونجل ضرب دِیِس ژور نوٗن کرٕ نہٕ باپتھ ماتھر پاٹھۍ ورتاونہٕ چھُ یِوان)۔ ۲۔ سُہ ژکونجل روپیہ یُس بر زژ باپتھ شونگو نہٕ پاٹھۍ روپیہ گوژھ رُنٛزِ چھ تھاوان دیرِ چھیٚ اکبرٕ نٕ تہٕ جہانگیرنہٕ: قیتیچ)۔

:- لوکہ کتھ :-

**چار باسن ہوتے ہیں تو کھڑکتے بھی ہیں۔** بیتھ ژور ژنی سُمن تتھ چھیٚ کتھ کتھ گژھان۔ م: باسن تہٕ باسن چھُ ٹھُونکہٕ لگوان۔

**چار برسائیں زیادہ دیکھی ہیں۔ چار برسائیں تم سے زیادہ دیکھی ہیں۔** دُنیا چھُ دُچھمُت۔ ہنا چھُ تجربہٕ گومُت۔ داناسہٕ

نہٕ ژور آسن۔ م: ژور ہاکہٕ ژرزیہٕ باہن گومُت۔

**چار دن کی چاندنی پھر اندھیرا پاکھ۔** ژٕ دن دوہن ہنٛز زونہٕ گاش، پتہٕ چھُ بییہٕ گٹہٕ پچھ تہٕ گوسو چھ، عاش بیتر ژھپنہٕ روزون تہٕ پوشہٕ ون۔ "اندھیرا پاکھ" بدل چھِ "اندھیری رات" نہٕ وَنان۔

**چار دن کی کوتوالی پھر وہی کھرپا وہی خالی۔** یختیار، راج بیتر چھُ کینژن دوہن ہُنٛد۔ پتہٕ چھُ اِنسان بییہٕ بننہٕ اصلی حالژ داتان۔ م: ڈاین دوہن ہُنٛد راج۔

**چار فقیروں کو نہ دیا ایک تکیے دار کو دیا۔** یُس نہٕ مُستحق آسہ تمۍ سے خاراتھ دیُن۔ اوسو حالس مدد کرُن، خاراتھ دیُن۔

**چار مہینے پال کا چار مہینے ڈال کا چار مہینے جیسے ویسا۔** ژٕ دن رہنٛن چھُ تازٕ آب خوش کران تہٕ ژٕ [illegible] رہنٛن پی [illegible] ریانے وشن یا کالہٕ روٹمُت) آب چھُ خوش گران۔

**چار ہاتھ پاؤں سب کے ہیں۔** نرِ زنگہٕ چھیٚ سارنے، مطلب سارنے چھُ طاقت۔ یہرِ چھُ تمہٕ وزِ وَنان یلہٕ کانہہ زوراوری ہاوِ۔ یہرِ چھُ تمہٕ وزِ تہٕ وَنان یلہٕ کانہہ بییس پیٹھ بور بنہٕ۔ مطلب چھُ آسان یہرِ زِ بیژھ کانسہٕ ہنٛزِ پنٕ روزی پانہٕ زینن۔ نرِ زنگہٕ کمہٕ باپتھ چھیٚ۔

**چارا** ۔ [ت ۔ چارا ۔ مُذکر ] ۔ ۱۔ گاسہٕ یا کھٕبل وُبل
یُس چاروایَن کھیٚنٛوٚن چھہٕ دِوان ۔ ۲۔ دانہٕ
یا اُرٕتِج یُس (پِلایہٕ) کانٛٹس گاڈِ نِ سکاری
گاڈِ رٕٹنہٕ مۄکھہٕ چھہٕ لاگان ۔ پیکٹ ۔ ۳۔ لوکٕٹ
تہٕ لوکُل ۔ ۴۔ پھل پھول بیترِ یُس ہارِین
ژُرین تراوان چھہٕ ۔ دانہٕ بیترِ ۔

**چارپائی** ۔ [ت ۔ چارپائی ۔ مؤنث ] ۔ ۱۔ چارپاے ۔
چارپاو ۔ لوکٹ پَلَنگ ۔ بیڈ ۔ ۲۔ رُباعی ، رُباے ۔
رم: رباعی ہیں مری لے دل بلند سی بلندی ہے
لگے ہیں عرش کے پائے مگر اس چارپائی ہیں
(اسیر)

**چارپائی پر پڑنا یا پڑ جانا** ۔ چارپایہِ پیٹھ
شونٛگُن ۔ زُوٚ ڈیٚول گژھُن ۔ وُرنہٕ وتھرِنہٕ
پیوٚن ۔ بیمار گژھُن ۔ چارپایہِ لارُن ۔

**چارپائی سے پیٹھ لگنا** ۔ وتھرِ یس تھر لارِتھ
گژھُن تہٕ گو وُرنہٕ وتھرِنہٕ پیوٚن ۔ سخ بیمار
یا ڈیٚول گژھُن ۔ سیٹھا کمزور گژھُن ۔ پوست
پائی گژھُن ۔

**چارپائی سے لگ جانا** ۔ چارپایہِ لارِتھ گژھُن ۔
وتھرِ یس لارِتھ گژھُن ۔ سخ بیمار پیوٚن ۔
وۄتھتھ نہٕ ہیٚکُن ۔

**چارپائی کا بولنا** ۔ چارپایہِ کرکر گژھُن ، ٹکہ
راے گژھُن ۔

**چارپائی کا چرچرانا** ۔ زیادٕ بور یا وزنہٕ کِنہ چارپایہِ
کرکر گژھُن ۔ رم : آپ دوسری چارپائی
پر بیٹھ جائیے ۔ چارپائی چرچرا رہی ہے ۔

**چارپائی کا مچمچانا** ۔ زیادٕ بور بیٹھ روزنہٕ کِنی یا
پیٚنہٕ کِنی چارپایہِ کرکر گژھُن ، آواز
نیبرُنی (خاص کرِتھ مۄرد سنٛدِ بارٕ ستی) ۔

**چارپائی کو لات مار کے اٹھ بیٹھنا** ۔ ل.م :
چارپایہِ لتہ دِتھ وۄتھُن تہٕ گو بیمارِ پتہٕ
وۄتھُن ، بلُن ، شفایاب بنُن ۔

**چارپائی کے بان توڑنا ۔ چارپائی توڑنا** ۔
بیکار بنُن ۔ آرُژ ہیٚنہٕ کِنہ کانٛہہ کام
کار کرُن ۔ بیکار بیٚہُن ۔ چار پاے گسہٕ اَنُن ۔

**چارپائی میں کان نکلنا یا ہو جانا** ۔ چارپایہِ
نۄقص گژھُن ۔ "کان" چھُ چارپایہِ ہُنٛد
اکھ خاص نۄقص یُس ساڑن سرِ پیہ گژھنہٕ
کِنی گژھان چھُ ۔ چارپایہِ کوب نیبرُن ۔

**چارپائی والا** ۔ (مُذکر) ۔ زنانہٕ چھینٛے اشارٕ پاٹھی
ژُرس وَنان ۔

**چار ناچار** ۔ چارٕ ناچار ۔ ییتھ تیتھ ۔ مجبوری کِنی ۔ مجبورن ۔

**چارہ** ۔ [ت ۔ چارٕ ۔ ف ۔ مُذکر ] ۔ چارٕ ۔ تدبیر ۔
دوہ پاے ۔ مدتھ ۔ پاے ۔

**چارہ جوئی** ۔ (ف ۔ مؤنث) ۔ چارہ جوئی ، علاج ۔
چارٕ ، کامیابی ہنٛز وتھ ۔ نالِش ، عرضی ، فریاد ۔

**چارہ چشم** ۔ بکرِ دوُر ۔ ڈیٹھ ۔ بے شرم ۔
وۄچھو "چار چشم" تہٕ ۔

**چارہ داں** ۔ حکیم، وید، طبیب، بیتر۔
**چارہ ساز** ۔ چارٕ کرن وول۔ پاے کرن وول۔
علاج یا وتھ کڈن وول۔ چارٕ ساز، خداے۔
**چارہ سازی** ۔ (ف ۔ مؤنث)۔ تدبیر، وتھ، چارٕ
سازی۔ وو پاے۔ پاے۔ یاری۔ مدتھ۔ اتھ روٹ۔
**چارہ گر** ۔ چارٕ کرن وول۔ وو پاے یا پاے
کرن وول۔ علاج کرن وول۔
**چارہ گری** ۔ وتھ کڈنی، چارٕ سازی۔
**چاشت** ۔ [ت۔ چاشت ۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ دوہک
اکھ پہر۔ آفتاب کھسنس پتہٕ دوپہرس منز
یاگک وقت یس پوٚہے نو بجے ہیوٚہ چھ
آسان۔ چاش۔ ۲۔ ناشتہٕ، صبحک کھانہٕ۔
۳۔ نماز چاش، یہ سہ صبح نماز تہٕ پیشن
نماز درمیان (پوٚہے نو بجے ہیوٚہ) پران چھ۔
**چاشت خور** ۔ یس ہیوٚٹھ زیوٚٹھ زھرٕ ٹہٕ زھرٕ ٹھ
دراے برونٹھہ کنہٕ واتہٕ، مفت خور۔
**چاشتہ خوار** ۔ بیٚیہ سندین پھلین پیٹھ
پلن وول۔ لوکہ ہندین زھینٹہٕ پھلین
پیٹھ گزار کرن وول یا پلن وول۔ زھینٹھ خور۔
**چاشنی** ۔ [ت۔ چاشنی ۔ ف۔ مؤنث]۔ ۱۔ مزٕ یا
لذتھ وچھنہٕ باپتھ کنہہ (کھینہٕ چیز ژ) زرھا
نون وچھن۔ رم: چاشنی چکھنا۔
۲۔ مزٕ۔ لذتھ۔ چاشنی۔ ۳۔ قوام۔ ٹاٹھ۔
۴۔ تہٕ یہ مزٕ باپتھ کنہٕ چیزس نرو دموٚت آسہ۔

رم: دل کی کروٹ میں کیا مزہ آئے
درد کی چاشنی نہیں ہے ابھی
(آرزو لکھنوی)
۵۔ سونس یا روپس کاہ دیون سکاہ۔ ۶۔
سیچھر۔ ۷۔ سہ ژ انتر یس کنہٕ مدرس چیزس
کھینہٕ [illegible]۔ ۸۔ اکھ بانہٕ یتھ منز نے شکرک
رس کرتھ نادنہٕ چھ یوان۔ ۹۔ سہ میوٚ یس
امبہ کلس گوڈنیتھے پیوان چھ۔
**چاشنی چکھنا** ۔ مزٕ وچھن۔ لذتھ وچھن۔
**چاشنی دار** ۔ ژٕ ہکہ موٚدر۔ ییتھ خوش
یوٚن ژٕ ہکبر آسہ۔ رم:
اپنی شیریں دہنی بھی وہ ترش رو پاتا
چاشنی دار اچار اس کو کھلاتا چوکا (رشک)
**چاشنی کر لانا** ۔ (کوٹر بازن ہنز کتھ) کھنز تہٕ
آمژن تیرن ہنز جایہ ہنا سفید رنگہ
نو تیر پینہٕ۔
**چاشنی گیر** ۔ خانٕ سامانہٕ۔ ووستہٕ (واز)۔
(بڈین چھیون ہندس کھانس بیتر دتمن
کھیاوتہٕ برونٹھ) مزٕ وچھن وول۔
**چاق** ۔ [ت۔ چاق ۔ ترکی]۔ ۱۔ ژٕ وتر، چالاکھ۔
ہشیار۔ ۲۔ ٹھوکہ۔ اڈر دور۔ موٹ ڈروٹ، اچھ۔
**چاق چوبند** ۔ چاق و چوبند ۔ ۱۔ اڈر دور۔
موٹ ڈروٹ۔ وارکار۔ اگر گوو۔ ٹھوکہ ژٕ وتر۔
چالاکھ۔ ۲۔ مس۔

**چاقو۔** [ت۔ چاقو، ترکی، مذکر]۔ شٕراکھ، پُچھ قلم تراشِس شٕراکھ۔

**چاک۱۔** [ت۔ چاک۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ چاکھ، سفید میٹر۔ ۲۔ سوٗ رنگدار چاٹی یٕمہٕ سِتی بٕتر پلو کٹاوُن وِزِ نشانہٕ تراوان چھِہ۔ مارکہٕ۔

**چاک۲۔** [ت۔ چاک۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ کرالہٕ ژرٹ۔ ۲۔ چرخ یا چرخی یتھ پیٹھ کریر منٛزٕ آب کھارِتھ رز چھتے روزان۔ ۳۔ سوٗ گول تھاج یتھ منٛز بٕتری یا قند شِھراوِنہٕ باپتھ چھِہ تراوان۔ ۴۔ سُہ چیز یٕمہٕ سِتی کھلس کرِی منٛس اناجس بٕتر نِشانہٕ یا ٹھپہ چھِہ تراوان۔

**چاک کی طرح پھرنا۔** ژرٕ چرہٕ ہندی پاٹھی پھیرُن۔ چرخکی پاٹھی پھیرُن، نژُن۔

**چاک۳۔** [ت۔ چاک۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ ژھیٚنہٕ ژھیٚنہٕ ژوٚٹمُت۔ ژھینتھ یا ژٹیتھ۔ چاکھ، ژٕرد، پھراٹھ، ژٕر باترتھ۔ ۲۔ ژٕریک، تاگ یا دامنہٕ بٕتر ژیک چاکھ۔

**چاک اُترا ہوا پھر نہیں چڑھتا۔** یتھ کامہٕ کھر آسہٕ آمُت تمہٕ چھنہٕ کیٚنہہ اندان، سوٗ چھنہٕ ٹھیکہٕ ہیکان سپدِتھ۔

**چاک داماں۔** یُس دامنس ژٕرِ آسن وُزِ ژھرِ، یُس دامن ژھیٚنہٕ ژوٚٹمُت آسہٕ۔

**چاک دینا۔** ژٕرٕ ژٹُن، ژٕر دیُن۔ ژٕرتھ دیُن، چاکھ دیُن۔

**چاک کا ہنسنا۔** پلوٗن بٕترِ چاکی دوٗرِ تی۔ چاکھ یا چوک دوٗرُن۔

**چاک کرنا۔** ۱۔ ژٕر دیُن۔ ژٹُن۔ ژٕرتھ دیُن (پلوٗن بٕتر)۔ ۲۔ ژٹُن، شٕراکھ وایُن۔

**چاک گریباں۔** یُس نالس ژٕر دِتھ آسہٕ۔ یٕمہٕ نالس ژٕرِتھ دِتھ مُت آسہٕ۔ دوٚکھہٕ زد، دُکہٕ زد۔

**چاک ہونا۔** ژٕر وُسُن۔ ژھیٚنُن۔ ژٕرتھ وُسُن۔ چاکھ گژھُن۔

**چاکر۔** [ت۔ چاکر۔ ف۔ مذکر]۔ نوکر، خدمتگار، داس، ملازِم، موٗہنیو، خادِم۔

**چاکری۔** نوکری، ٹہلی، خدمتگاری، ملازمت، موٗہنوٗ گرٕی (للا)۔

**چاکر سے نوکر بھلا جو سوئے اپنی نیند۔** لۆکہٕ کنیتھ۔
ملازمہٕ سٕنٛد کھوتہٕ چھُہ موٗن جان یُس پننہٕ مرضی شوٗنگہٕ۔ ژٕ گوٗ نوکری چھنہٕ کینہہ۔ نوکری چھتے پرتھ ہیُشہٕ تہٕ کامہٕ منٛز وسِتھ۔

**چاکر کے آگے نوکر، نوکر کے آگے پیشکار۔** مُ: پس از گدائی چاکری۔
یہ چھِہ وُنان یُس تھکن تھاج نہٕ ژھوکی آسہٕ۔

**چاکری میں آکر (سستی) کیا۔ چاکری میں آکری کیا۔** نوکری تہٕ آلِس کیا کام۔ نوکری آے تہٕ آکرٕ کیا۔

**چاکری میں آکری گیا۔** چاکری منز کوسہٕ اکرِتھ آکر۔ مُلازِمتس منز، نوکراَزی منز کوسہٕ مینگ ہاوِ انسان ۔

**چاکسو۔** [ت ۔ چاکُ سوٗ ۔ ف ۔ مُذکر ]۔ اکھ قِسمُک کرُہن بیتول یُس اَچھ داَدِس چُھ لگان۔

**چاکو ؛ چاقو ۔** [ت ۔ چاکوٗ، مُذکر ]۔ شرٛاکہٕ پُچ۔ وٹنہٕ ییٛنہٕ وول قلم تراش ۔

**چاکی ۔** [ت ۔ چاکی ۔ مؤنث ]۔ ۱۔ [ لورِ بازگتھ ] لورِ گیل یا پرٛتھ یُس مُقابلہٕ واَلی ہِنٛدِ سَکہٕ پیٚتھی لوٗر رگلہٕ وِتھ خاَلی جایہِ لاینہٕ ییٚیہٕ ۔ ۲۔ گرٛٹہٕ ۔ گرٛ بیٚٹھنی۔

**چال ۔** [ت ۔ چالُ ۔ مؤنث ]۔ ۱۔ پکُن ترٛلے، طُریقہٕ، گرٛاے، چال ۔ ۲۔ طُریقہٕ، رُوی، طرز، طور طُریقہ۔ ۳۔ عادَتھ، ہاَل ۔ ۴۔ شَطرنجُک یا نرٛدُک موہرٕ اکہِ خانہٕ منٛز بیٚیس خانس پکناوُن یا نیُن ۵۔ دوکھہٕ، برٛم ۔ ژھل ۔ چال ۔ فریب ۔ ۶۔ گُرِ ہِنٛز پکُنگ رفتار۔ گُرُ ہنٛد پکُن ۔ ۷۔ اکھ قِسمُچ گاڈ۔

**چال اُتارنا۔ چال اُڑانا۔** گرٛاے ترٛاے کٔلتھ ریٚنٛز۔ بیٚیس ہِنٛز گرٛایہِ ترٛایہِ پکُن۔

**چالباز۔** ژھلباز ۔ چالباز۔ فنٛدباز۔

**چالبازی ۔** (ف)۔ ژھلبازی۔ فنٛدبازی۔ چالبازی۔

**چال بتلانا۔** ۱۔ شَطرنجُچ چال وَنٛنی۔ ۲۔ دوکھہٕ دیُن۔ فنٛد یا ژھل کرُن۔

**چال پڑنا یا پڑ جانا۔** چال سیٚزٕ گژھنی۔ تدبیر ستیٚ بوٗد گژھُن۔

**چال پکڑنا۔** ۱۔ ترٛاے رٹنی۔ چال رٹنی۔ یختیار کرُن۔ یا نہٕ ناوُن۔ رٹُن (کانٛہہ فاَشن، رسم بیترِ)۔ ۲۔ چلے جاوٗ لگُن۔ کُنہٕ چیزُس رواج لگُن، عروُج لگُن۔

**چال ٹیڑھی چلنا۔** گرٛایہِ مارَن پکُن۔ گرٛایہِ ماَری ماَری پکُن۔ م :

چلیں کیوں کر نہ وہ اب ٹیڑھی کی چال
قدم تک آگئے ہیں بل کمر کے
(داغ)

**چال ٹیڑھی ہونا۔** رفتار بگرُن۔ پکنیٚچ ترٛاے پھٹنی۔

**چال چلن ۔** (مُذکر) ۔ چالہٕ چلن ۔ دِوتھ بیٚٹھ۔ طور طُریقہٕ۔ عادَتھ، خصلتھ بیترِ۔

**چال چلنا ۔** ۱۔ دَرناوُن ۔ (اُفنٛد بیترِ) پانہٕ ناوُن۔ (کانٛہہ طور طُریقہٕ بیترِ) ۲۔ ژھل کرُن۔ چال کرٕنی۔ برٛم دیُن ۔ ۳۔ شطرنجکو تہٕ چوسرکی موہرِ اکہِ (خانہٕ) منٛز بیٚیس خانس نِنٛز، وانتاوِنی یا اَنٛنی۔ ۴۔ چال یا تدبیر ستیٚ بوٗد گژھُن۔ چال چلنی یا کارگر گژھنی۔ فنٛد فریب، چلُن۔ ستیٚ بوٗد گژھُن۔

**چال چوکنا۔** پھرٕنی۔ وشیٚہ گژھُن۔

**چال دکھانا** ۔ ۱۔ گُرُ ڏسڻ ڏيکارڻ پُڪان پُڪان ٻُڌڻ
ٻُڌڻ ٻُڌڻ پُکڻ تڙايہ ٿيڻ ۔ مختلف طريقو
پُکڻ ۔ گُرُ ڏسڻ چال ڏيکارڻ ۔ ۲۔ نيرُڻ ،
گرڙهڻ ۔ ڏٺو ٿيڻ ۔

**چال دکھاؤ** ۔ گرڙهو پائڻ ، ٻئي وقت نيرايائڻ ۔
گرڙهو ۔ ٻُڌو ، چال مه آڻڻ ۔

**چال ڈھال** ۔ چال ڈال ۔ گرائے تڙائے ۔ ٿيڪڻ
تڙائے ، انداز بہتر ۔

**چال ڈھال میں بیس ہونا** ۔ چالڊاليہ يا
گرابر تڙايہ مُنڊ سُرڻ آئڻ ۔ چالڊاليہ مُنڊ
طاق آئڻ ۔

**چال رہنا** ۔ وقتہ کار پھٽرڻ ، اصل وڙ نہ
تڏہن ريا دہڻ ۔

**چال سوجھنا** ۔ ساٿہ چال يا تدبير ديماغس مُنڊ
ٿيڻ ۔ گنڌ تدبير ڪ خيال ٿيڻ ۔

**چال سے خالی نہ ہونا** ۔ مصلحت بغار نہ آئڻ ،
گيٿہ نہ گيٿہ مصلحتہ آسني ۔ گنڌ چھينہ ڏھر ،
م : پائے ساقی پر گرایا جب گرایا ہے مجھے
چال سے خالی کہاں یہ لغزش مستانہ ہے

**چال سیکھنا** ۔ ۱۔ ساٿہ ڏسڻ چال ڈال رٿيڻ ۔
ساٿہ ڏسڻ گرابہ تڙايہ ٿيڪڻ ۔ ۲۔ ڏھل کرڻ ۔
چال کرڻي ۔ فقد فريب ورتاوڻ ۔

**چال سے نہ چوکنا** ۔ دوکھ دڻ يا ڏھل کرڻ
نشہ نہ پوت ٿيڻ ۔ فقد کرنس يا دوکھ

دِنس نہ پنھ ڏھڻ ۔

**چال کرنا** ۔ ۱۔ چالبازی کرڻ ۔ ۲۔ ناسس مُنڊ
خاص کرڙنھ فلاڻس مُنڊ پننہ وار بيٺھ
پاڻس تڙاوڻي ۔

**چال مٹک کی** ۔ گرابہ ماران پُکڻ ۔ اُڙي
پيري تڙاوان پُکڻ ۔ م :
اُلٹا وہ ٹھوکر کو دیے کے تال
وہ بوٹا سا قد اور مٹک کی وہ چال (میر حسن)

**چال میں آنا** ۔ دوکھس مُنڊ ٿيڻ ۔ دوکھ لگڻ ۔
دوکھ کھيڻ ۔ ساڻسہ ھندس ڏالس مُنڊ
پھسڻ ۔

**چالیں چلنا** ۔ دوکھ دِيڻ ۔ ڏھل کرڻي ، ڏھل
بازی کرڻي ۔ چالبازی کرڻي ۔

**چالا** ۔ [ت ۔ چالا ۔ س ؛ چال + گہ ۔ مذکر ] ۔
۱۔ نکھر ۔ تیاری ۔ نیرُن ۔ روانہ سیدُن ۔
۲۔ کھانڈرِ پننے نہر ٻينہ ھندی اور پور
ڏور پھيبر کرڻي ۔ ۳۔ سفرس نیر نگ
یا روانہ سیدگک یا کُن نکھر ونیح رِزگرِ ۔
۴۔ چال ۔ ڏھل ۔ دوکھ ۔ مُصیبتھ ۔

**چالا دیکھنا** ۔ ساتھ یا شوگون وِچھُن ۔

**چالاک** ۔ [ت ۔ چالاک ۔ ف ۔ ] ۔ ۱۔ ڏونرڙ (کام
کرُنس مُنڊ) ، شہ پُنس وُڙھ کام کرہ بنانگہ ۔
۲۔ ڏونر یا وُڙھ بکن وول ۔ ۳۔ چالاکھ
ڏھل باز ۔ فقد بازہ دوکھ باز ۔

**چالاک دست** ۔ اَتھ ژوٗر ۔ یُس کُنہِ کامہِ
پیٹھ جان دسگاہ آسہِ ۔ تُہ یُس کُنہِ کامہِ
مَنٛز اَتھ جان یکہِ با ووتھ ۔

**چالاک دستی** ۔ اَتھ ژوٗر یر ۔ کُنہِ کامہِ پیٹھ جان
دسگاہ آسُن ۔ کُنہِ کامہِ مَنٛز اَتھ جان آسُن ،
یکُن یا ووتھُن ۔

**چالاکی** ۔ (مؤنث) ۔ ۱۔ ژوٗر یر ۔ چالاکی ہُشاری ۔
۲۔ فنٛد بازی ۔ چالبازی ۔ ژھل بازی ۔

**چالاکی سے** ۔ چالاکی سان ۔ ژھلہٕ ژھلہٕ ۔
فنٛدہٕ فنٛدہٕ ۔

**چالاکی کرنا** ۔ ژھل بازی کرٕنۍ ۔ فنٛد بازی کرٕنۍ ۔
چالاکی کمٕرٕنۍ ۔ تارٕنۍ ۔

**چالان** ۔ [ت ۔ چالان ۔ ف ۔ مذکر ] ۔ ۱۔ بجکھ ۔ چالانہٕ
(چیزن ویزن ہُنٛد) ۔ ۲۔ روہبین ہُنٛد رسید ،
یاداشت ، رسید ۔ ۳۔ عدالتس مَنٛز چالانہٕ
کرُن ۔ ۴۔ راہدٲری ۔ راہدٲری ہُنٛد پروانہٕ ۔
اجازتھ نامہٕ ۔ روانگی ۔ ۵۔ اکہِ محکمہٕ پیٹھ
محکمس سوزن (کاغذ بیتر) ۔

**چالی** ۔ [ت ۔ چالی ۔ مؤنث ] ۔ ۱۔ بانٛہ کامہِ ہنٛز
ووٚنۍ شر جافری یا پرٕد ۔ ۲۔ زین ۔
۳۔ چالباز ۔ ژھل باز ۔ راونٛڈٕ شُر ۔

**چالیا** ۔ [ت ۔ چالیا ۔ مذکر ] ۔ ۱۔ نارن گور ۔ چالباز ۔
ژھلہٕ گور ، ژھل باز ۔ فنٛد فریب دِنَن والن
وول ۔ ۲۔ شرارتی یا سیژرل شُر ۔ سیاٹھہٕ لدشر ۔

**چالیس** ۔ [ت ۔ چالیس ۔ پراکرت ۔ چتّا ۔ لیسا ] ۔
ژتجیہہ ۔ (۴۰) ۔ ژور ڈَہی ۔

**چالیسا** ۔ (مذکر) ۔ ۱۔ ژتجیہہ ووہُر ۔ ژتجی ووری
(واٹسہِ) ۔ ۲۔ تُہ یتھی ژتجیہہ پہلوان
باوی میتی یا ہار ناوی میتی آسن ۔ ژتجہن
دَہن بتھ لگن وول یا مارن وول ۔ ۳۔
ہانٛضمک سوفوف یتھ مَنٛز ژتجیہہ چیز
آسن ۔ چوٗرن ۔ ۴۔ ۱۸۴۰ سنہ ہک قحط ،
دراگ ۔ ۵۔ ژتجیہم (فاتحہ) ۔

**چالیس تلواروں کی بادشاہت** ۔ ژتجہن
تلوارن ہنٛز بادشاہی ترگوکھے دولژ
پیٹھ ژھنگن باژھوکھ ہاون ۔ موہولی
ٹھئ ہز پیٹھ ژھوکھ ۔

**چالیس سیر** ۔ اکھ مَن ۔ ژتجیہہ سیر ۔

**چالیس سیرا** ۔ ژتجیہہ سیرٕنۍ ۔ پوٗر اکھ مَن ۔
پوختہٕ مَن ۔

**چالیس سیرا اوت** ۔ پوختہٕ احمق ، چور ،
پوٗر احمق ۔ بوڈبے ووقوف ۔ زرڈ
ہونٛڈ ۔ مُرکھ ہونٛڈ ۔

**چالیس سیری تول** ۔ ژتجہن سیرن ہُنٛد
تول (وزن) ۔ پوٗر اکھ مَن ۔ منگ مَن ۔

**چالیس قدم پہنچانا** ۔ چالیس قدم ساتھ آنا ۔
کانٛسہِ ہنٛدس جنازس سیتی کیہہ قدم
یکُن ۔ موردس پتہ پتہ ہوت نام یکُن ۔

**چاليسواں**۔ ۱۔ ڙ تجيھُم۔ ۲۔ ڙ تجيھُم، فاتحہ۔

**چام**۔ [ت۔ چام۔ پراکرت: چمّہ۔ مذکر]۔ دالڙ۔ کُھلڙ۔ ڙم۔ چمڙ۔ کھل۔

**چام کے دام**۔ (مذکر)۔ ڙمڙوي سڪو۔ ڏيان ۾ سڪو آهي نظام ناڙ ڪي اڪ سقن ڏينهن ڏاڍي دؤ ۾ هنارس راجس منتر جاري ڪري هئي۔

**چام کے دام چلانا**۔ ل۔م: ڙمڙوي سڪو چلاڻ۔ ڏڳو روپيو دابو ٻر ڪرڪرو سيتو ڪام هئي۔ زور زبردستي ڪام هئي۔ پاڙار ڙدن ڪام هئي۔ جبرن ڪام هئي۔

—: لوڪ ڪهڻ :—

**چام پيارا نہيں کام پيارا ہے**۔ انسان ڇڄ ٽوڻان (ڏوڙ گڙهان) ڪاھ سيتي ڪندڪو هئو ٻه سيتو نه۔ ٿو ڪاھ ٽوڙو ويڻو پڙهڻ جايو، ماڄڙ ٽوڙو ويڻو ماڄڙ نش۔

**چانپ**۔ [ت۔ چانپ۔ مؤنث]۔ ۱۔ بوندوقڪ شہ ڇپر ۾ بيٺو سيتو بوندوقڪ ڪثاڙ ٿو ٽلي جو ڏڻه ڇڻي آسان۔ چانپه۔ ۲۔ نقلي ڏنارن هئي ڪمان۔

**چانپيں چڑھانا**۔ مُجرمُس پندا وانئاو ڏنه موڪهي بوندقه ڳري (مجرم ۾ سڙس گئس) الانڊ ترڙاوڻ۔

**چانپ**۔ [ت۔ چانپ۔ انگريزي: حروف کا بگاڙ۔ مذکر]۔ پُٽنڪ ماز پهول۔

**چانٹا**۔ [ت۔ چانٹا۔ مذکر]۔ ٺهاپر۔ چپاٺه۔ ٽاپچه۔

**چانٹا چنٹول۔ چنٹی چنٹول**۔ (مؤنث) ڳندان ڳندان ياڻه وانڍي ٺهابرا وابرا ٺڻاوڻ۔

**چانچری**۔ [ت۔ چانچ ري۔ مؤنث]۔ ۱۔ موڻنگ جوار ٻيئر۔ ۲۔ شہ اناج ياڇل موسٺه ٻيٽر لوبسه ڏڳ ڏنه ڇهڻ هڻي روز۔

**چاند**۔ [ت۔ چاند۔ پراکرت: چندو۔ مذکر]۔ ۱۔ زوان۔ ڦڻڍر۔ هلال۔ ۲۔ قمري رٿه۔ ۳۔ سپرس پيٺڙ جو مُٽ رهه پهرشند يا سعه نه شند پوش۔ ۴۔ ڏيکاک ٽيوڪ، ڦڻڍر (چاروايڻ بانبر هند)۔ ۵۔ ڏيکه ٽکه ڦڻاڍر (اکه زيورئس ڏيکس ڇو لاگڻه لوان) ٽاج۔ ۶۔ گول نشانه ئيس چانڈ مار خاطر ٺهوڻه ڇو لوان۔ ۷۔ ٽوڙه نيبچو۔ ۸۔ تال۔ (ڪليچ)۔ ۹۔ اکه هٽي وس۔ ۱۰۔ شہ نشانه بيٺه سيتي دهن ڳامن هنڊڪ هنه مقرر ڪرڻه پن۔ چاند۔

**چاند بھر**۔ (ڪرناهه ڪبيتي) پوڙ رٿه۔ رٿنڪ رٿه۔

**چاند بھر جانا**۔ رٿه هوڪلڻ۔ رٿه سوڙن۔

**چاند تارا**۔ (مذکر)۔ ۱۔ اکه قسمڪ زادي ڪپڙو جنه ڦڻڍر ۽ تارڪه ٻنا ڏنه آسان ڇڄه ململ

ہُمند اَکھ قسم یتھ پوشہ ہُنزٕ چھُ آسان۔ گُل دار یا پوشہ دار ململ۔ ۲۔ اَکہِ قسمٕچ گانٹہٕ برٲر یتھ کاکذو زٕوٗن تارکھ لاگنہٕ چھٹے یوان یا لاگِتھ چھٹے آسان۔ ۳۔ زٕوٗن تارکھ۔ ژٕندرمہ تارکھ۔ ۴۔ اَکہِ قسمُک زیور۔

**چاند ٹیکا۔** (مُذکر)۔ ڈیکہٕ ٹِکہ۔ ڈیکہٕ ژٕندر۔

**چاند ٹیکی۔** (مونث) کلا بتوٗ زیور یتھ ژٕندرِ نٕہ تارک ٹٲنکِتھ چھُ آسان۔ تِلگ ڈیکہٕ ٹِکہ۔ م:

جبینِ منور پہ ہے چاند ٹیکی
کہ چمکا ہوا ہے ستارہ تمہارا (قمر لکھنوی)

**چاند چڑھنا۔** ۱۔ زٕوٗن کھسُن۔ ۲۔ ریتھ مہگُن یا پوٗرٕ گژھُن۔ (نوو) ژٕندر نیرُن۔ ۳۔ ریتھ کھسُن۔ تنخاہ ریتھ کھسُن۔ ۴۔ تھواریُک ہندٕر دوہ ڈلُن۔ وُقتس پتھ نٕہ تھوارِی گژھُن۔ دُجان یا بُرٕ روزٕنچ مُلامتھ نٕنُن۔

**چاند دار۔** گانٹہٕ برٲر یتھ پیٹھ زٕوٗن بنامُت آسہ

**چاند دیکھنا۔** ژٕندر وُچھُن۔ عیدُک ژٕندر وُچھُن۔

**چاند دیکھے۔** (وارِکہ باٹھو) نوٗر بتہٕ۔ گوڈٕنکہ یا اَکی مہ تارٕ آسِتھ۔

**چاند ڈوبنا۔** زٕوٗن لوسُن۔

**چاند ڈھلنا۔** زٕوٗن لو کٹُن۔ کوڈٕنی ہیٹُن۔

**چاند رات۔** (مونث)۔ ژٕندر نیرنچ راتھ۔ سہ راتھ ییلہِ ژٕندر کھسہ۔ زٕونہ پتھ اوک دٕہیچ راتھ، عیدٕچ راتھ۔

**چاند سا چہرا۔ چاند سا مُکھڑا۔ چاند سی صورت۔ چاند سا منہ۔** زٕونہِ ہیوٗہ، شکیل، سوندر، خوبصورتھ۔

**چاند سورج۔** ۱۔ اَکھ سونٕہ سُند یا رٕپہ سُند گہنہ یُس آفتابس یا زٕونہِ ہیوٗہ آسان اوس۔ یہ آسہ زنانہٕ جوڈس لاگان۔ ۲۔ سلمہ ستارُک بنوومُت زٕوٗن آفتابہ یُس ٹوپن لاگناونہٕ چھُ یوان۔

**چاند کا ٹکڑا۔** زٕونہِ ہُند اَڈ۔ تہٕ گوٚسیٹھا سوندر تہٕ شکیل (زنانہٕ یا مرد) خوبصورتھ۔

**چاند کا کنڈل بیٹھنا۔** زٕونہِ مَنڈٕل لگُن، کھسُن آسُن۔

**چاند کا کھیت کرنا۔** ژٕندر نیرُن۔ ژٕندر کھسُن یا نوٗن نیرُن۔ زٕوٗن کھسُن۔

**چاند کدھر سے نکلا۔ چاند کدھر کا نکلا۔ چاند کدھر نکلا۔** ییلہِ بُزٕ کٲلی یار یا رِس بُتھ ہاوِ یا دَرشُن دِیہ تیلہِ چھِ وَنان زِ زٕوٗن کتھ پٲرِ کھوٚت تہٕ گوٚ بیٚنٕدر کِتھٕ کٕنی ژٕجی بُزٕ کٲلی ہووُتھ بُتھ۔

**چاند کو گہن لگنا۔ چاند گہن میں آنا۔** ۱۔ زٕونہِ گرٕہُن لگُن۔ (وارِکہ باٹھو) حُسنس داغ لگُن۔ واریاہن جاین منز اَکھ عاب تہٕ آسُن۔ ۲۔ خوبصورتس بدصورتس سیتی کام گژھُن۔

**چاند کھجانا۔ چاند کھُجلانا۔** تالرِ کَشُن یُن کھُر کَشُن یُن۔ شانہٕ پھورٕنی۔

**چاند گزرنا۔** رِیتھ بیٖرُن۔ رِیتھ گۄڈرُن رِیتھ سو گَژھُن۔

**چاند گنجی کر دینا۔** پاژار دی دی تال دٕگنی۔

**چاند گنجی ہو جانا۔** تالرِ نہٕ مَس روزُن۔ (دُورگہ پانٹھی) تُلک مَس نیرِتھ ژَلُن۔

**چاند گہہ جانا۔** زُونہِ گرُون لگُن۔ زُونہِ گرٛہن لگُن۔

**چاند گہن۔ چاند گرہن۔** زُونہِ گرُون یا گرٛہُن لگُن۔

**چاند گہن سے چھُٹنا۔** زُونہِ گرُون یا گرٛہُن ژَلُن۔

**چاند گہن میں آنا۔** زُونہِ گرٛہُن لگُن۔

**چاند ماری۔** چاند ماری۔ نِشانہٕ بازی ہُنٛز مشق۔ بڑو نیٖتھ کنہٕ کُنہٕ دوٚسِہ دیوارس پیٹھ گول نِشانہٕ بناوِتھ تتھ آیہِ کَرِتھ گولہٕ لاینہٕ۔

**چاند محاق میں ہونا۔** زُونہِ ہنٛد گٹہٕ پچھ کین پٔتِمن ترَن دوٚہَن مَنٛز آسُن۔ گٹہٕ پچھکو پٔتِمی ترٛےٚ دوٚہ یتھ مَنٛز زُون بلکُل کرٛہٕ تان چھےٚ۔

**چاندنا۔** ۱۔ گاش۔ گاہ۔ ۲۔ شوٗب۔ رونق۔ ۳۔ زُونہِ پچھہٕ زُونہِ گاش یِہ۔ (کوتر بازَن ہُند) سَفید بِکھل کوتُر۔ یتھ رنٛگُک سُہ کوتُر یَس گرٛدن پیٹھہ نکہٕ سَفید آسہِ۔

**چاندنا کر دینا۔** ڈُو دیُن۔ سامانہٕ اسباب نیُن۔ کینٛہہ تہِ نہٕ پتھ کُن ترٛاوُن۔

**چاندنا ہو جانا۔** ۱۔ گاش یُن۔ مالہِ پھولنہٕ۔ ۲۔ نیٚتُل وۄوُزُل بوزنہٕ یُن۔ تارکھ بوزنہٕ یینہٕ (دٕہماغَس ٹاس یا چوٹ پینہٕ کِنی) ۳۔ چھُپنہ پھٔٹ کھ گژھُن۔ ترٛزہ زُور گژھنہ نِ پتھ کُن رُوز نہٕ رکھ پیٚشی تر۔ ۴۔ شوٗب پینہٕ۔ رونق پینہٕ۔

**چاند نکلنا۔** ژٔنٛدرٕ نیٖرُن۔ زُون کھسُن۔

**چاند ہونا۔** ژٔنٛدرٕ بوزنہٕ، وُچھنہٕ یا لبنہٕ یُن۔ ہلال بوزنہٕ یُن۔

**چاندنی۔** (مؤنث) ۱۔ زُونہٕ گاش۔ زُونہِ گاش۔ ۲۔ سَفید سَنٛشدرٕ یُس تھٔلہِنَس، سطرنٛجہ پیٹھ ترٛاونہٕ چھُ یوان۔ ۳۔ اکہٕ پوشک ناو۔ یہ چھُ چھوت آسان تہٕ اَتھ چھُ "گل مہتاب، گل چاندنی یا چاندنی کا پھول" وَنان۔ اَتھ پوشہٕ کُلِس چھُ "چاندنی کا درخت" وَنان۔

**چاندنی اُترنا۔** زُونہِ گاش شُھر پیٹھہ بُنہٕ رس وَسُن۔

**چاندنی اندھی نکلنا۔** زُونہِ گاشَس نہٕ سو تیٚنٛہ روزنی، پڑینٛسر کم گژھُن۔ زُونہِ گاشَس کٔچر گژھُن۔

**چاندنی پڑنا۔** (کانسہِ یا کُنہٕ پیٹھ) زُونہِ گاش پیوٚن۔ زُونہِ ہنٛد گاہ پیوٚن۔

**چاندنی پھیلنا۔** ژوو پاسے زُونہِ گاش آسُن۔ پرٛتھ اَنٛدہٕ زُونہِ گاہ آسُن۔

**چاندنی چوک** ۔ دِلہِ ہِنٛدٕ اکھ ناماوار تہٕ شوٗبدار بازرٕک ناو ۔

**چاندنی چھپنا** ۔ [ اَوٕرس بیترِ تل زوٗن گژھنہٕ کِنی زوٗنہٕ گاشِچ ژھیپہ ہیٛنی ۔ زوٗنہٕ گاش غٲب گژھُن ۔

**چاندنی چھٹکنا** ۔ زوٗنہٕ گاش ژھہ پور پھیوٗن تیز تہٕ صاف زوٗنہٕ گاش ہُن یا آسُن ۔

**چاندنی نہ بجھنا** ۔ زوٗنہٕ گاشس پھیرُن، سالٕ کرُن ۔

**چاندنی ڈھلنا** ۔ زوٗنہٕ گاشُک سٕہ ژُن یا کم گژھُن ۔

**چاندنی رات** ۔ زوٗنہٕ راتھ ۔ ژوٗنہٕ پٕچھ کانٛہہ راتھ خاصکر پٔتہٕ ژوداہم، پنٛدٲہم تہٕ شُراہم راتھ ۔

**چاندنی صاف ہونا** ۔ زوٗنہٕ گاشُک گاہ ترٲوُن ۔ زوٗنہٕ گاش پرزلُن ۔ پھٔل ژٔنٛدٕرٕ زوٗن ۔

**چاندنی کا اثر ہونا** ۔ زوٗنہٕ گاشُک اثر سپدُن، (پھیوٗن آسُن) ۔ دورکہٕ پاٹھی چھوکھ نہٕ بلُن ۔ چھوکھ تازٕ روزُن ۔ دپان زوٗنہٕ گاش پینہٕ کِنی چھا چھوکھ تازے روزان ۔

**چاندنی کا پھول** ۔ اکھ پوشہٕ یُس زوٗنہٕ راتھ پھولان چھُ ۔ یہ چھُ چھوٗت آسان ۔

**چاندنی کا کھیت** ۔ تاپہٕ ہِش زوٗن اگہٕ روُن زوٗنہٕ گاش ۔ پھٔل ژٔنٛدٕر زوٗن ۔ رم :

چاند سے چہرے کا تیرے وصف جب ہم نے لکھا
چاندنی کا کھیت تختہ بن گیا اشعار کا
(اسیر)

**چاندنی کا کھیت کرنا** ۔ زوٗنہٕ گاش ژھہ پور پھیوٗن ۔

**چاندنی کا مار جانا** ۔ ۱ ۔ زوٗنہٕ گاشُک اثر سپدُن ۔ دپان زوٗنہٕ گاش پینہٕ کِنی چھُنہٕ چھوکھ بلان، چھوکھ تازٕ روزان ۔ ۲ ۔ فالِج گژھُن ۔ وَج گژھُن ۔

**چاندنی کو سونپنا** ۔ ل ۔ م : زوٗنہٕ گاشس ترٲوُن ۔ بیٚلہِ کانٛہہ چھوکھ لگہ، رتھ بیہ کٔڑنہٕ، دورکہٕ ہین لاگنہٕ یا کانٛہہ زنانہٕ پٕرییہ ۔ زوٗنہٕ گاشہِ منٛزی کڈُن یا بکناوُن تس کیٛژ ناکارٕ زاریتھ ژٕنہٕ کیاز زوٗنہٕ گاش طراوٕژ دار آسنہٕ موجوب چھُ چھوکھ بیترِ بلنس یژ کال لگان) چھُ ستھ کانٛہہ لاوی زالِتھ زوٗنہٕ ہُنٛد اثر نہ گژھنہٕ باپتھ اکھ نفر وَنان زِ "یہ چھوکھ کورئے ژٕ حوالہٕ" تہٕ دوٛیُم نفر چھُ وَنان زِ بہٕ گوس اَمیُک گواہ ۔ اکھ وہمی رَسم ۔

**چاندنی کھلنا** ۔ زوٗنہٕ ہُنٛد گاہ ترٲوُن، زوٗنہٕ گاش ژھہ پور پھیوٗن ۔

**چاندنی کی کفش** ۔ زری دار کھوربانہٕ، زری پاٹزار (زنانن ہُنٛد) ۔ رم :

چاندنی کی کفش ہے جو اس پری کے پاؤں میں
ہر ستارہ مول ہے مہتاب کی پیمان کا
(ذکی)

**چاندنی نکلنا** ۔ زوٗنہٕ گاش (زوٗن) نیرُن ۔ زوٗن نیرٕنی ۔

چاندنی نکھرنا ۔ چاندنی نکھری ہونا ۔ زوٗنہٕ گاشہِ پرزلُن یا گاہ تراوُن ۔

لوکہ کتھ ۱۔

چاند پہ خاک ڈالو تو اپنے مُنہ پر پڑے ۔ زوٗنہِ لَرزِ لاے زِ سو پییہِ پننِس پیٹھ بُتھِس ۔ ۔ ینہ گوٗ زِ رُت انسان بد نام کرُن سیٹھاہ چھُ پننہِ نے ناو بد نام گژھان ۔ م ا آسمانس لایہِ تھوک چھِ پانس پیٹھ بُتھِس پیوان ۔

چاند پر خاک نہیں پڑتی ۔ زوٗنہ کیا گژھ لَرزِ لاینہِ ۔ ۔ ینہ گوٗ کانسہِ رِنِس چھُو کھارِنہ چھنہِ شرِ بد بہان ، تس چھُ پے داغ روزان ۔ م ا آسمانس تھوک لاینہِ ۔

چاند چڑھے کُل عالم دیکھے ۔ ل م : زوٗنے کھسہِ عالم وُچھہِ ۔ ۔ ینہ گوٗ زِ تنی کتھ چھنہِ کھٹِتھ روزان ۔

چاندی ۔ [نث ۔ چاں دی ۔ پراکرت ۔ چنِدرا ۔ مؤنث] ۔ ۱۔ روپھ ۔ اکھ موٗل داتھ ۔ ۲ ۔ (زرگہ پاٹھی) روپیہ ۔ دَولتھ ۔ ۳ ۔ لاب ۔ فایدہ ۔ چاندی کامہِ ہنز سیدرتھ ۔ ۴ ۔ تال (کلچ) ۔

چاندی بننا ۔ چاندی بننی ۔ کامہِ سیدرتھ گژھنی ۔ کام سیدرنی ۔ سیٹھا لاب واتُن ، فایدہ واتُن ۔

چاندی خانہ ۔ سو جاے ییتہِ امیر گرن منز سونہ روپہ سندی تہ سونہ سندی کرِ باینہ بناوان آسی ۔

چاندی سونے کے پھول ۔ سونہٕ سندی تہ روپہ سندی (گرتھ بناوی منی) پوشی یم پادشاہن تہ مہربینہ گھر ازس کلس چھ آلوان ۔

چاندی کا پہرا ۔ سو کھک وقت ، سو کھکھ دوہ ۔ ڈیکہ بجرکی دوہ ۔ بدقبالی دوہ ۔

چاندی کا پہرا ۔ ئُس یہ پُدر چھوٗت آسہِ ۔ سُہ یُس تُندین پھیرُوز آسہِ ۔

چاندی کا تار ۔ دھقائر (پاٹھی) گیہنہ سپھتھ ۔ وستہ کھنڈ ۔ گیہنہ کھنڈ ۔

چاندی کا ورق ۔ روپہ ورق ۔

چاندی کر دینا ۔ تماکس زالِتھ تُرنی کرُنی ۔ تیٚتھ دام دیُن زِ چلمہٕ ہنز ترنی تام دزِ ۔

چاندی کی جوتی ۔ زری پازار ۔ (زرگہ پاٹھی) رشوت ۔ کوٗنژھ ۔ م :

چاہیئے چاندی کی جوتی سر سرکش کے لئے
بار احسان سے کبھی سر نہ اُٹھانے پائے (سحر)

چاندی ہونا ۔ ۱۔ ذرتھ سوٗر گژھن ۔ ۲ ۔ چاندی آسنی ۔ سیدرتھ گژھنی ۔ کام بننی ۔ لابہ لاب آسُن ۔

لوکہ کتھ ۱۔

چاندی کی ریت نہیں سونے کی توفیق نہیں ۔ روپھ ہیکہ نہ چلتھ تہ سون بنِہ نہ مطلب نہ ہیکو یہ کرِتھ نہ پیو ۔

چانڈرو ۔ [نث ۔ چاں ڈو ۔ مذکر] ۔ چونڈ ۔ آفینہٕ

بنووُنت اَکھ نشہٕ۔

**چانڈو باز۔** چونڈ چنہٕ وول۔ مدکی۔ یس
چونڈٕ چٕیک نشہٕ آسہِ۔

**چانڈو خانہ۔** سُہ مکانہٕ (جاے بیترِ) یتھ چونڈ
کنہٕ آسہِ یوان۔

**چانڈو کا چھینٹا۔** چونڈ چون، چنڈس
سوٗٹھ مارٕنی۔

**چانڈو کی نگالی۔** (چونڈ چنہٕ والین ہنز کتھ)
سُہ اوزار (نےٚ یا نٔلو ہِش) یُس سیتۍ
چونڈ چوان چھہٕ یا چنڈس لمان چھہٕ۔

**چانسلر۔** [ت۔ چانس لر۔ انگریزی۔ CHANCELLOR۔
مذکر]۔ یونیورسٹی ہُند سارِنی تھود عہدٕ دار۔

**چانک۔** [ت۔ چانک۔ مذکر]۔ ا۔ اچھو ٹھاپٕ
یتھ سیتۍ اناجس ڈیرس یا انبرس
ٹھپہٕ چھہٕ ترٛاوان۔ ۲۔ موہر، ٹھپہٕ۔ موس۔

**چانگلا۔** [ت۔ چانگ لا۔]۔ ا۔ موٹ دزوٹ،
اوٗر دٕور۔ طاقتہٕ ور۔ تنٛدرُست۔ ۲۔ چالاکھ
زُوٚنُر۔ ہُشار۔ ۳۔ سوکھ سود۔ خوش
گُذران۔ خوش حال۔ ۴۔ گرٕین ہُند
اَکھ رنگ۔ ڈبہٕ ہور (رنگ)۔

**چاؤ۔** [ت۔ چاؤ۔ مذکر]۔ ا۔ ارمان۔ شر۔ ۲۔ تمنا۔
شوق۔ وَلولہٕ۔ جوش۔ ۳۔ ناز۔ نخرٕ۔ چاوٕ۔

**چاؤ چوچلا = چاؤ چوز۔** چاو۔ شوق۔ ناز نخرٕ۔

**چاؤ میں آنا۔** چاوس یا جوشس منٛز یُن۔ سبھا

خوش گُزرُن۔

**چاؤ لگانا۔** شر کڈُن۔ حسرتھ کڈٕن۔ ارمان
پوٗرٕ کرُن۔ شر کاسُن۔

**چاؤش۔** [ت۔ چاوُش۔ چا اوُش (وُش)۔
ترکی۔ مذکر]۔ چوبدار۔

**چاول۔** [ت۔ چاول۔ مذکر]۔ ا۔ تومُل۔ ۲۔ کُنہٕ
تہٕ اناجہٕ بیترِچ گوٚج، کُنہٕ اناجہٕ بیترِچ
ڈٕنز۔ ۳۔ (صراف کتھ) رَتہٕ ہُندِ اٹھیم
حصہٕ۔ ہلہٕ رٕز۔

**چاول چبوانا۔** توٚمُل ژاپہٕ ناوُن۔ یس پیٹھ
ژوٗر آسنُک شکھ آسہِ سُہ پرٛتھ توٚمُل ژاپہٕ ناوُن
دٕپان امہِ سیتۍ چھہٕ ژوٗرس اَسہِ کنہ زٕکھ
وُتھسھ یوان۔ یتھ کٔنۍ چھہٕ ژوٗر خوفہٕ کِنۍ
نیوٗمُت چیز واپس دِوان۔

**چاول گالوں میں بھرے ہیں۔** ل۔ م۔ ا
توٚمُل چھُس گلہن منٛز برتھ یا توملہٕ گوٚجھ چھیس
برتھ یہ چھہٕ وَنان یلہٕ کانٛہہ کھروٚنہٕ، راد
بٕرۍ بٕرۍ دِیہہ تہٕ پامہٕ یا کتھ دِیہہ۔
ا۔ لوکہ کتھ۔ ا

**چاول کی کنی نبیڑے کی انی۔** وانٹھ
(توملہٕ گوٚج)، نیبرِ پیٹھ دوہ نوے چھہٕ
نقصان واتہٕ ناوان۔ دٕپان بٔتس یوسہٕ
گوٚج (وانٹھ) آسان چھےٚ سہ چھےٚ کھینہٕ
والی ہنٛدِ باپتھ نیبرِ پیٹھس برابر۔

**چاؤں چاؤں** ۔ [ت ۔ چاؤں (ؤں)، چاؤں ] ۔
چُنو چُنو ۔ کرز کرز کھ ۔ کرزکہٕ ناد ۔ شور ۔

**چاؤں چاؤں کرکے پیچھے پڑنا** ۔ کرزکہٕ نادٕ لاگتھ
پتہٕ لگُن یا اکادٕ گژھن ۔

**چاہ** ۔ [ت ۔ چاہ ۔ ف ۔ مُذکر ] ۔ کرۄر ۔ کینٛوٚر ۔
کھوٚڈ ۔ چاہ ۔

**چاہ بابل** ۔ بابُل شہرکہٕ اکہٕ کینٛہہ ٹُک ناد، یمیٚن
اَتھ منٛز چھہٕ زٕ ملاۓ یک ہاروت تہٕ ماروت قٲد ۔

**چاہ خس پوش** ۔ [ف ۔ مُذکر ] ۔ سُہ کرۄر یُتھ پیٹھ کاسہٕ نٔلی ہینٛز
تراوِتھ آسن، یتھ گوٚل کاسہٕ ہینٛز رٔٹنٕ بٔنٛد آسہٕ کرِتھ ۔

**چاہ زنخدان، چاہ ذقن** ۔ [ف ۔ مُذکر ] ۔ سُہ رٔوب
یُس ٹاٹھس کٲنٛسہٕ ہیوٚ گژھنہٕ آسان چھُ ۔

**چاہ زیرکاہ** ۔ ل ۔م : سُہ چاہ (کرۄر) یتھ گوٚل کاسہٕ واسہٕ
سیٚتی بٔنٛد کرِتھ آسہٕ ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) دوکھہٕ برم ۔ ژھل ۔

**چاہِ سیماب** ۔ [ ف ۔ مُذکر ] ۔ ل ۔م : پارٕدی
چاہ ۔ پارٕدی کانہٕ ینٛکھ کھوٚنمُت پارٕد
ستوٚ مٔبراوِنک کھوٚڈ ۔ یمیٚن پارٕدی کانہٕ
ینٛکھ چھ کھوٚڈ کھنہٕ یوان یتھ منٛز پارٕد
ستوٚ مبٔر نہٕ یوان چھُ ۔

**چاہ کن** ۔ (کرۄر) کھنٛوٚر کھنن وول ۔ (وَرگہٕ پاٹھی)
ژھل باز ۔ ظالم ۔

**چاہ نخشب** ۔ چہ نخشب ۔ [ ف ۔ مُذکر ] ۔
سُہ کینٛوٚر ییمہٕ اَنٛدرٕ حکیم ابن مقنع پٔرِتھ
رٲژ ترٛٹھ زوٗن (چاہِ نخشب) کھاران اوس
ییمِٹیک گاش ژٔوِن فرٕسنٛگن وانان
اوس ۔ اَتھ چھہٕ "چاہ مقنع" تہٕ وَنان ۔

**چاہی** ۔ سعہ ژہین یوسہ کرٛہٕ کرانہٕ سگوٚ نہٕ ییہ ۔
ـہٕ لوکہٕ کینٛہہ ؛ ۔

**چاہ کن را چاہ در پیش** ۔ یُس ٹاٹھس
گنٛاگ کھنہٕ تَس تہٕ چھُ چاہ یتھ یوان تہٕ
گوٚیُس ییٚمیٚن سیٚتی بٔدی ورتاوٕ، کٔنہٕ
منٛز پھساوُن ییٚژھہ تَس چھُ پانَس
بد وانان ۔ سُہ چھُ پانہٕ بَلایہٕ منٛز گرفتار
گژھان ۔ ہُم : چاہ کندہ را چاہ درپیش ۔

**چاہ** ۔ [ت ۔ چاہ ۔ مؤنث ] ۔ ۱ ۔ خاہش ۔ ییٚژھن ۔
یژھہ ۔ آرزوے ۔ ۲ ۔ موحبتھ ۔ لول ،
ملے ۔ یارٕز ۔ یارانہٕ ۔ دوستی ۔

**چاہ پیار** ۔ (مُذکر) ۔ لولہٕ ورتاو ۔ لولہٕ وِہار ۔
ماے ۔ موحبتھ ، یکُت ، اتحاد ۔

**چاہت** ۔ ماے ۔ موحبتھ ۔ اُلفت ۔ لول ۔

**چاہتی** ۔ ٹاٹھ ۔

**چاہ سے** ۔ لولہٕ سان ۔ مایہٕ سان ، ییٚژھہ ۔
خوشی سان ۔ دلہٕ ۔

**چاہنا** ۔ ۱ ۔ ییٚژھن ۔ خاہش کرٕنی ۔ ژھارُن ،
طلب کرُن ۔ ۲ ۔ لول بَرُن ۔ موحبتھ کرُن ۔

**چاہنے لگنا** ۔ موحبتھ کرُن ہیوٚن ۔ ملے
موحبتھ گژھن ۔

**چاہنے والا** ۔ لول تہٕ ماے بَرَن وول ۔ ییٚژھن وول ۔
عاشق ۔

چرس کھپتی ہے کھانسی کروں کھُرّا کروں
اس پر بھی پینے والا نہ مرے تو میں کیا کروں۔

یُہُنسی چھُ یہ جُملہ چرس چِنہ بٕرٕ وَنہٹھ وَنان، یتھہٕ پاٹھی کاشُرس منٛز وَنان چھِ "سٔتھ ژیس سۆتھہٕ، ٹٔھجلس لۆٹھہٕ" بیترِ۔

چرغ ۔ [ت ۔ چَرغ ۔ ف ۔ مُذکر ] ۔ ۱ ۔ ترُٹ ۔
۲ ۔ بازس ہیُوہ اکھ شکاری جاناوار۔

چُرغم چُرغم ۔ [ت ۔ چُرغم چُرغم ۔] ۔ بکھر، بکواس، بکہ بکہ ۔ چکہ چکہ ۔

چُرغم چُرغم کرنا ۔ بکھر لاگنی ۔ بکواس لاگُن ۔ رپھسر ارے کرُن ۔

چرغینا ۔ چرغینہ ۔ [ت ۔ چرغینا ۔ چرغینہ ۔ ف ۔ مُذکر] ۔ کمینہ ۔ نیُوٗنٛز ۔ وُسی پایہِ اِنسان ۔

چرک ۔ [ت ۔ چِرک ۔ ف ۔ مُذکر ] ۔ رِچرکھ ۔ پاکھ، پال ۔

چرک آلود ۔ پاکہ لد، بۆتہ چرکھ، پاکھ پال بیترِ آسہِ ۔

چرکا ۔ [ت ۔ چرکا ۔ مُذکر ] ۔ ۱ ۔ ہیٚنٛد بیترِ ستی دُمتھ سفید داغ، چھیٚتر داغ بیترِ ۔ ۲ ۔ کھبہ، کھش (تلوارِ بیترِ ہُنٛد) ۳ ۔ داغ دیُن، زالُن ۔ (کُنہ شیٚیتھ بیتر چیزِ ستی) ۔ موس تراوُن ۔ نشانہ کرُن ۔ ۴ ۔ گاٹہ ۔ چھِتھ ۔ نوقصان ۔ ۵ ۔ دوکھ ۔ ژھل ۔ فند ۔

چرکا دینا ۔ چرکا لگانا ۔ چھوکہ لد کرُن رِچھوکھ دیُن ۔ کھبہ دیُن ۔ ۲ ۔ داغ دیُن ۔ زالُن ۔ موس تراوُن ۳ ۔ نوقصان واتہٕ ناوُن ۔ یِدا واتناوُن ۔ رِسناوُن ۔ ۴ ۔ دوکھ دیُن ۔ فریب دیُن ۔ بٔرم دیُن ۔

چرکا کھانا ۔ ۱ ۔ کھبہ لگُن ۔ کھش لگُن ۔ ۲ ۔ نوقصان تُلُن ۔ گاٹہ دیُن ۔ زدار واتُن ۔

چرکٹ ۔ [ت ۔ چرکٹ ۔] ۔ ۱ ۔ ہیو کُھ ۔ ہیو کھمن، زاوُیل، زہاکہ ۔ ۲ ۔ بے وقوف ۔ ۳ ۔ اکھ جاناوار یُس ہار کھو تہٕ لوکُٹ آسان چھُ، یہ چھُ رنگہ کنہ شوخ ووزُل آسان تہٕ کٹ چھُس آسان سفید تہٕ زیٹھ ۔ م !

چرکٹ کا تھا دل میں لالہ رُخوں کے خیال سے
کیا کیا بہاریں دیکھی گئی اس مکان پر
(امیر)

اُمِس چھِ "بُلبُل پویا" تہٕ وَنان ۔

چرکٹا ۔ [ت ۔ چرکٹا ۔ مُذکر] ۔ ۱ ۔ ۂسی تس بیترِ کیٛت گاسہ لۆنہٕ اَنَن وول ۔ ۲ ۔ گاسہ ژٹن وول ۔ ۳ ۔ ۂسی وٲلی سُند خِدمتگار ۔ ۴ ۔ نیُوٗنٛز ۔ کمینہ ۔ وُسی پایہ ۔ جاہِل ۔ بے رِہار ۔

چرکنا ۔ [ت ۔ رچ رک نا] ۔ کٔہے کٔہے یا زٕرہ زٕرہ مادان نیرُن ۔ خاص کٔرِتھ شُرِ سُند گرِ گرِ نبر نیرُن، پیٚتہ پیٚتہ حاجتس نیرُن ۔ اپاوُک لگُن ۔

چرکنا ۔ [ت ۔ چرک نا ۔] ۔ ۱ ۔ جاناوارَن ہُنٛد بولُن، چھِوی گیٚتش نلُن، بول بوش کرُن ۔

۲۔ دہزلیہ یا ٹھوا ساٹنسہٕ ہنزٕ کینہہ کرنہٕ۔ بکواس کرُن۔ گپ شپ وَنُن۔ اورُک یورُک کتھ وَنُن۔

**چرکین۔** [ت۔ چرکین۔ ف] ناپاکھ۔ گنٛدٕ۔ مَلہ۔ غلیظ۔ نجس۔

**چرم۔** [ت۔ چرم۔ چرُم۔ س۔ ف۔ مُذکر] دٲل۔ مسلہٕ پوست۔ ژَم، کھل۔ چمہٕ۔

**چرمی۔** ژمرُو۔ داٲو۔

**چرن۔** [ت۔ چَرَن۔ س۔ مُذکر] ۱۔ پاد۔ کھور۔ ژرَن، پایہ۔ ۲۔ پٲزار۔ پاپوش۔ کھوربانہٕ۔ ۳۔ تھمہ۔ ڈوکھ۔

**چرن بردار۔** (مُذکر) اُمیرن ہُند پٲزار وٲزار تُلَن وول۔ کوشِہ بردار۔

**چرن لینا۔** پَرن پیٹھ۔ کھور رَٹِتھ۔ کھورَن تھپہ کرُنہٕ۔

**چرنا۔** [ت۔ چرنا۔ "چیرنا" سے] ۱۔ اُڈ اُڈ گژھُن۔ ژِ اُڈ گژھُن۔ ۲۔ ژٹنہٕ یُن۔ چیرنہٕ یُن۔ ۳۔ ژھیٹُن۔ ترُوسُن (اپلوس بیترِ)۔ خفہٕ گژُھن۔ یا آسُن۔ ناکارٕ ماتُن۔ اکِنہٕ کینہہ پیٹھا پتھے ہیوٚہ گژھُن۔

**چرنا۔** [ت۔ چرنا۔] چارواے سُند مالُن مَنز گاسہٕ کھیٚنُن۔

**چرجانا۔** ۱۔ چارواین ہُند کھاہ بیترِ کھیتھ نیُن۔ ۲۔ بنگہٕ چینہٕ کینہ حواس راوٕنہٕ۔ جلس ہوش نہٕ روزُن۔

**چرنی۔** (مؤنث)۔ سُہ پلو، پھوٚٹ بیترِ یتھ منز چارواین گاسہ بیترِ کھیاوان چھ۔ توٚبرٕ۔ ٹھٹھل۔ نوٚر بیگے بیترِ۔

**چرنا۔** [ت۔ چرنا۔ مُذکر]۔ پاجامہٕ یُس کوٚٹھین تام چھ آسان۔ اکِہ قسمُک ساٹھی۔ کنٹھٕ۔
چرنا چڑھانا۔ ساٹھی پہرنا لاگُن۔

**چرند۔ چرندہ۔** [ت۔ چرند۔ چرندہ / چرندہ۔ ف۔ مُذکر] گاسہ کھینہٕ وول۔ چارہ ووے۔ چارپایہ بیترِ۔ گبَن بیترِ۔ پوٚش۔

**چرنا م خورندم۔** [ت۔ چرنا دم خوران دم]۔ بزدار کھینُن، کھانہ بیترِ؟ کھینہٕ چینگ شونگل۔ کھنا چینا۔

**چرنے۔** [ت۔ چرنے۔ مُذکر]۔ آم بیترِ نرم کیٚمہ یم شرِہن یڈِ نہٕ اندرمن منز پاد گژھان چھ۔
چرنے لگنا۔ ۱۔ آم بیترِ کرِنی یا گژھنی۔ ۲۔ (دوٚرگہٕ یا ٹھُو) سُتِھ برباد گژھُن۔ دلس پیٚٹھ لگُن (کینہہ کنہِ وَتھ ہُند)۔

**چروا۔** [ت۔ چروا۔ مُذکر]۔ بوڈ کترو بانہٕ۔ دیگل۔

**چروانا۔** [ت۔ چروانا۔] ژٲوِ نیاوُن۔ ژٲوِ گرناوُن۔

**چروانا۔** [ت۔ چروانا]۔ چیرناوُن۔ ژاڈ کرناوُن۔ چیر یا کھش دیاوُن۔
چروائی۔ (مؤنث)۔ چراے۔ چیرِ فی۔

**چروانا۔** [ت۔ چروانا۔]۔ چارواے گاسہ کھیاوُن۔

گاسہ کھیشاوُنہٕ سوزنہٕ ...

**چرواہا۔** [ت۔ چرُواہا۔ مُذکر]۔ پوٚہوٚل۔ سُہیُس چار واین نہٕ تیٚہرن گاسہٕ آسہٕ کھیشاوان، نیشوٗر آسہٕ کھاران۔ گُپن روچھ۔

**چرِوائی۔** (مؤنث)۔ مادانُس مَنٛز گاسہٕ کھیشاوُنٕچ زرٕچ۔ گاسہٕ کھیشاوُوٕنی۔ گاسہٕ کھیشاوُنٕچ ہار۔ چرُائے۔ گاسہٕ چرُائے۔

**چرونجی۔** [ت۔ چرول جی۔ مؤنث]۔ اَکہِ میوٗک ناو۔

**چرہی** [ت۔ چرہی۔ مؤنث]۔ چار واین پھل بیٚقرٕ دٕرنٕک ٹُھٹھ۔

**چری۔** [ت۔ چری۔ مؤنث]۔ ۱۔ نیشوٗل۔ چار واین ترٛاوٕنک نیشوٗل اَناج، گاسہٕ ہیتر۔ ۲۔ زمینہٕ ژکل یُس کانٛسہٕ تُہنٛس مالہٕ وراے گاسہٕ وہ پیداوٕنہٕ معہ کچھ لاگن چھُ آسان۔ ۳۔ چار واین ہُنٛد گاسہٕ کھیشوٗن۔ ۴۔ گُنٛڈِتی کھینہٕ ہُرسیانہٕ بیٛیہٕ ہَن کھینی۔ ۵۔ زمینہٕ ژکل یُس کانٛہہ کاشتکار گاسہٕ وہ پیداوٕنہٕ بابتھ مالہٕ ورأیی لاگہٕ۔

**چری باقی۔** کاکدس یا کانٛہہٕ بڑار تلومہ کرنہٕ، ترٕ پچھہ کرنہٕ۔

**چری کی چھپکی آ جانا۔** بارٕ نوقصان گژھُن۔ ددار واتُن، کُنہٕ نتژھ بلایہٕ مَنٛز گیپہٕ گژھُن۔ یتیمہٕ مَنٛز نہٕ زنگہٕ معہ کلن۔

**چٹر۔ چڑھ۔** [ت۔ چِٹر۔ چِڑھ۔ مؤنث]۔ دے۔ نفرت۔ نگہتھ۔ کھُر۔

**چِڑانا۔** (کانٛسہٕ لاگِتھ) ژکھ کھارٕنی، کانٛہہٕ لُس کرٕنی، زہر دِنی۔ تُلُن۔ ستاوُن۔

**چِڑ نکالنا۔ چِڑھ نکالنا۔** ستاوُن۔ سببتھ انٛنی۔ زُرٕکی دِنی۔ تُلُن۔

**چَڑ۔** [ت۔ چَڑ۔ مؤنث]۔ ۱۔ لکڑ بینٕ سِپھٹنیچ یا پھٹنیچ آواز۔ کڑاپھ۔ کر۔ ۲۔ کیہہ بیترٕ ژھیٚنیچ یا پھٹنیچ آواز۔ زر۔

**چَڑ چَڑ۔** ۱۔ کر کر۔ کڑاپھ کڑاپھ۔ ۲۔ بکواس۔ پٔراتھ پٔراتھ۔

**چَڑا۔** [ت۔ چڑا۔ مُذکر]۔ ۱۔ کانٛشُر۔ ۲۔ اَکہِ قسمُک پتنگہٕ۔ اَکہِ قسمٕچ گانٛہہٕ بڑار۔

**چِڑچِڑا۔** [ت۔ چِڑ چِڑا۔ مُذکر]۔ ووٚل۔ وولیشُمت (بیمار، غمہٕ رنٛژ بیترِ کنی)۔ بار مزاز۔

**چَڑ بَڑ چَڑ بَڑ کرنا۔** بکواس کرُن۔ پٔراتھ پٔراتھ کرُن۔

**چَڑ چَڑانا۔** ۱۔ ووجر کرُن۔ وولُن۔ تتہٕ گژھُن۔ ۲۔ ژہر ژہر۔ ژہر ژہر ددزٕ ونس تیلس بیترٕ آب پینہٕ سٟتی نیرٕونی آواز)۔

**چَڑ چَڑاہٹ۔** (مؤنث)۔ ووجر۔ ڈُلی ڈُلی تتہٕ گژھُن۔

**چَڑوتا۔** [ت۔ چڑوتا۔ مُذکر]۔ کانٛشُر۔

**چَڑوتے۔** [ت۔ چڑوتے۔ مُذکر]۔ چرِ ور۔

**چَڑھ۔** [ت۔ چڑھ "چڑھنا" کا امر]۔ ۱۔ کھس ہیٛنوٗر وات۔ ۲۔ (مؤنث)، ووکنی زٕہلن۔

**چڑھ آنا۔** حملہ کرُن۔ فوج کشی کرٕنی۔

**چڑھا اُپری۔** مُذکر۔ ژورکہِر۔ بُتول۔
عداوتھ۔ کینہٕ۔

**چڑھا جانا۔** یڈ بریتھ چُھن۔ گُنڈُل چُھن۔

**چڑھا دینا۔** ۱۔ مرتبہٕ کھارُن۔ کمام تھارُن۔
تھزر دِیُن۔ یزتھ دیُن۔ ۲۔ دِنی (لاکم واکم)
۳۔ دژ گراوُن۔ مول تھزراوُن۔ ۴۔
دگرِس بیتر اکھارُن۔ سوار کرُن۔

**چڑھانا۔** وُچھو "چڑھ بیٹھنا" پتہٕ۔

**چڑھ بننا۔** کام بننی۔ مراد پور سپدُن۔ شر نیرُن۔

**چڑھ بیٹھنا۔** ۱۔ کھسُن۔ سوار سپدُن۔ ۲۔ گر گرٕنی۔
(کانہہ) تل کرُن یا ئل رٹنی، زبینی۔
۳۔ زِنا کرُن۔ کانہہ زنانہٕ زبردستی رٹنی۔

**چڑھانا۔** [ت۔ چڑھانا] ۱۔ کھارُن۔ ہیور کھارُن۔
تھوو کھارُن۔ ۲۔ لدُن۔ سوار کرُن
(ڈول وولہ) ۳۔ چھُن، چیتھ نیُش، سورُے
چیتھ زِھنُش۔ ۴۔ شیر اپنی بیتر سائنہ بڑر گہ
بستر تھپر پیٹھ تراونی۔ ۵۔ جوڑُن۔ لاگُن۔
سُوُن۔ واٹُن۔ ۶۔ منہٕ ہیوُن۔ پانس
پیٹھ ہیوُن۔ ہُرراوُن۔ بڈراوُن۔ ۷۔ حد
نیبر تھ تاریف کرٕنی۔

**چڑھاؤ۔** ۱۔ جوش۔ زور (کھنگ)۔ کھسن
تراے۔ ۲۔ چڑاے اُڈواتی دتھ یتھ کھسنہٕ
باپتھ زور لاگُن پئیہ یا کھسان کھسان شانکش
کھسِہ۔ ۳۔ تھزر۔ ہُرہ ر۔ ترقی۔ ۴۔ دریاوچ
وسن تراے۔ دری یاوک روخ پور آب
وسان آسہٕ۔ پُپ۔ ۵۔ پیشگی پانسہٕ
دِیُن (کُنہٕ چیز ک مول وہل اسے دِنی ...
۶۔ ناو نار ہینہٕ وول۔ گہ نوو۔ کرایہ پیٹھ
ناو نار دینہٕ وول۔

**چڑھاوا۔** (مذکر) ۱۔ نیاز۔ نذر الو۔ ۲۔ گہنہٕ
یہ کنہ گنڈ کس پیٹھ یا ینہٕ والہ دوہ ہے
مہر ینہٕ گو برماہین ہندِ طرفہ دنہٕ چھیوان۔
۳۔ ہُرہ ر۔ زیادتی۔

**چڑھاوا بڑھاوا دینا۔** دلاسہٕ دیُن، ہپتہ ہپتہ
کرُن۔

**چڑھاؤ اُتار۔** کھسہٕ وس۔

**چڑھاوے بڑھاوے دینا۔** تاریف کرٕ کرٕ
اسمانس کھارُن۔ کانسہٕ سنج مُخرج کھارُن۔

**چڑھتا۔** کھسہٕ وُن، بڈوُن، ہُروُن، ترقی
کروُن۔ تھدہ وُن، ۔ دوہ تھوُن۔

**چڑھتا بھاؤ۔** کھسہٕ وُن مول یا نیرخ۔

**چڑھتے اُترتے۔** ہیور بن۔ پود اکھسنتھ
پودا وستھ۔ کم کینتہ رڈھا۔ زیادہ ہو یا
کم زیادہ۔

**چڑھتی جوانی۔** دوہ تھوُن یاوُن۔ کھسہٕ وٕنی
جوانی۔

**چڑھتے چاند۔** (مذکر)۔ کھسہٕ ونہ زوتہ۔

**چڑھواں۔** (مذکر)۔ تھزر۔ کھور۔ کھور ہانہٕ۔ گجر کوتش۔

**چڑھواں داڑھی** ۔ ہوٗنگنہٕ پیٹھٕ دۄن طرفن کُن وُٹھتھ کھارِتھ دارٕ ۔ گنڈِتھ تھوومٕت ریش ، (داڑ)

**چڑھوانا** ۔ کھارناوناوُن ۔ ہیوٚر واتناوناوُن ۔

**چڑھی بارگاہ** ۔ تھٕد تھوٚد مرتبہٕ ۔ تھوٚد رتبہٕ تھوٚد درجہ ۔

**چڑھی بارگاہ رہنا** ۔ یزتھ ، مرتبہٕ ، رتبہٕ آسُن ، چلنٕ آسنی ؛ م : میں سچ کہوں ابھی تو کچھ دنوں اس کی چڑھی بارگاہ رہے گی پھر دیکھنا بات بھی نہ پوچھیں گے ۔

**چڑھیت** ۔ (مذکر) ۔ سوار ۔ سوارٕ کرن وول ۔ یُس گُرِس پیٹھ کھسِتھ آسہِ ۔

**چڑھیتا** ۔ (مذکر) ۔ شہسوار (سایس) ۔ کانسہٕ ہندِس گُرِس خدمتگار ۔

**چڑھے چان** ۔ کھسوُن رتھ ۔ رتھکر گوڈنکر دۄہ ۔

**چڑھے چاند** ۔ رتھکر گوڈنکر دۄہ ۔ ابتدأیی تاریخ ۔

**چڑھی رہنا** ۔ یرتھ وزِ نشس منز آسُن ، چیتھ آسُن ، مستی منز آسُن ۔

**چڑھی کھانا** ۔ (کوتر باز کتھ) کوتر سُند بیٚیس کوتر بازٕ سُندین کوترن منز گژھن تہٕ گژھن یا کوترٕ سُند پنُن اُڈ ترٕاوتھ بیٚیس اُڈس پیٹھ گرٕ گژھن ۔

**چڑھی گنگا اُتارنا** ۔ بڈ کام کرٕنی ۔ بوڈ کار کرُن ۔ م : بوتہٕ مُشکل تارُن ۔

**چڑھی گنگا اُترنا** ۔ کانہہ مُشکل حل گژھن ، کانہہ گُڈر کام سہل بناونی ، اکھ زِتھ نِنی ۔

**چڑھی ہونا** ۔ ۱۔ کاف آسُن ، کھوٗنمٕت آسُن ۔ (نارِ ہیتر) ، نشہٕ آسُن ۔ زھوکھ یا کپہر آسُن ۔ ۲۔ کانہہ کُنہہ دِلس اَدِس پیٹھ آسنی یا تسنیہ آسنی ۔

:- لوکہٕ کتھ :-

**چڑھے چاک چاہے سو اُتار لو** ۔ کام چھے بُجلہِ وِنی ، وُزِ کین یوہے کام یژھ ہو کرِو ، تہٕ گو اقتدار تہٕ ہو کانہہ وزِ ہینکہ یرتھ کینہہ سپدِتھ ۔

**چڑھ مار گولر پکے** ۔ وۄزِ چھ عاشقی عاشس مزٕ مزٕ ، یِہ کانچھان آسی تی سپدِ ۔ م : بگل تہٕ اُس کانچھان دانیے ۔

**چڑھانا** ۔ (ت ۔ چڑھانا ۔) ۱۔ تغریتھ کرٕنی ۔ نکھتھ کرٕنی ۔ دِے کرٕنی ۔ سناوُن ۔ ۲۔ بے وقوف بناوُن ۔ لاگُن ۔ چوزٕ لاگُن یا بیاکھ چیز بناوُن ۔ ۳۔ کانسہٕ ٹکہٕ لس کرٕنی ، لاگُن ۔ جُلُن ۔

**چڑھنا** ۔ کنہٕ کتھ پیٹھ ناراض یا خفہ گژھن ۔ تغریتھ ، دے ، یا نکھتھ گژھنی ۔

**چڑھائی** ۔ (ت ۔ چڑھائی (ئی) ۔ مؤنث ۔) ۱۔ تھزر ۔ دۄگنیر ، دۄگینار ، چرٕ آے ۔ ۲۔ حملہٕ ، فوجک کنہٕ پیٹھ یِیُن ۔ فوج کشی ۔ ۳۔ زیادتی ، تھزر ، عوروج ۔

**چڑھنا۔** [ت۔ چڑھنا۔ پراکرت: چڑھ ڑھۂ (ا)]۔
۱۔ کھسُن، تھدُن۔ لبہٕ ہیُور کھسُن، واتُن۔
۲۔ ووتھُن۔ ووتلُن۔ ۳۔ ہُرُن، ئاڑُن۔
۴۔ وُپھُن۔ وُڑُن۔ ہیُور وُپھ زنی۔ ۵۔ آب
کھسُن۔ دَرِیاوس پوٚنی ہُرُن یا تھدُن۔
۶۔ حملہٕ کرُن۔ پیٹھ ہیُون۔ ۷۔ دۄرُن۔
معمول تھارُن۔ ۸۔ رچارنہٕ یُن۔ کھسنہٕ یُن۔
۹۔ شانُس کھسنی ۱۰۔ چھیپہٕ لگُن۔ قوربان
گژھُن۔ ۱۱۔ سوار سپدُن۔ کھسُن اگرِس پیٹھ
۱۲۔ (اَنِھ) دُرُن، ٹھیک گژھُن۔ ۱۳۔ (رنگۍ)
کھسنی۔ (پچھہٕ) کھسُن۔ دلسہٕ کھسُن۔ ۱۴۔
ھدالتس اٹار پیٹھ کھسُن۔ (رنگ) کھسُن۔
(زُر) کھسُن۔ ۱۵۔ (ڈیجہٕ مٔنز آدمی جرہُنڈ)
یُنہٕ جاپہٕ ہیُن۔ ۱۶۔ یُنہٕ وول یا بُراتھ گژھنی۔
۱۷۔ (تنخواہ) کھسُن۔ بقایا آسُن۔

**چڑی۔** [ت۔ چڑی۔ مٔونث]۔ ژُر۔ اکھ لوکُٹ
جانا وار۔

**چڑیا کا دودھ۔** ژُرِ ہُنٛد دودٕ۔ سُہ چیز یُس نہٕ
میلہٕ وُن، یُنہٕ وُن آسہٕ، سُہ چیز یُس یُنُن
یا ہیٚٹھ ناممکن آسہٕ۔

**چڑی مار۔** (مُذکر)۔ ژُرِ شکار کرن وول، ژُر مارن وول
یا رٹن وول۔

**چڑی مار ٹولا۔** (مُذکر)۔ سُہ بازر یتھ قسمہٕ قسمکی
جاناوار ژُرِ پیٹھ کنٛنہٕ یوان آسن۔ گُذری۔

دِچھو "چڑیا بازار" تہٕ۔
۔: لُکہٕ کنُن:۔

**چڑی مار کا ٹولا بھانت بھانت کا جانور بولا۔**
ییٚلہِ تھ جاے تَنٛتھ وَنان ییٚتہٕ ہٕ کانٛہہ حسابا آسہٕ،
بدنظمی آسہٕ، بے ضابطگی آسن۔

**چڑی۔** [ت۔ چڑی۔ مٔونث]۔ لَتھ، یوسہٕ کانٛسہٕ
ژُلہِ وٚنس لاینہٕ یییہٕ۔ (اکثر تس مٔنز چھہٕ "چڑی"
وَنان — اثر)۔ م: ایک چڑی میں
اوندھے منہ گرا۔

**چڑی مارنا۔** (کانٛسہٕ) لَتھ لاینٛہٕ۔ لتھ کڈنی۔

**چڑیا۔** [ت۔ چڑیا۔ مٔونث]۔ ۱۔ ژُر، اکھ لوکُٹ
مادٕ جانا وار۔ یُس پانٛژھو چھہٕ پرتھ قسمہٕ کس
لوکٹس جاناوارس "چڑیا" وَنان۔ ۲۔ سوہ
سِکیس چھل پیٹھ یوسہٕ بلوز پیٹھ کھلراونہٕ یانٛتھ
یا تمہٕ کہ دَرِ یانٛتھ تنٛتھ لاگان چھہٕ۔ ۳۔
رتمہٕ ٹیبہٕ یمہٕ وَچھہٕ ڈولہ نکھن (زبہٕ کٹورین)
ٹورین مٔنزس گُدرِتھ چھنے آسان۔ اکھ سِلایہٕ
تہٕ چھہٕ وَنان۔ ۴۔ ییٚکولہِ ہنٛز قانچی۔ چھیپہٕ
پیٹھ رچ قانٛچی یا کاٹُرِ۔ ۵۔ اکہِ قسمُک کشایہٕ
یانٛکھ (بہ چھہٕ "ژُرِ ہنٛز شکلہِ مٔنس پیٹھ
بناونہٕ یوان تہٕ تلتھ شرٕ ین دِنہٕ یوان)۔ ۶۔
بیزار گیگر، بیپاری (بیزارس) ڈور تاران
چھہٕ ۷۔ شٹل کاک۔ جگہ پونیٹر۔ ۸۔ اکہِ قسمچ
آتش بازی۔ ۹۔ گورِ پیٹھ رنگ زِلیٚن یُس تاو

(کُڈایہ) پیٹھ تُلنہٕ کھیوان چھِ۔ ۱۰۔ کاکدٕس یا

کپرٕس پیٹھ بنآوِمژ "ژٕر" بیترِ۔

**چڑیا بازار۔** (مُذکر)۔ ژٕرِ بازٕر۔ سُہ بازر یتہِ

ژٕرِ، جل بیترِ کِنٕنہٕ آسن۔ گٕہرِ۔

**چڑیا چُن گُن۔** جانا وار (ژٕرِ، ہارِ بیترِ)۔

**چڑیا خانہ۔** (مُذکر)۔ سہ جاے یتہِ بسلہِ پاٹھی

ژٕرِ بیترِ (جانا وارِ) آسن۔ (وُرگمہ پاٹھی)

چُڑی یا گر۔ سہ جاے یتہِ قِسمہٕ قِسمکو زِندٕ

جاناوار بیترِ آسن۔

**چڑیا کا۔** ل۔م : ژٕرِ ہُند۔ یہ جُملہِ چھُ مُخوالِہ پاٹھی

کاٗنسہِ وَننہٕ یوان۔ رم : چڑیا کا جعلساز ہے

اُلو بہلائے گا۔ کینہہ چھِ "کا" بدلہِ "والا" ——

(چڑیا والا) وَنان۔ ژٕرِ سکلہ۔

**چڑیا کے چھنالے میں پکڑا جانا۔** ہٕنگہ تہٕ

مٕنگہٕ کٕس دوٗ لابس یا مُصیبتس مَنٛز ہینہٕ

یِن، وَلنہٕ یِن، پھٔسُن، گرفتارِ بلا گژھُن۔

لکھنؤس مَنٛز چھِ "چڑیا" چھ جایہِ "کنیا" وَنان۔

**چڑیا نوچن۔** (مُذکر)۔ ل۔م : ژٕرِ ڈگہٕ (وُرگمہ پاٹھی)

عذاب۔ ستم۔

**چڑیا نوچن میں جان پڑنا۔** مُصیبتس مَنٛز

ہینہٕ یُن، گیر گژھُن۔ گرفتارِ بلا گژھُن۔

—: لوکہٕ کتھ :—

**چڑیا کی جیب — مانڈے کا پھپولا۔** یہ

چھِ تس مُتلق وَنان یُس کم کھیوان آسہِ۔

یُس بُلبُل کھین آسہِ کھیوان۔ کم نفس۔

**چڑیل۔** [ت۔ چُڑیل۔ مؤنث]۔ ۱۔ ڈآن۔ راتِلٕس۔

چُریل۔ ۲۔ وِگمر ول۔ گکر نہٕ بدشکل زنانہٕ،

یوسہٕ وِچھنہٕ اِنسان کھوژِ۔

**چُسانا۔** [ت۔ چُسانا۔]۔ ژٕہناوُن، ژٕہہ دیاوُن،

دِوناوُن۔ چاوُن۔

**چُس جانا۔** ۱۔ پھٔسُن۔ پھسنہٕ یُن (اُکنہٕ بلوگ بیترِ)۔

۲۔ کمزور گژھُن۔ لیٚوٚژ گژھُن۔ ماز وسُن۔

لاغر گژھُن۔

**چُسوانا۔** ژٕہناوُن۔ کاٗنسہِ اَتھہٕ ژٕہہ دیاوُن۔

**چسپان۔** [ت۔ چس پان۔ ف]۔ ۱۔ لاریتھ۔ لاگنہٕ

آمُت۔ ۲۔ مُناسب۔ موزوٗن۔ ٹھیک۔

**چسپان کرنا۔** لاگُن۔ مرُن (کاکز، اِشتہار بیترِ)

چسپان کرُن۔

**چسپیدگی۔** (ف۔ مؤنث)۔ لارِتھ گژھُن۔ مرنہٕ یُن۔

**چُست۔** [ت۔ چُست۔ ف]۔ ۱۔ چارِتھ۔ تنگ۔

لاریتھ۔ چُس۔ سپہ۔ ۲۔ ٹھیک۔ درُس۔

مُناسب۔ برابر۔ ۳۔ دوٚر۔ مضبوٗط۔ محکم۔

۴۔ ژوٚتُر۔ چالاک۔ تیلنٛگ۔

**چُستی۔** [ف۔ مؤنث]۔ ۱۔ ژوٚتریر۔ پھُرتی۔ چالاکی۔

چُستی۔ ۲۔ چارِتھ آسُن۔ تنگ آسُن۔ چُس

آسُن۔ سپہ آسُن۔ ۳۔ دریر۔ مضبوطی۔ ۴۔

جوٗرتھ۔ دِلاوری۔

**چُستی کرنا۔** اَتھہٕ دِنہٕ تہٕ آدتھ نہٕ ژٕرِ چُن۔ کِفایتہٕ کرُن،

کوٚنٛڈ لاگُن۔

**چُستہ۔** [ت۔ چُس تہ۔ مُذکر]۔ ۱۔ چارِتھ یِنَنگ (رِپلوٚ بیترٕ)۔ سپیہ۔ ۲۔ گینڈ پھچھ پھٕچھ۔ (ژھاولی موٚنگرن، چھرَن، وَژھین بیترِ ہِنٛد) میاد یِتھ مَنز چوٚمُت دوٚہ دروزان چھُ۔ پٔنٛپیر مایر۔

**چسک۔** [ت۔ چَسک۔ مؤنث]۔ سوٗز سوٗز دَگ، ووٚکُن۔ چھوٚکہ بیترٕ یِک دوٚکُن یُس خوش کرِ۔

**چسکنا۔** (داد دِگرِ سینی) سخ دوٚکُن۔ وُلٹہ یا ووکِھ دود آسُن یا گرُن۔

**چسکا۔** [ت۔ چَس کا۔ مُذکر]۔ ۱۔ چھٕشکہٕ۔ ٹُچکہ۔ مزٕ۔ ۲۔ عادَتھ۔ ہال۔ گنہٕ لور روزنک مزٕ۔

**چسکا پڑنا۔** ۱۔ ٹُچکہ آژُن۔ چھٕشکہ اژُن۔ ۲۔ عادَتھ گرٕ ژھن، ہال گنڈھنی۔

**چُسکی۔** [ت۔ چُس کی۔ مؤنث]۔ ۱۔ اَکھ دام۔ اَکھ گوٚل۔ ۲۔ سوٚ اَفیین یوٚس بلّے وَقتہٕ کھینہٕ یِیہ۔

**چُسکی پینا۔** عام مِقدار ہُر بمانہٕ یہَن اَفیین یوٚس اَفیین خور مَنزٕ کھیوان چھِ۔ (اَفیین خورن ہنز کُنتھ) دَم دِے دِے اَفیینہٕ رَژھا کھینی۔ م۔

وَرنہ چُسکی پیوں گا اُفیوں کی
سینکڑوں مجتمع ہیں افیونی
(گلشن عشق)

**چُسکی لگانا۔** دَم دِے دِے یا مزٕ کرِ کرِ اَفیینہٕ رَژھا کھینی۔ (اگر شراب بیترٕ تہٕ چھکے پاٹھی چینہٕ یِیہ یِمتھ تہٕ چھِ "چُسکی لگانا" وَنان۔

**چُسنا۔** [ت۔ چُس نا۔]۔ ۱۔ ٹیوٚنڈ۔ یُس شرِین نالی ترٛاوان چھِ یَتہٕ یِتھ ترم گنڈان تہٕ چھِ تہٕ ژٕہہ تہٕ دِوان چھِ۔ ۲۔ ژھوکُن۔ ہیکتھ نہٕ روزنی۔ طاقتھ نہٕ روزُن۔

**چُسنی۔** (مؤنث)۔ ۱۔ ٹیوٚنڈ بیترٕ یتھ شرٕ گنڈان تہٕ چھِ تہٕ ژٕہم۔ ژٕہم۔ تہٕ چھِ دِوان۔ آسان۔ ۲۔ شُرین دوٚد چاونچ بوتَل۔ فیڈر۔ ببٕ۔

**چشک۔** [ت۔ چشک۔ ف۔ مؤنث]۔ سُہ کھین یُس خامہٕ کھینہٕ منزٕ پھوکُن روزِ تہٕ واز پانس کیٚث رٹوان چھِ۔

**چشک دینا۔** کوٗزھہ دیُن، رِشوٗ دیُن۔ نذرانہٕ بیترٕ دیُن۔

**چشم** [ت۔ چَشم۔ ف۔ پہلوی: چَشم، ژنٛد: چَشمن، س: چَشک + مَن۔ مؤنث]۔ ۱۔ اَچھ۔ چشم۔ ۲۔ ووٚمید۔ سٕتھ۔ آش۔

م: بجز چشم دوستی ارباب دنیا سے نہ رکھ
بیوفا سب ہیں یہ طوطا چشم کس کے یار ہیں

**چشم آبناک ہونا۔** [ف۔ مؤنث]۔ اَچھ ٹاری برِتھ آسنی۔

**چشمِ ابرو۔** اَچھو کھوٚر پوٚ۔ اشارٕ و کِنی۔ اَچھو سٕتی سٕتی ہاوِ ہاوی۔

چشمِ اَحوَل ۔ (ف ۔ مؤنث)۔ دوٗلہٕ اَچھ ۔ یُس
اَکِس زٕ بوزٕ نہٕ پن۔

چشمِ اشک آلوٗد۔ اَشہٕ بُرٕنہٕ اَچھ ۔ آبہٕ اَچھ۔

چشمِ اشکبار ۔ اَچھ یُمو کِنہِ اوٗش دارٕ آسہٕ وسان
وَدوٕنہٕ اَچھ۔

چشمِ اُمید۔ (کانٛسہٕ ہنٛدِ) مُرۄٚتچ وۄمید،
آش ۔ م:

ہے کسے چشمِ اُمید اے یار توبے دید ہے
کر نہ چار آنکھیں رُلا کر آٹھ آٹھ آنسو مجھے
(ضیا)

چشمِ اِنصاف سے دیکھنا۔ اِنصافچ نظر کرٕنۍ۔

چشمِ بَد۔ [ف ۔ مؤنث]۔ نظرِ بد، چشمِ بد۔

چشمِ بَد دوٗر۔ چشمِ بَد دوٗر۔ نظرِ بد دوٗر،
(یہ چھ کانٛسہٕ یا کُنہٕ چیزِ کہٕ تعریفہٕ وِز ونان۔
طنزٕ پاٹھۍ تہٕ چھُ وَننہٕ یوان)۔

چشمِ براہ۔ پرارٕ وُن ۔ وَتہِ وُچھہُن۔

چشمِ بُلبُل۔ چشمِ بُلبُل ۔ اکہٕ قسمُک کپُر۔

چشمِ بھر آنا۔ اَش گَگار پھٹِنۍ۔ آبہٕ اَچھ (بُرٕنہٕ)
ونہٕ ۔ یتھٕ پاٹھۍ چھِ "آنکھ بھر آنا" وَنان م:

قبر کھدتی جو واں نظر آئی
لاکھ روکا پہ چشم بھر آئی (شوق)

چشمِ بہنا۔ دارٕ اوٗش وَسُن۔

چشمِ بیدار۔ بیدار اَچھ ۔ نیٛندرِ رۄس اَچھ۔

چشمِ بیمار۔ [ف۔ مؤنث]۔ مدماتی اَچھ۔ کھُمار
بُرٕژ اَچھ۔

چشمِ پتھرانا۔ اَچھ پِتھٕ گژھنہٕ ۔ اَچھ مَرٕنہٕ۔
اَچھ ژھیوٕنہٕ ۔ م:

کس گل کے زخم چشم سیہ پر نگہہ گئی
پتھرا کے چشم نرگس شہلا جو رہ گئی (عشق)

چشمِ پُرآب۔ اَشہٕ بُرٕژ اَچھ۔

چشمِ پُردرد۔ آبہٕ کَرٕژ اَچھ۔ دَردٕ بُرٕژ اَچھ۔

چشمِ پُرنم۔ اَشہٕ بُرٕژ اَچھ۔ آبہٕ اَچھ۔

چشمِ پوشی۔ اَچھ ٹۄپنۍ۔ اَچھ وَٹنۍ۔ وُچھتھ
اَوُچھ لاگُن۔ پَردٕ پوشی۔ تغافُل دِیُن۔

چشمِ پھوٹنا۔ اَچھ پھٹنہٕ۔ لال پھٹِنۍ۔

چشمِ تر۔ اَشہٕ بُرٕژ اَچھ۔ ۲۔ یُس اَشہٕ بُرتھ
اَچھ آسن، آبہٕ اَچھ آسن۔

چشمِ جگر افشان۔ خوٗن جِگر ہارٕونہٕ اَچھ۔
اَتھ جایہِ چھہٕ "چشمِ جگربار" تہٕ وَنان۔

چشمِ جھپکنا۔ اَچھ ٹیٛنٹھ کرٕنۍ، گژھنۍ۔

چشمِ چار کرنا۔ اَچھ رَلاوٕنہٕ۔

چشمِ حیران۔ حَیران اَچھ۔ ہیٚبَنگٕ اَچھ۔

چشمِ حیرت زدہ۔ حَیران گامژ اَچھ ہیٚبنگٕ اَچھ۔

چشمِ خمار آگین۔ خُمارٕ ہٕژ اَچھ۔ مَدٕ ہٕژ اَچھ۔

چشمِ خمار آلود۔ وُچھو "چشمِ خمار آگین"۔

چشمِ خماری۔ خُمارٕ ہٕژ اَچھ، مَدٕ ماتی اَچھ۔

چشمِ خواب آلود۔ نیٛندرٕ ہٕژ اَچھ، رتمہٕ اَچھ یمن
خُمار ہیٛوٕ آسہِ۔ پُرخُمار اَچھ۔

**چشمِ خوٗن آلوٗد۔** رٔتہٕ ژٕ آنگی ہِشہِ اَچھ۔ ژٕکھ بٔرِژٕ اَچھ۔ شرارتہٕ ہکرِ ڈٕدِ کنی وٕوہٕ زلیتڑٕ اَچھ۔

**چشمداشت۔** [ف۔ مؤنث]۔ وٕمید۔ آش۔ بٕسہ۔ برانٛتھ۔ توقع۔

**چشم رکھنا۔** وٕمید تھوٕنی۔ آش تھوٕنی۔ توقع تھوٗن۔

**چشمِ روسیہ۔** گنہگار اَچھ۔

**چشم روشن ہونا۔** اَچھن گاش یُن۔ بینٲیی تیزِ نی۔

**چشمِ زخم۔** [ف۔ مذکر]۔ ۱۔ نقصان۔ یُس کُنہِ رٔتِس وِنِس تہٕ خوشوِنِس چیزِس نظرِ بَدِ سیتی واتہِ۔ نظر ہُنٛد زَکھ۔ بد نظرِ ہُنٛد اَثر یا تاثیر۔ چشمِ زخم۔ ۲۔ اَچھ دود۔

**چشم زدن۔** [ف۔ مذکر]۔ اَچھ ٹِپنٛھ۔ اَچھ ٹِپہِ وَہر۔ اَکھ ژٕھہ۔

**چشم زدن میں۔** اَچھ ٹِپنٛہِ مَنٛز۔ اَکِس ژٕہس مَنٛز۔ یکدم۔

**چشم سے اُترنا۔** کٲنٛسہِ ہُنٛز ونظرِ وَسُن۔ کانٛہہ وُقعتھ نہٕ روزِنی۔

**چشم کا کھٹکنا۔** اَچھ ڈُلُن، دود آسُن۔

**چشمِ کم سے دیکھنا۔** کَنچہِ نظرِ وُچھُن۔ وُسہِ پایہِ زانُن۔

**چشم لگنا۔** زِبہ گژھنی۔ نیٛنٛدرِ کھسنی۔ (اَچھن)

**چشم متوالی ہونا۔** مدہُ ہُنٛز اَچھ آسنہِ۔ مستی آسنی۔

**چشمِ مُروّت۔** رحم نظر۔ مُروَتہٕچ نظر۔

**چشم نشیلی ہونا۔** مائہ ہُنٛز اَچھ آسنہِ۔ خُمارٕ ہُنٛز اَچھ آسنہِ۔

**چشمِ نم۔** اَشہِ بٔرِژٕ اَچھ۔ آبہِ اَچھ۔

**چشم نمائی۔** [ف۔ مؤنث]۔ تنبیہہ۔ ہِہن دِنی۔ کلامتھ۔

**چشمِ نیم باز۔** [ف۔ مؤنث]۔ بِہن کَن تہٕ اَوژٕ نظر۔ اَچھ نو مرِتھ (وُچھُن)۔ اَتھ جایہِ چھہِ "چشمِ نیم خواب" تہٕ وَنان۔

**چشمِ نیم خواب۔** ٹلہِ مارِ نظر۔ مستانہٕ نظر۔

**چشم و ابرو میں۔** اشارن مَنٛز۔ اَچھو کھور یوٕ ہاوِتھ۔

**چشم وا ہونا۔** اَچھ مُژرِنہٕ یِنہِ۔

**چشم و چراغ۔** [ف۔ مذکر]۔ ۱۔ اَچھ گاش۔ ژٕشمن ہُنٛد گاش۔ ۲۔ ( ۆرہٕ گرہِ پاٹھی) سیٹھا ٹوٹھ، جگرٕ کھونٛٹ، جِگر پارٕ چھہِ۔

—: لُکہ کَتھ :—

**چشم ما روشن دِل ما شاد۔** ژٕشمن پیٹھ۔ اَسہِ چھہِ منظور۔ بَجہِ خوٗشی سان عاش کرِتھ۔

**چشمک۔** [ت۔ چِش تک۔ ف۔ مؤنث]۔ ۱۔ اَچھ سیتی ہاوُن۔ اَچھ سیتی اشارہِ کرُن۔ ۲۔ رنجش۔ رِش۔ کھٕمہِ کھُم۔ ژٕدہ کیبر۔ ۳۔ عانکہ۔

**چشمک زن۔** اَچھ سیتی ہاوُن وول۔ اشارہِ کرُن وول۔ کَتھ دِنہٕ وول۔ طانہٕ دِنہٕ وول۔

**چشمک زنی۔** [ف۔ مؤنث]۔ طنز، طانہٕ دِنی۔

**چشمک زنی کرنا۔** ۱۔ اَچھ ناٹھ ہاوِنی۔ ۲۔ پامہ ووتُر کرُن۔ کنتھ دِنہٕ۔

**چشمک مارنا۔** طانہٕ ژٕنی کرٕنی۔ پامہ ووتُر کرُن۔ کنتھ دِنہٕ۔ یہ چھ متروک۔

**چشمہ۔** [ت۔ چشمہ۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ ناگ۔ پوکھر۔ ۲۔ اشرٕ بوو۔ ۳۔ عاینکھ۔

**چشمہ اُبلنا۔ چشمہ کا اُبلنا۔** ناگہٕ راوک ٹیپیا ٹیپ بُرِتھ آسُن یا ہُکہٕ آسُن۔

**چشمہ پھوٹنا۔** ناگ وُزُن، ناگ نیرُن۔ کُنہ جایہِ زمینہٕ تلہٕ آب وُزُن۔

**چشمۂ حیوان۔ چشمۂ خضر۔** [ف۔ مذکر]۔ ۱۔ آبِ حیاتھ، اَمرِتھ۔ لَسَن ووِنی۔ ۲۔ (ووِرگہٕ پاٹھی) ماشوقہٕ سُنٛد دٲنہٕ۔

**چشمہ زار۔ چشمہ سار۔** سُہ جاے یِیتہٕ نگے ناگ آسن۔ جاے یِیتہٕ سیٹھا ناگہٕ راد آسن۔ ناگہٕ بل۔

**چشمۂ سلسبیل۔** [ف۔ مذکر]۔ سورگُک اَکھ ناگ۔

**چغا۔** [ت۔ چُغا۔ ترکی۔ مذکر]۔ چوغہٕ۔ اَکہٕ قسمُک نرٕبوٹھ کوٹھ۔ عَبا۔

**چغتائی۔** [ت۔ چغتائی (ئی)۔ ف۔ مذکر]۔ موغلن ہُنٛد خاندان یُس چوغتا بن چنگیز خان سُنٛدِس نَسلَس سیتہٕ واٹھ چھُہ۔

**چغد۔** [ت۔ چُغد۔ ف۔ مذکر]۔ راتہٕ موگُل۔ اَکہٕ قسمہٕ کِس لوکٹِس راتہٕ موگلس نٲنہٕ چھہ وَنان۔ ۲۔ (ووِرگہٕ پاٹھی) بے وُقوف۔

**چغد بول جانا۔** راتہٕ موگلہٕ سُنٛد وُنگُن۔ (ووِرگہٕ پاٹھی) کانہہ آباد جاے ویران گژھنی۔ کُنہ جایہِ راتہٕ موگُل وُنگنی۔

**چغل۔** [ت۔ چُغَل۔ چُغُل۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ وُناوُنی کرُن وول۔ اَبتہٕ غاَبتہٕ کرُن وول۔ پوت پتہٕ تیٛتھ تیٛتھ وَنُن وول۔ چوغلی کھینہٕ وول۔ کانٛسہِ ہنٛز چیچھ کھینہٕ وول۔ ۲۔ سُہ کنٛتِر پھول یُس چلمہِ منٛز تمباکو نِشہِ تھوان چھِہ یتھ پیٹھ تموک تھوان چھِہ۔ چلمہِ ہُنٛد پھول۔

**چغل خور۔** (مذکر)۔ پوت پتہٕ بیٛتھ تیٛتھ وَنُن وول۔ غاَبتہٕ یا وُناوُنی کرُن وول۔ چوغُل خور، چوغلی کھینہٕ وول۔

**چغل خوری۔** (مؤنث)۔ وُناوُن کرٕنی۔ چوغلی کھینی۔ اَبتہٕ غاَبتہٕ کرٕنی۔ کانٛسہِ نِش بیٛیِس ہنٛز چیچھ کھینی۔

**چغلی۔** [ت۔ چغلی۔ چُغلی۔ ف۔ مؤنث]۔ اَبتہٕ غاَبتہٕ۔ چیچھ کھینی، چوغلی، وُناوُنی۔

**چغلی کھانا۔** چوغلی کھینی۔ وُناوُنی کرٕنی۔ غاَبتہٕ کرٕنی۔ کانٛسہِ آزار یا نقصان واتناوِنکہِ غَرَضہٕ کانٛسہِ نِش کانٛسہِ ہنٛز چیچھ کھینی۔

**چغتی۔** [ت۔ چغتی۔ ف۔ مؤنث]۔ ۱۔ روٗلہٕ پٹ

سکیل۔ چِھِنتو۔ ۲۔ ٺٺھو ڪرڻ وول۔ ٻلي تاريف ڪرڻ وول۔

**چق۔** [ت۔ چق۔ ترکی۔ ف۔ مؤنث]۔ ٻاٽلسه ڪاٺين ھثار بڻو ومت پرد۔ چکه پردو۔

**چقاچاق۔** [ت۔ چقاچاق۔ ترکی۔ مؤنث]۔ نيزن تلوارن ھند آزھين ورشن سيد پنج آواز۔ ڪاٽلسه پليٿ پولس پته نيزن، تلوار دب پلينچ آواز۔

**چُقّر۔** [ت۔ چقّر۔ ترکی۔ مذکر]۔ سه دوب بيتر پيته منظر آب سميثو مُت آسه۔ آبه دوب تراگ۔ رم:

وہ چُقّر کسی جا پہ کچھ آب کے
وہ چرتے ہوئے جوڑے سرخاب کے

(دولت رائے شوق)

**چقماق = چقمق۔** [ت۔ چق ماق۔ ترکی۔ مؤنث]۔ زکھ نکھ سو کُني پته بليه کنه سلني گُھر دِنه سلني تيمبر ڇپي نيران۔

**چقماق جھاڑنا۔** ذِهان زکھ نکھ پھلين پانه واٽي گُھر دِته ناپادِ کرن، تيمبر کڏنه۔ "جھاڑنا" چر جابه چھ "نکالنا" نه ونان۔

**چقندر۔** [ت۔ چُقُندر۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ چھوگنڌر۔ يه ڇپي اکھ مشهور ترکاري تہ امہ چھن معنحن چُھ ٹمدر بر کڏنه پوان نه يه ڇپي وه زح آسان۔ ۲۔ (وزگرِ پاٹھی) وه زل نار هيؤه۔ نار تيثو ٹنگل هيؤه۔ وه زل۔

**چقندر سا۔** چھو گنڌر هيؤه۔ سو رخ نار تيکھ هيؤه۔ وه زل نار تيثو ٹنگل هيؤه۔ ہوٹ ڈرو باٹھ۔

**چک۔** [ت۔ چک۔ انگریزی: CHEQUE۔ مذکر]۔ چک۔ هو نڈ (ييٹيمه کِه ذري بر نقد پانسه ميلان چُھ)۔

**چک۔** [ت۔ چک۔ مؤنث]۔ ٹھر يا کمبرک دود۔

**چک آنا۔** هلس کمبرس دژسه لگن۔ ترته گرِ ھني۔

**چک جانا۔** وچھو "چک آنا"۔

**چک، چق۔** [ت۔ چک۔ مؤنث]۔ چکه پتلنج۔ ٻانسه کاٺين بنو ومت پرد۔

**چک۔** [ت۔ چک۔ مذکر]۔ چکھ۔ باگر تھ دِنه آمت زمينه رقبه۔

**چک بندھنا۔** ۱۔ پھير پيٿون، فرق باسني۔ ۲۔ کانهه چيز ليلہ آسُن، سوله سوله آسُن۔

**چک بندی۔** (مؤنث)۔ زمينچ حصه باگے، تقسيم۔

**چک تراشی۔** زمينچ ورز باگے۔

**چک۔** [ت۔ چک۔ مؤنث]۔ پنج۔ قصائے۔

**چکا۔** [ت۔ چک کا۔ مذکر]۔ ۱۔ پيمايشہ باپته ترکانکِ مالہ بيتر يک بنو ومت ڈلوم يا ژوک ڈير۔ پھرِد، چيٹه۔ ۲۔ چکه دود۔ ۳۔ گول۔ ڈلوم۔ ۴۔ پيه۔ پهي (گاڑ دار ہنڈ): (پلاٹس)۔

**چکا باندھنا**۔ کنہِ یا سِر چھٹہٕ بناوُن۔ پھِری بناوٕنی۔

**چکاہی**۔ (مُذکر)۔ چکہٕ دوہ۔

**چکابو**۔ [ت۔ چکابُو۔ مُذکر]۔ ا۔ خوبجک (کاتھہ نہ) آر۔ فوبجہ گول تُھندل۔ ژُکر وُتھہ۔ ۲۔ اکہِ قِسمک قموار۔

**چک پہیا**۔ (مُذکر)۔ وہیچھ۔ وزگرِ یا ٹھو اگرٕتھ)

**چکاچک** = **چکاچاک**۔ [ت۔ چکاچکُ۔ ف۔ مؤنث]۔ ا۔ اژھین یا ٹھو تلوار بینبر وا بینیچ آواز۔ ۲۔ تپلس یا گپوس منز بوڈُتھ۔ تپل یا گپھِ یوت۔

**چکاچوند**۔ [ت۔ چکا چوند۔ مؤنث]۔ ا۔ اژھین ٹکر لگُن۔ پرژ ولگنہ یا پینبر۔ (کنہ کاشہ وانسہ سیتی)۔ ۲۔ تاجب، حارانی، حارتھ۔

**چکاچوند آنا**۔ اژھین ٹکر لگُن۔ اژھین پرژ ولگنہِ یا پینبر۔ وُچھنتھ نہ ہیکُن، وُچھنس نہ درُن۔

**چکاچوند دینا**۔ اژھین ٹکر دیُن، پرژ ترا ونہ (یُتھ اژھین دُگوش گژھن)۔

**چکاچوند لگنا**۔ وُچھو "چکاچوند آنا"۔

**چکاچوند مارنا**۔ اژھین ٹکر دیُن۔ پرژ تراونہ (یُتھ اژھین دُگوش گژھن)۔

**چکارا**۔ [ت۔ چکارا۔ مُذکر]۔ ا۔ اکہِ قِسمک سیٹھا چالاکھ تہ نورکھ ہرن۔ ۲۔ کوکرٕٹ سارن۔

اکہِ قِسمک دُتارُل یا ژُتارُل ساز۔ اکہِ قِسمک دُتار۔

**چکاری**۔ [ت۔ چکاری۔ س: چتکار + اِکا۔ مُذکر، مؤنث]۔ ا۔ شِکاری شُراکہِ پیچ۔ ۲۔ ہُس ہیُوہ اکھ کیٹہوم۔

**چکان**۔ [ت۔ چک کان۔]۔ ا۔ موٹیاہُر، دُتھ گاہُر اُنھین بینبر۔ ۲۔ بڑوٹھ۔ آکھ داغ۔ گول نشانہ۔

**چکان**۔ [ت۔ چکان۔ ف:]۔ پکشپہ وُن۔ م: خونچکاں۔

**چکانا**۔ [ت۔ چکانا۔]۔ ا۔ چکاوُن۔ موُل چکاوُن۔ ہُر زخ کرُن۔ باوکرُن۔ ۲۔ نیاے اُنزراوُن۔ کنہ ژھوٹراوٕنی۔ نیاے موکلاوُن۔ ۳۔ حساب چکاوُن۔ حساب موکلاوُن۔ سورے ہورن

**چکاو**۔ [ت۔ چکاوُ۔]۔ ا۔ چکاوُن وول (موُل، حساب بینبر)۔ ۲۔ یُس ہورنس کیٔت جان تہ ژوتُر آسہِ۔ یُس نہ بد بابا کرِ آسہ۔

**چکاو**۔ چکاو دٕکاو۔ فاصلہ۔ کھُر کرِتھ تھوُن یا کرُن (موُل بینبر)۔

**چکائی**۔ (مؤنث)۔ چکاو دکاو۔ فاصلہ۔ چکاوُن سُہ کھُر کرُن (موُل بینبر)۔

**چکاو**۔ [ت۔ چکاو۔ س: چکر + کہ + مُذکر]۔ دوکھ بازی۔ ژھل بازی۔ فند بازی۔ چکمہ۔

چکائی دینا۔ دوکھ دِیُن۔ فَند یا ژھل کرُن۔
چکاوک۔ [ت۔ چکاوک۔ س: چکرٕ + واک۔ مذکر]۔
۱۔ اکھ قسمک آبی جانوار۔ ۲۔ ویدر۔
چکاوی۔ [ت۔ چکاوی۔ س: چکرٕ + کہ + راکا۔
مؤنث]۔ اکھ قسمچ وُدر۔
چک پھیر۔ وچھو "چاک پھیری" لفظس تل۔
چک پھیری۔ [ت۔ چک پھیری۔ مؤنث]۔
اَندرٕ اَندرٕ پھیرُن۔ چکر دِیُن۔ آرٕ گرٕتھ
نژُن۔ وانگ گرتھ نژُن۔ گتھ دِیُن۔
چک پھیر۔ اَندرٕ اَندرٕ نژُن، پھیرُن۔
چک پھیریاں لگانا۔ وچھو "چک پھیریاں کرنا"۔
چک پھیریاں کرنا۔ گتھ دِنۍ۔ اورٕ یورٕ کرُن۔
یُن تہٕ گژھُن۔ دربدری کرٕنۍ۔
چک پھیریاں لینا۔ وچھو "چک پھیریاں کرنا"۔
چک پھیریاں ہونا۔ اورٕ یورٕ نژُن۔
دربدری کرنہٕ یِنۍ۔
چک پھیریوں میں رہنا۔ دربدری کرٕنۍ
اورٕ یورٕ تھلہٕ نژُن۔
چکت۔ [ت۔ چکت۔ مؤنث]۔ کانسہٕ ژوپ
ہیُون۔ ڈنار تارٕنۍ۔
چکت مارنا۔ ڈنڈو سیتۍ ماز ژلہٕ ژلنۍ۔ ژپو
سیتر کھیُون۔ ژٹ پہٕنۍ۔
چکتا۔ [ت۔ چکتہٕ نا۔ مذکر]۔ ۱۔ گول ژکل۔
(کُنہٕ ترکارٕ ہیٹر ہُنٛد) قاش۔ ۲۔ ژٕل،

ژُپِنگ آکھ۔ گول آکھ یا داغ (یُس کُنہ جایہ
پانُس، لوگمُت آسہ یا لگہ)۔ ۳۔ ژیچہٕ ژکھ
یا ژکُل (یتھ گاسہٕ نژ آسہ)۔ ۴۔ زنٛدن یا
وہزُل داغ یُس خوژ تہٕ چھ نرآبی کینہ ژھر
چھ پھوانی یا سگان۔ ۵۔ ماز پھٕوُن۔
ماز ژھِل۔
چکتی۔ [ت۔ چکت تی۔ مؤنث]۔ ۱۔ گول ژچ
یا ٹکرٕ (داتُو ہُنٛد)۔ ۲۔ ژکُل (ژامہ ہُنٛد
ہُنٛد)۔ گول تختہٕ (کُنہ داتک)۔ ۳۔ ٹکہٕ
چاٹہٕ۔ گول یا ٹُولوم چیز۔ ۴۔ نال (رکلیچ)۔
۵۔ ژُنبہٕ کٕٹھ ہستنزٕ ٹرٹھ۔ ۶۔ انگریزن
ہُنٛز چِٹھ۔
چکٹ۔ [ت۔ چکٹ۔]۔ مُنت۔ سیٹھاہ
ہُررُت۔ سیُٹھ ناپہٕ۔ مَل گرُن۔ یُس ٹہٕ
سیتی کُنہِ گومُت آسہ۔ ماچھیرکلہٕ۔
چکٹ اُتروانا۔ اکھ پرٛون رسم۔ کورِ نیتھر
کرنہٕ کین دوہن آس تہٕ کورِ تاج بنو
بدلاوان۔ ییلہ خاندانک کانہہ زیٹھ
نوُ پوشاکھ سُونُتھ لاگہٕ تہٕ مس تتھ آسی
"چکٹ اتروانا" وَنان۔ یہ رسم چھ وُنہِ
تہٕ کینژن جاین جاری۔
چکٹ لگائے پھرنا۔ ناپہٕ روزُن۔ مَل گرُن
ہیُوہ روزُن۔ گنٛد روزُن۔ مَل تُربہٕ
بلو لاگتھ روزُن۔

**چکٹنا**۔ ١۔ ماشچھر لگن۔ ژکٹن (مس بیتر)۔ ٢۔ ماژ گژھن۔ گنڈ گژھن۔ ملہ سیتی برنہ ین۔ ٣۔ زنگ لگن۔ کھے پئیتی اکنہ تلوار بیتر)۔

**چکٹا**۔ [ت۔ چک ٹا۔]۔ وچھو "چکرٹ"۔

**چکٹا**۔ [ت۔ چکٹا۔ مذکر]۔ موٹھ۔ برتھ موٹھ۔

**چکٹی**۔ (مؤنث)۔ وچھو "چکٹا"۔

**چکچکا**۔ [ت۔ چک چکا۔]۔ نپہ نپہ کروُن، پرزلہ وُن۔ چمکہ وُن۔ گاہہ وُن۔

**چک چک لونڈے کھانا (چکھنا)**۔ گیوے باتی مینڈی کھینو۔ گیوس منز بوڈوتھ مینڈی کھینو۔ م: رس مینڈی کھینو۔

**چکچکی**۔ [ت۔ چک چکی۔ مؤنث]۔ ١۔ پچھ آیہ لورِ جوری یہ سہ جوگی دوہ یو اکھو وایان چھ۔ لورِ جوری یا کنہ جوری سیتی وچھ زیٹان چھ۔ ٢۔ چکھچکی۔ اکھ قسمک خنجر۔ اکہ قسمچ شترا کھ۔

**چک چونہی**۔ [ت۔ چک چوں ہی۔ مؤنث]۔ شرہ بن ہند داٹو گنڈن تماشہ۔

**چک دڑھیا**۔ کھوسہ۔

**چکر**۔ [ت۔ چکر / چک کر۔ مذکر]۔ ١۔ آرہ دایرِ وانگ۔ ٢۔ رگری کنو۔ پہی (کنہ گاڑ واڑ ہنند)۔ ٣۔ کرالہ ژکر۔ ٤۔ آوِلن۔ واولن۔ ٥۔ گول سرکھ۔ ٦۔ کُلک نژن۔ گیور۔ ٧۔ دارِ دار اکھ گول ہتھو یار۔ ٨۔ پھیرن۔ نژن۔ ٩۔ چکر۔ حائر آنی۔ ترکلانہ ترووِہن منز آسن۔ ١٠۔ وچھ ولہ لنس ہیہ ہٹہ بناوِنہ پانہ وقتر چ شکل۔

**چکر آنا**۔ گیوُر ین۔ غش ین۔ چکر ین۔ وُتارِ ین۔

**چکرا جانا**۔ گیوُر ین۔ وہما غس چکر ین۔ روزِ تھ گژھن۔

**چکرا دینا**۔ گیوُر انُن۔ پریشان کرُن۔ چنگس منز انُن۔

**چکرانا**۔ ١۔ گردش کرُن۔ نژان۔ پھیرن۔ ٢۔ ہکہ نہ ہکی گژھن۔ روزِ تھ گژھن۔ ٣۔ غش ین۔ گیرن۔ گیوُر ین۔ گیر گژھن۔ مصیبتس منز ہینہ ین۔ چنگس منز ین۔

**چکر باندھنا**۔ ١۔ آرِ کرِتھ نژن۔ اُناری اُندی نژن۔ ٢۔ گیری بچہ کرُن۔ ٣۔ پھرناوُن۔ نژناوُن۔ گتھ دیاوُن۔ ٤۔ حائران کرُن۔ گیپرس منز تراوُن۔ گیوُر انُن۔ ٥۔ گر پھرناوُن۔ گرِس چکر دیُن (اُناری اُندی)۔

**چکر دینا**۔ ١۔ زیچھ وتر یا ولیٹنگ (ولنگ) وتر نیُن۔ ٢۔ چنگس منز انُن۔ پریشانی منز تراوُن۔ ٣۔ گر پھرناوُن۔ گرِس چکر دیُن۔ گر چکر دیاوُن۔

**چکر کاٹنا**۔ نژن۔ چکر دیُن۔ پھیرن۔

**چکر کرنا**۔ پھیر دِنی۔ پھیرُن۔ نژُن۔ ہورتہ یور پھیرُن۔

**چکر کھا کے گر پڑنا۔** گیٖوٗر ہیتھ پتھر لایِنہٕ یُن۔ وُنارُن۔ برزم یُن۔

**چکر کھانا۔** ۱۔ نژُن۔ گردش کرُن۔ پھیرُن ۲۔ زیٖچھ وَتہٕ گژھُن۔ ۳۔ دربدر پھیرُن ہٹر ہٹر پھیرُن۔ ۴۔ جہاز کی آوِلنِس مَنز ہینہٕ بینہٕ کھینو۔ ۵۔ اُچھن اَتہٕ گوٚٹ گژھُن۔ نیٖژوٗل تہٕ وۄزُل بوزنہٕ یُن۔ گیٖوٗر یُن۔ وُنارُن۔

**چکر کی سڑک۔** (مؤنث)۔ گول سٔڑکھ۔ چکردار سٔڑکھ۔

**چکر کی گھونٹی۔** کٔزالہٕ ژُکر ہُند اَڈہوک یُتھ اَندرٕ اَندرٕ کٔزالہٕ ژُکر چھِ پھیران۔

**چکر گھنی۔** (مؤنث)۔ گردِش۔ نژُن۔ ٹلی اور یور پھیرُن۔

**چکر گھنی ہو جانا۔** تۄہہٕ کینٛہ یا نتہٕ گژھنہٕ کینٛہ ہیتہٕ یوٚت سٔرُن، نژُن۔

**چکر لانا۔** گیٖوٗر اَنُن۔ گیٖوٗر تُلُن۔ فساد تُلُن۔ پھیٖٹ وَہراوُن۔

**چکر لگانا۔** پھیرُن۔ نژُن۔ چکر دِیُن۔ اَندرٕ اَندرٕ پھیرُن۔

**چکر مارنا۔** اور یور یُن تہٕ گژھُن۔ ہتہٕ گژھ کرُن۔ چکر کرُن۔ نژُن۔ پھیرُن۔ گنٛتھ دِنۍ۔

**چکر مکر۔** (مذکر)۔ ژھل۔ فند۔ فریب، دوکھہٕ۔ برزم۔

**چکر مکر دیکھنا۔** ڈٔلۍ تہٕ ڈٔلۍ اور یور وُچھُن، نظرا دِنۍ۔

**چکر مکر کرنا۔** تیز تیز نژُن۔

**چکر مکر لگانا۔** ۱۔ حِلہٕ زِلہٕ کرُن۔ حیلہٕ بہانہٕ کرُن۔ ۲۔ کینٛہ چیٖزُک تیز تیز نژُن۔ ہور تہٕ یور پھیرُن۔ گردِش کرُن۔ آلوُن۔

**چکر میں آنا۔** گیٖپرِ ناوِنۍ۔ بلایہٕ مَنز وَلنہٕ یُن۔ چُھنگس مَنز یُن۔ ٹاکین وَہراونہٕ یُن۔ حیٖران گژھُن۔ راوُن۔

**چکر میں ڈالنا۔** ۱۔ گیٖپرِ ناوُنۍ۔ گیٖوٗر اَنُن۔ بلایہٕ مَنز پھساوُن۔ ۲۔ (کٲنٛسہٕ) حیسہٕ وِلسر کرِنۍ۔ (کٲنٛسہٕ) پریشان کرُن۔ (کٲنٛسہٕ) ٹاکین وَہراوُن۔ ۳۔ (کٲنٛسہٕ) وَتہٕ ڈالُن۔ کٲنٛسہٕ وَتھ راوٕراوِنۍ۔

**چکر میں ہونا۔** وُچھو "چکر میں آنا"۔

**چکریا۔** (مذکر)۔ (نوکری پیشہٕ) دوہہٕ کام کرُن وول۔ ٹھد مَنٛز گار۔

**چکڑی۔** [ت۔ چک ڑی۔ مؤنث]۔ چکوٚر (چکر) صنوبر یا چکرِ ہٕٹ یتھ گگنہٕ بناوان چھِ۔

**چکس۔** [ت۔ چک کَس۔ مذکر]۔ جانا وار اُڈٕ۔ (نور یتھ پیٹھ جانا وار وَسَن یا بہان چھِ)

**چکش،** [ت۔ چرکش۔ ف۔ مؤنث]۔ پٹشُن، دوشُن۔ (پونۍ بیترِ)۔ چکش۔

**چکلا۔** [ت۔ چک لا۔ س، چکر + لہ + کہ۔ مذکر]۔ ۱۔ گول۔ ڈُلوم۔ ۲۔ کھوٚل۔ کُشادٕ۔

۳۔ کُنیُو یا ہچُوگول تختہٕ۔ ۴۔ ہوٚنڈ۔ زٕنی ہوٚنڈ۔ ۵۔ گرٕٹہٕ ژٕکج۔ گرٕٹِنی۔ ۶۔ چکہٕ جاگیر۔ ہٕنز۔ عُلاقہٕ۔ صوبہٕ۔ پرگنہٕ۔ ۷۔ گانہٕ وان۔ چکلہٕ۔

**چکلابندی۔** (مؤنث)۔ حِصہٕ باگے۔ حِصہٕ بٔندی (ژمینیچ)۔

**چکلاپا۔** (مُذکر)۔ کھجر۔ بَر۔ پناہ۔

**چکلانا۔** کھُلراوُن۔ زیٹھ راوُن۔ بٔڈراوُن (کھجر)۔

**چکلائی۔** (مؤنث)۔ وُچھو "چکلاپا"۔

**چکلے دار۔** (مُذکر)۔ ۱۔ صُبہٕ دار۔ جاگیردار۔ چکدار۔ پٔنہٕ وول۔ ۲۔ دٔلال (گانہٕ خانک)۔ گانیٛن دٔلالی کرن وول۔ گان۔ ۳۔ خِدمتک پرگنک روچھ یا راچھدر۔ مَحلہٕ خانک یا حرم خانک راچھدر۔

**چکلی۔** [ت۔ چگٕروٚلی۔ س: چکر + لہ + اِکار مؤنث]۔ ۱۔ چرخہ (ژٕگرہٕ یتھ کٕزیرٕ منٛز نولہٕ وارِ سیتی آب کھارنہٕ وِزِ رٕزِ ولنہٕ چھِتے پوان)۔ ۲۔ میکو گٕنڈ (یتھ پیٛٹھ ژٕندن گہان چھِ)۔

**چکما۔** [ت۔ چکٕ ما۔ س: چکرم۔ مُذکر]۔ ۱۔ ژٕھل۔ فٔنٛد۔ دوکھہٕ۔ ژٕھنٛب۔ ژٕھلِم ۲۔ دٔدارٕ۔ گاٹہٕ۔ نوقصان۔ ۳۔ سٔنے دٔنٛدک اَکھ گِنٛدٕن باز۔

**چکما اُٹھانا۔** دوکھہٕ کھیٛوٚن۔ دٔدارٕ واتُن۔

**چکما اُڑانا۔** ٹلہ وقت راوٕراوُن بے ہودگی ین منٛز وقت راوٕرُن۔ م: بھلا اور کوئی شغل بھی رہتا ہے یا چکما ہی اُڑایا کرتا ہے۔

**چکما چل جانا۔** ۱۔ فٔنٛد کارگر گژھُن۔ ژٕھل یا فٔنٛد پکُن۔ چال پٔکنی (زٕرارس منٛز)۔ ۲۔ ژٕھل کرُن۔ فٔنٛد ورتاوُن۔

**چکما چلنا۔** ۱۔ فٔنٛد کارگر گژھُن۔ ژٕھل یا فٔنٛد پکُن۔ چال پٔکنی۔ ژٕھنٛب سپٕدنی۔ ۲۔ ژٕھل کرُن۔ فٔنٛد ورتاوُن۔

**چکما دینا۔** ۱۔ دوکھہٕ دیُن۔ برٕم دیُن۔ ژٕھل کرُن۔ ژٕھنٛب کرٕنی۔ ۲۔ زٕکھ واتہٕ ناوُن۔ دٔدار واتہٕ ناوُن۔ نوقصان واتہٕ ناوُن۔ گاٹہٕ پاوُن۔ ۳۔ (ناسہٕ بازٕ منٛز) مُقابلہٕ گِنٛدن والِس ٹھٕڈ کرُن۔ (مُقابلہٕ گِنٛدن وول) طرفہٕ پوٚٹ نرٕاوِناوُن تہٕ پنُن بدرنگ پوٚٹ طرف بناوُن۔

**چکما کھانا۔** دوکھہٕ کھیٛوٚن یا لگُن۔ برٕمُن۔ پھٕرٕنی۔

**چکماک۔** [ت۔ چکٕ ماک۔ مُذکر]۔ زٕکھ نکھ۔ چکمکھ۔ وُچھو "چقماق" تہٕ۔

**چکمک۔** [ت۔ چکٕ مک۔ مؤنث]۔ وُچھو "چکماک"۔

**چکمہ۔** [ت۔ چکٕ مہ۔ ترکی۔ مُذکر]۔ لوٚٹھ۔ موزٕ۔ جوراب۔

**رِچکن۔** [ت۔ چکن۔ ف۔ مُذکر/ مؤنث]۔ ٹوپہٕ کام۔ رِچکنی دٔوزی۔ کٔڈاہٕ کام۔ (ٹوپہٕ) کاہ دار کپُر۔

**چکن پٹی۔** بنا و سنگار۔ پٲراو۔

**چکن دوز۔** (مذکر)۔ ٹھ پٕٹھ کام کرن وول۔
چکن دوٗز۔

**چکن دوزی۔** (مؤنث)۔ ٹھ پٕٹھ کام۔ کڑھایہ
کام۔ چکن دوٗزی۔

**چُکنا۔** [ت۔ چُکنا۔ پراکرت۔ چکہ۔] ۱۔ اُچکُن۔
کھر گژھُن (موٗل بیتر)۔ ۲۔ موکلُن۔ اَنٛدُن
(نیاے بیتر)۔ خرچ گژھُن۔ ۳۔ ادور نیرُن
(حساب بیتر) چُکاوُنہٕ یُن۔ بے باق گژھُن۔

**چُکی پُکی۔** ییر چھ کانہہ کھیٚنہٕ چیز موکلنہٕ وزِ زنانہٕ
شُرین وَنان ییٚتھ پٲٹھۍ اُسی کاڑِ شُری
پٲٹھۍ وَنو، موکلیو" یا "مُکیو"۔

**چکنا۔** [ت۔ چکنا۔ مذکر]۔ ۱۔ تیلہٕ دار۔ گیوٚ دار۔
چربی دار۔ مانچھر لد۔ ۲۔ چربہٕ۔ موٹہٕ ڈرٛوٹھ۔
۳۔ پشل۔ لہُن۔ ۴۔ روغن کرِتھ۔ نیہ نیہِ
کرُن۔ صاف۔ ییتھ وارنش کرِتھ آسہِ۔
۵۔ بے حیا۔ بےٚ مُنٛد چھ ۶۔ شکلِ سونٛدر
شوٗبہٕ دار۔ ۷۔ چربہٕ۔ تیل۔ مانچھر۔

**چکنا چپڑا۔** خوش پوش رُت لباس، پوشاکہ
لاگن وول۔ خوش لباس۔ پوشاکی۔

**چکنا دیکھ پھسل پڑے۔** تہٕ گو دوٗرِتھ وُچھتھے
تنبہٕ لیو نہٕ شکلہِ تہٕ سونٛدرہ وُچھتھ
روٗدس نہٕ پانس تام۔

**چکنا گھڑا۔** (مذکر)۔ ۱۔ روغنی پشل ڈوٗڈ یا نوٹ۔
۲۔ (وُرگہٕ پٲٹھۍ) بے مُنٛد چھ، بے غارتھ۔
یُس شرم ہیٚتہٕ مُنٛد چھ لِنٛنہٕ چھلنہٕ چھوکھتھ
آسہِ۔ ۳۔ یُس نہٕ ڈُمٹس رینزی گژھن۔

**چکنانا۔** ۱۔ تیلہٕ ناوُن۔ پشلاوُن۔ لہن بناوُن۔
روغن کرُن۔ ۲۔ موٹہٕ ناوُن۔ وہہٕ ٹھن۔ پوٚٹھُن۔
چربہٕ لاگُن۔

**چکناوٹ۔ چکناہٹ۔** (مؤنث)۔ ۱۔ چربی۔
موٚہ چربہٕ۔ مانچھر۔ پشچار۔ سوٗتریر۔ روغن۔
۲۔ سونٛدریر۔ نیہ ناو۔

**چکنائی۔** (مؤنث)۔ وُچھو "چکناوٹ" یہ "چکناہٹ"۔

-: لوکہ کتھ :-

**چکنا گھڑا بوند پڑی تو ڈھل گئی۔** روٗغنی
پشل ڈوٗڈ یا نوٹ پان پھیٚور پیوس
نہٕ پیوس تہٕ پھیو وُسی۔ تہٕ گوٚ بے غارتس
تہٕ بے مُنٛد چھس چھیٚنہٕ لانتہٕ کلامنہٕ سینتھ
کینہٕ گژھان۔ م: بے شرمس بلایہٕ دوٗر
ڈُڈ کنہٕ زالی توس لوٚہ بر ستور۔

**چکنا منہ پیٹ خالی۔** م: نیٚبر نُنٛد بوٚن
اَندر رِ زھو ڈرکون۔ کُتھ چھلتھ نیرُن۔

**چکنا منہ سب چاٹتے ہیں۔** تہٕ گو آسن
وٲلس چھ پرٕتھ کانہہ یزتھ کران۔ آسن
وٲلس چھ جایہ جایہ یزتھے کرنہٕ یوان۔
م: مالیس چھنے مچھ لاران۔

**چکنے گھڑے پر بوند نہیں ٹھہرتی۔** روغنی

ژُولُس یا ٹُس ہیپھ چھِنہٕ پال پھیشوٗر
دَران نہٕ گوٚبے شَرم چھُنہٕ مُنٛد چھان ۔ م ؛
بے شَرمَس کلایہ دوٗر دُوکٕتہٕ زاتی توس لوٚبرسوٗر ۔

**چکنے منہ کو سب چومتے ہیں** ۔ دٕ گوٚرٕنس چھُہ پرٛتھ کانٛہہ بڑتھ کران ۔ رٕنس چھ جایہ جایہ یٕزتھے کرنہٕ یِوان

**چکنا چور** ۔ [ت ۔ چِکنا چوٗر ۔ س : کھنٹا + چورنہٕ ۔ مذکر] ۔ ۱۔ چوٗر ۔ کھنٛجہٕ ۔ ژُن ۔ ریزہٕ ریزہٕ ۔ ٹُکرٕ ٹُکرٕ ۔ بیثوٚن بیثوٚن ۔ ۲۔ (وادٕ سپتھ) پان زَن چھُٹمُت آسُن ۔ پان زَن زٕھیٚنہٕ ہیوٚمُت آسُن ۔

**چکنا چور کرنا** ۔ ژُن کرُن ۔ چوٗر کرُن ۔ ریزہٕ ریزہٕ کرُن ۔ کھنٛجہٕ کھنٛجہٕ کرُن ۔

**چکنا چور ہونا** ۔ ژُن گژھُن ۔ چوٗر گژھُن ۔ ریزہٕ ریزہٕ گژھُن ۔

**چکنی** ۔ [ت ۔ چِکنی ۔ مؤنث] ۔ ۱۔ چربی دار ۔ ۲۔ پشیج ۔ رلنو یا لیہو ۔ ۳۔ اکھ قسمچ سپاری ۔

**چکنیا** ۔ یاو ۔ لوٚتہ ہیوٚہ ۔ زھٹہٕ رٕس ۔

**چکنی باتیں** ۔ خوشامدٕ بٕرژ کتھ ۔ خوشوٗنہٕ تہٕ لوٚبہٕ وٕنہٕ کتھ ۔

**چکنی چُپڑی باتیں** ۔ چاپلوسی ۔ خوشنوٗنہٕ تہٕ لوٚبہٕ وٕنہٕ کتھ ۔ کتھ پکنٛو [illegible] خوشامد آسو ۔ کتھ پکوسٕنٛتی انسان وٕتہ ہیبہٕ ۔ خوشامد برآمد کرہٕ وٕنہٕ کتھ ۔

**چکنی چُپڑی باتیں بنانا** ۔ چاپلوسی کرٕنی ۔ خوشامد کرُن ۔ تھٕپھنی کرٕنی ۔ خوشامد برآمد کرُن ۔

**چکنی چُپڑی شہادت** ۔ تقدیرٕ در زنٛج شہادت ۔ جان شہادت ۔ ڈرِ شہادت ۔

**چکنی ڈلی** ۔ (مؤنث) ۔ اکھ قسمچ سپاری یُس دوٚدس مٕنٛز پاکٕتھ ہوکھنا وٕنہٕ چھےٚ یِوان) ۔

**چکنی مٹی** ۔ (مؤنث) ۔ اکھ قسمچ میٚژ یُس لوٗکن لگان چھےٚ ۔ گرٕٹہ میٚژ ۔

**چکو** ۔ [ت ۔ چاکو ۔ مذکر] ۔ لوکٹ شُرا کھ پچھ ۔ قلم تراش ۔

**چکوا¹** ۔ [ت ۔ چکوا ۔ مذکر] ۔ ۱۔ ہیٚنٛدِ ہٕنٛز اکھ وُستہ داتھ پیٚمکی لوکھ سوٗر ، کوٚکر بیترٕ رٕچھان چھ ۔ ۲۔ والس دِباغتہ کرن دول ۔ دالہٕ کماوَن وول ۔ دالہٕ رٕنگن وول ۔ ژٕمُر ۔

**چکوا²** ۔ [ت ۔ چکوا ۔ س : چکر + واک ۔ مذکر] ۔ سوٗرخاب ۔

**چکوا چکوی** ۔ سوٗرخاب جوٗرٕ ۔ اکھ آبی جانا وار جوٗری یُس دوہس ڈٕری یاو ٹھٕکھٕ ٹھٕکھٕ بکوٚرٕ چھےٚ روزان تہٕ راتس بیثوٚن بیثوٚن ۔

**چکوتا** ۔ [ت ۔ چکوتا ۔ مذکر] ۔ چکاو ۔ فاصلہٕ چکاوُن ۔ سوٗرے ہورُن یا دیُن ۔

**چکوتا میں** ۔ تولنے کرتے ۔ اندازن یا آنکہ ڈنی ۔

**چکوتار** ۔ [ت ۔ چکوتار ۔ مذکر] ۔ اکھ مرٛنگ یا بیعارٕ ہنٛد ناو یتھ مٕنٛز کوٹھن تلہٕ گرمی داغ چھ نیران تہٕ ساہے زنٛگ چھےٚ ہیوان ۔

چکوترا، چکوترہ ۔ [ت ۔ چکوت را / چکوت رٕہ ہِن چکرٕ کرٕ + اُنٛترٕ + کم ۔ مُذکر] ۔ اکھ قسمُک میوٕ یُس سنگترٕ پیوٚندٕ لاگِتھ ووٚپداونہٕ چھُ یوان ۔

چکور ۔ [ت ۔ چکور ۔ مُذکر] ۔ سگکوٚ داکھ خوٗش وُن جاناوار یُس "زوٗنہ" پٔتھ ہیٚنجہٕ ووٚزلہِ چھُ آسان ۔ (گرٛدنہِ چھُس اُشرٕ آسان) ۔ وَنان چھِ زِ یہِ چھُ نار کھیوان تہٕ زوٗنہ پیٹھ چھُ عاشق ۔

چکھا، چکھی کرنا ۔ چکھا دینا ، چکھانا ، چکھ جانا / ڈالنا ۔ وُچھو "چکھنا" لفظس تَل ۔

چکھنا ۔ [ت ۔ چکھنا ۔] ۔ ۱ ۔ رٕژِ ہِنا کھیٚیوٚن ۔ (کُنہِ) مزٕ وُچھُن ۔ نوٗن وُچھُن ۔ کھیٚیوٚن چوٚن ۔ ۲ ۔ مزٕ وُچھُن ۔ سزا اُتلُن ، اَلبُن ، ہوٗگُن ۔ نوٗن وُچھُن ۔ ۳ ۔ ڈُنارن سیٚتۍ واریٚتھ ٹھوٗلُک دَرٕ بَرٕ وُچھُن ۔

چکھا چکھی کرنا ۔ رٕژِ کھٔنجہٕ مزٕ وُچھناوُن ۔ رٕژِ ہِنا کھیٚنۍ (کُنیٚچ) ۔ نوٗن وُچھُن ۔

چکھا دینا ۔ ۱ ۔ کھیاوُن ۔ ۲ ۔ مزٕ وُچھناوُن ۔ آشیچ ہوٗرُن ، ہاوُن ۔ فکرِ تارُن ۔

چکھانا ۔ ۱ ۔ مزٕ وُچھناوُن ۔ کھیاوُن ۔ چاوُن ۔ ۲ ۔ مزٕ ہاوُن ۔ لائِن ۔ سیٚزٕ راوُن ۔ ۳ ۔ لائِن ۔ مِم : کوتوال نے مزہ چکھایا ۔

چکھ جانا ۔ ۱ ۔ چِھتہ یا کھیٚپتھ ژھٔنُن ، چِھتہ یا کھیٚپتھ نیٚنُن ۔ ۲ ۔ (وُرگہٕ یا کٕٹھی) کھیٚیوٚن ۔ مال خہ یہِ دبورٕ کرُن ۔

چکھ ڈالنا ۔ کھیٚپتھ ژھٔنُن ۔ کھیٚپتھ نیٚنُن ۔ روٗپیہٕ وُڈاونہٕ ۔

چکھوتیاں ۔ [ت ۔ چکھوتیاں ۔ مؤنث] ۔ پٔتۍ رٔتۍ تہٕ مزٕ دار کھانہٕ (کھیٚنہٕ چیز) ، کھیٚنہٕ چھکھتہٕ ۔

چکھوتیاں کرنا ۔ لُکہٕ ہٕنٛدِس پوٚنسس یا مالس چھوٚتیا ٹھونیا کرُن ۔ لُکہٕ ہٕنٛد مال وُڈاوُن ۔ چھکھتہٕ وُڈاونہٕ ۔

چکھی ۔ [ت ۔ چکھی ۔ مؤنث] ۔ ۱ ۔ (کُنہِ چیزٕچ) رٕژِ ہِنا کھیٚنۍ ۔ کُنہِ مزٕ وُچھُن ۔ چکھو ۔ ۲ ۔ کانٛسہِ ہٕنٛد مال بیترٕ کھیٚپتھ ژھٔنُن ۔ ۳ ۔ لڑایہِ بٲژٕ سُند جنگ ۔ جنگہِ برٛونٛہہ دانہٕ پٔھلو ہِنا کھیٚنۍ ۔

چکھی پر لگانا ۔ پانس کُن پھرٕنہٕ یا توبہٕ کرٕنہٕ باپتھ کانٛہہ کھیاوُن چاوُن ۔ کانٛسہِ بتہٕ گرٛدن دِنۍ ۔

چکی ۔ [ت ۔ چکی ۔ مؤنث] ۔ ۱ ۔ ہیٚچھ گول تماشہٕ یُس ڈورِ ترٛاوِتھ شُریٚ گِلہٕ وان چھِ ۔ ۲ ۔ گول ۔ ڈلوم ۔

چکی آڑو ۔ (مُذکر) ۔ گول زُن ۔ ڈلوم زُن ۔ زِکھنوس منٛز چھِ "چکیا آڑو" وَنان ۔

چکیا ڈنڈ ۔ [مُذکر] ۔ اکھ قسمُک ڈنڈ یُس منٛز یان سیٚٹھا کماوُن چھُ پیوان ۔

چکی ۔ [ت ۔ چکی ۔ پراکرت ۔ چکر ۔ مؤنث] ۔ ۱ ۔ گرٕٹہٕ ۔ گرٕٹہٕ زُیچ ۔ گرٕٹہٕ یا گرٕٹہٕ ہیٚنہِ نوٗر ۔

۲۔ کوٹھی اُنٹھ۔ ۳۔ تیز۔ تیٖز دار (شراب یا مَس)۔

**چکی بنانے والا۔** گرٕٹہ یا گرٕٹبٕنی بناوَن وول یا آرِناوَن وول۔

**چکی پھرنا۔** گرٕٹہ یا گرٕٹبٕنی پھیرٕنی یا پھرونہٕ ینٕی۔

**چکی پھیرنا۔** ۱۔ گرٕٹبٕنی چلاوٕنی۔ گرٕٹہ پہٕن۔ گرٕٹبٕنی اوٹ بیتر پہٕن۔ ۲۔ داآدی کانگر وَنٕنی۔

**چکی پیسنا۔** ۱۔ گرٕٹہ پہُن۔ اوٹ بیتر پشُن۔ ۲۔ دوکھ ژالُن یا دہزاوُن۔ ۳۔ کانہہ کام بُڈ کال کران روزُن۔

**چکی تُلنا۔** گرٕٹہ یا گرٕٹبٕنی (آرِناوٕنی)۔

**چکی چھونا۔** وُچھو "چکی پھیرنا"۔

**چکی دینا۔** مُطلب کَڈُنہٕ باپتھ کانٕسہِ پانٕسہ بیتر دِنی، چاپلوسی کَرٕنی، تھقنہٕ کَرٕنی۔

**چکی رہا۔** (مُذکر)۔ گرٕٹہ یا گرٕٹبٕنی آرِناوُن وول آرٕن گور۔

**چکی رہنا یا راہنا۔** گرٕٹہ یا گرٕٹبٕنی آرِناوٕنی۔

**چکی کا پاٹ۔** (مُذکر) گرٕٹہ یا گرٕٹبٕنی ہٕنز پونز۔ گرٕٹہ زٕکُل۔

**چکی کا کھونٹا۔** داژن (یتھ سیتی گرٕٹبٕنی پھرِناوان چھُہ)۔

**چکی کی کیل۔** اوٚہوک (گرٕٹبٕنی ہٕنز ہُند یا گرٕٹہ)۔

**چکی کی مانی۔** (مؤنث)۔ وُچھو "چکی کی کیل"۔

**چکی نامہ۔** (مُذکر)۔ گیوُن یا تھ یا وَنٕہ وُن (ہرِ بُس زُنانہ اَکھ مُشکدار اوٚلُٹ پہٕن ورٕ گیوان یا وَنٕہ وان چھِہ)۔

**چکی ناواری یا ناوری۔** (مؤنث)۔ کھہ بیٚر کھہ ازِس پتہٕ زُنانٕہ مُشکدار اوٚلُٹ دِیُن، بَر چھُکس زُنانٕہ ہٕنٛدِ دُسہ دِنٕہ پوان یُس بیٚر پہٕتھ تیار کَر)۔

**چکیدہ۔** [ت۔ چکی دہ۔ ف]۔ پھیٚر پھیٚر پَٹ پیٚوٚمُت یا وٚتھمُت۔ قطرٕ قطرٕ کوٚدمُت یا ترٕوومُت۔

**چکیدگی۔** [ت۔ چکی دگی۔ ف۔ مؤنث]۔ پھیٚرِ پھیٚرِ پَٹ پیٚوُن، ترٕاوُن۔

**چگانا۔** [ت۔ چُگانا۔]۔ چار واُمے (جانہٕ وارٕ بٕنیٚر) پھل کھیاوٕنی۔

**چگائی۔** [ت۔ چُگا(ای)ئی۔ مؤنث]۔ ۱۔ (جانہٕ وارٕن ہُند) پھل کھیٚنُن۔ دانہٕ تُلُن، پھل تُلُن۔ ۲۔ پھل یا گاسہٕ کھیاوٕنی۔ پھل یا گاسہٕ کھیاوٕنٕچ مُزُوری یا اُجرٕ وٕنی۔

**چُگدڑھیا۔** [ت۔ چُگ دڑھیا۔ مُذکر]۔ کھوسہٕ۔ وُچھو "چُگ دڑھیا" تہٕ۔

**چِچکل۔** [ت۔ چِچکلُ۔ ف]۔ تُرکستانٕک اکھ مشہور شہرُک ناو یتکی لوکھ سیٹھا خُشپَن چھِہ آسان۔

چُگ لینا۔ وُچھو "چُگنا" لفظس تَل۔

چگنا۔ [ت۔ چُگ نا۔ س ؛ چور نہٕ + کرٕ۔]۔ (جانا وارن ہُند) پَھل پھۄل تُلُن۔ پھل کھیٛوٚن۔ دانہٕ تُلُن۔

چُگ لینا۔ ۱۔ پھل پھۄل کھیٛوٚن، تُلُن۔ ۲۔ ناہ کرُن۔ وُٹھتہٕ تھوٚن۔

چُگوانا۔ وُچھو "چُگانا"۔

چگو۔ [ت۔ چُگ گو۔]۔ کھوسہٕ دار۔ کھوسہٕ ریش۔

چگونہ۔ [ت۔ چہ گونہ۔ ف۔ ژند ؛ چہ + گونہ۔ س ؛ چہ + گُنہ]۔ کِتھہٕ کٕنۍ؟ کِتھہٕ پاٹھۍ؟ کمہٕ رنگہٕ؟ کمہٕ قسمہٕ؟۔

چگونگی۔ (کُنہٕ چیزٕ ہٕنٛز) کیفیتھ۔ حالتھ۔

چگھڑا۔ [ت۔ چُگھ ڑا۔ مذکر]۔ کنٛترٕ ژونگ۔

چل۔ [ت۔ چل۔]۔ وُچھو "چلنا" لفظس تَل۔

چُل۔ [ت۔ چُل۔ س ؛ چُکہ۔ مؤنث]۔ ۱۔ خارِش۔ کھَشُر۔ گرمی۔ ۲۔ کام شہوتھ۔ باتہٕ بوچھ۔ وُکش ۳۔ تھیتھ نہٕ آسنۍ۔ اَتھہٕ کھۄر نہٕ کِنہٕ رَٹنۍ۔ قرار یا سوکھ نہٕ آسُن۔ اَرِ سَرٕ۔

چُل اُٹھنا۔ ۱۔ کَشُن یُن۔ خارِش وۄتھنۍ۔ ۲۔ شہوتُک غلبہٕ سپدُن۔ تنگہٕ چارُن۔

چُل مٹانا۔ ۱۔ کَشُن ژلراوُن۔ خارِش دور سَرٕنۍ۔ ۲۔ شَر کَڈُن۔ اَرمان پوٗرٕ کرُن۔

چُل ہائی۔ (مؤنث)۔ مٔدٕ ناز زنانہٕ۔ مَس چھوٚر زنانہٕ۔

چلّا۔ [ت۔ چِل لا۔ ف۔ مذکر]۔ ۱۔ ژتجیھن دوٚہ۔ ۲۔ چلہٕ۔ ژتجیھن دوٚہن خلوتھ ہٕنٛز یاد یا دعا کرُن۔ ۳۔ چلس بیٛنہِ یا روزہٕ جلے۔ جلے پیٛنہٕ چلس بِہی زٕ۔ ۴۔ لوستکی یا لوسہٕ تارکی ژتجیھن دوٚہ۔ لوسہٕ ہُند ژتجیھم سران۔ ۵۔ چلّے کلان۔ سخ تہٕ سَر ہِنٛدۍ ژتجیھن دوٚہ۔

چلّے کی سردی۔ پوٚہ، ماگھ سردی۔ سخ سردی۔ کِتھہٕ کوٚش۔ زمہریرٕ۔ نَرِتھ گرٕتھ وۄنۍ تہٕ سَر۔ تہٕ سَر گَٹہٕ کار۔

چلّا۔ [ت۔ چلٕ لا۔ مذکر]۔ ۱۔ دستارٕ کِن دون اَندن ہُند کلابو تہٕ پوٚژھ۔ ۲۔ کمانہِ ہِنٛدِ تہٕ تشرٕ کٕریک کوٗرِ یُس تھٕتھ اَندس پیٹھ لاگِتھ چھُ آسان۔ ۳۔ شکرٕ رلاوِتھ مادس بناوٕ ہرٕ گیوس منٛز تجہٕ ژوٚٹ۔ ۴۔ نوٚن ترٕ اوِتھ گیوس منٛز تلتھ ٹھولہٕ چھُرٕ رتہٕ کھاگنۍ۔

چلّانا۔ [ت۔ چلٕ لانا۔ س ؛ چلہ + آ]۔ ۱۔ کرٕکہٕ دِنہٕ۔ شور کرُن۔ ۲۔ وۄدُن۔ باکہٕ ژھٹنۍ بارو دِنۍ۔ بداد دِنۍ۔ ۳۔ ژکھِ ہوت آسُن۔ وودٕ کرُن۔ وولُن۔

چلاو۔ [ت۔ چلاوٗ۔ ]۔ ۱۔ پایدار۔ دوٚر۔

پوشہِ ژُن - یتھ دار نیر - داپہ دوٗر - ۲-
نیرنس یا گژھنس پیٹھ تیار - تسکھرتھ -

**چلاو** - [ت - چلاو - مُذکر] - ماز رٔوس پلاو -
خوشکہ یُس گیہوِ سے یوت پیٹھ بناونہ یوان
یوان چھُ -

**چلاہٹ** - [ت - چل لاہٹ - مؤنث] - شور
کرکہ ناد - کزکھ - بارو -

**چل بل** - [ت - چل بل - مؤنث] - ۱- ہونہ لوکچی
سُند چنڈچنڈو - ۲- شُرین ہنز
تھاشتھر یا ہُژ آواز - شُروِن ہنز وُدن کرکھ -

**چلبلا** - [ت - چل بلا - ] - ۱- یُس نہ کُنہ تھفنتھ
آسہ - یُس نہ کُنہ بیٹھہ آسہ - اَرِ سَرِ لَد -
۲- ژوٗر - چالاکھ - ژٔنی ژُل -

**چُلبلاپن** - (مُذکر) - ۱- تھفنتھ نہ آسنی
قرار یا سوکھ نہ آسُن - بیٹھہ نہ آسُن - ۲-
ژٔنی ژُل آسُن - پھُرتی - زنہِ دِلی -

**چُلبلانا** - بے سوکھ گژھُن - قرار راوُن -

**چُلبلاہٹ** - (مؤنث) - وُچھو "چُلبلاپن" -

**چلپاسہ** - [ت - چل پاسہ - ف - مُذکر] -
کیتُھکہ لٔٹ -

**چلپر** - [ت - چل پر - مُذکر] - کُنہ رٔنگُک چھُوژر
سان کونژ -

**چلت** - [ت - چلت - مؤنث] - حرکتہ پھیرن
ستھوٗرن -

**چلت پھرت** - (مؤنث) - ژوٗر تیر - چالاکی -
ہیکتھ - پھیرن تھوٗرن -

**چلتا** - [ت - چل تا - پراکرت ؛ چلم ٹکر ہس :
چلتہ ] - ۱- پکہِ وُن - وسہِ وُن (آب ہیتر) -
۲- مُروج - ورتاوس منز - رائج -
۳- ژوٗر - چالاکھ - ۴- ژلہِ وُن گژھہ وُن
(روپے پأنسہ بیتر) - ۵- کارگر - چلہِ وُن ،
پکہِ وُن - اثر کرُوِن (تاویذ ، دوا بیتر)
۶- چلہِ وُن (حساب - لیکھ بیتر) - ۷-
نِکہ وسہِ وُن ، عام (تقریر بیتر) -

**چلتا بننا** - ژلُن - دودکڑنی - لٹ ہیٚنی
ڈنگہ بڈاوُن -

**چلتا پرزا** - بڈ ژوٗر یا چالاکھ - پھُرتیلہ -
تیلنگ - چلتا پُرزا -

**چلتا پھرتا بنا ہونا** - پژھتھ وِز پکان روزُن -
پکان گژھُن -

**چلتا پھرتا نظر آنا** - غائب گژھُن - نظرِ نہ
گژھُن - اَچھی نہ یُن (یرچھ ونان بیلہ
کانہہ پنُن مطلب نیر نہ پتہ اَچھی ییہ نہ
زن نہ زانہہ ییہی ) -

**چلتا جادو** - چلہِ وُن جود - پکہِ وُن یا کارگر
گژھہ وُن جود -

**چلتا دھندا کرنا** - ژلُن - دگہ تھوٗنی -
لٹ ہیٚنی -

**چلتا دھندا کرو۔** نيرِ پيٺہ۔ دفع گڙھ۔ ڏنگہ ٻڌاو۔

**چلتا کام۔** (مذکر). لکھ وسہ وڃي ڪام۔ چلي وڃي ڪام۔ ڪام پيسہ وٽا ڊلي تہ لائيو واپي سان ڪرڻ ہيہ۔

**چلتا کرنا۔** ١۔ رواني ڪرڻ۔ سوڙن۔ ٢۔ مارڻ ڇڏڻ۔ ہلاکھ ڪرڻ۔ ٣۔ ڪامہ لائق بناوڻ۔ تبتھ بناوڻ يھڙہ ڪام نيرِيا يھڙہ ڪنہ ڪامہ لگہ۔ ٤۔ ڪانسہ ہنر ڪام ڪڍڻ، ڪانسہ ہنر ڪام انزراوڻ۔ ٥۔ دار تيز ڪرڻ۔ پلين دڻي۔ ڪھرن دڻي۔ ٦۔ يلہ ترراوڻ۔ آزاد ڪرڻ۔

**چلتا ہاتھ پاؤں۔** وموتھ وڃي ترزنگ۔ ڪامہ ڪارس لائق ترزنگ۔

**چلتا ہوا۔** ١۔ پکہ وُن۔ ٢۔ چلہ وُن۔ ڪارگر۔ پُر اثر۔ ڪامياب۔ ٣۔ چالاکھ۔ ترُوتر۔ تيلنگ۔

**چلتا ہوا اوزار۔** ١۔ تيز پيٺہ دار اوزار يا آلہ۔ ٢۔ (ورگہ پاٹھی) ٹھگ، ہنارن گور، فتہ باز۔

**چلتا ہوا تعویذ۔** چلہ وُن يا پکہ وُن تاوِيذ۔ تاوِيذ يُس ڪارگر يا سيٹھود گڙھ۔

**چلتا ہونا۔** وِچھو "چلتا بننا"۔

**چلتے۔** سبب۔ وجہ۔ يختيار۔ يہ چھ نہ الگ ورتاونہ يوان۔ م: ميری چلتے اُن کی چلتے۔

**چلتے بیل کا سینگ پکڑنا۔** نالحقہ پابلہ ستاوُن۔

**چلتے بیل کے آر لگانا، چبھونا۔** ڪام ڪرن واڻس ٹھونٹھ انہنو۔ سعقہ ڪانسہ سبتھ انہنو۔ نحقہ ڪانسہ پٹھر ڪڈن۔

**چلتے پھرتے۔** پھيرِ وڃي ٹھور وڃي۔ نژ دڻي۔

**چلتی پھرتی چھاؤں۔** پھيرِ وُن ٹھورِ وُن شہل۔ (ورگہ پاٹھی) نہ روزِ وُن نہ پوشہ دُن دُنيا۔ ناپايدار، فنا اپي، دُنيا۔

**چلتے پھرتے نظر آنا۔** وِچھو "چلتا پھرتا نظر آنا"۔

**چلتے پھرتے نظر آؤ۔** نير گڙھ چکرا کر۔ تہ گو ٻڌاو ڏنگہ۔

**چلتے چلتے۔** نيران نيران۔ نيرن وزِ۔ سکھرن وزِ۔ پکان پکان۔

**چلتی دوکان۔** چلہ وُن دُکان۔ وان يتھ ژر بجری آسہ۔

**چلتی کسر۔** (مؤنث) چالو، چلہ وُن يا جاری عشاريہ۔

**چلتی گاڑی میں روڑا اٹکانا۔** کُنہ چلہ وِنہ ڪامہ ٹھونٹھ انہنی۔ کُنہ سپہ وِنہ ڪامہ منز رکاوٹھ تراوِني۔

**چلتے وقت۔** ١۔ پکان پکان۔ ٢۔ نيرن وِزِ۔ سکھرن وِزِ۔

**چلتیوں۔** سبب۔ کُنی۔ م: مياں جی کے چلتيوں جوتی پيزار کا بازار گرم ہو جائے۔

**چلتے ہاتھ۔** ١۔ يوت تام اتھ پکتھ ہيکہ۔ يوت تام

اُتھ سِتھو کام گژھتھ ہیکوَن ۔ ۲۔ یوٗت نام چلہِ ۔
یوٗت نام پکِتھ ہیکِہ ۔

**چلتے ہو۔** نیر ینِتہٕ ۔ دَفع گژھ ۔ پکھاو ڈینگہ ۔

**چلتے ہوا سے لڑنا۔** پکہِ وِنس واوس سیتی ژووُن تہٕ گوٚسہٕ وۄل آسُن ۔ کتھ کتھہِ پیٹھ ژووُن ۔

**چلتی ہوئی بات ۔** چلہِ وٕنی کتھ ۔ پیٹھو پیٹھ کتھ ۔ سرسری کتھ ۔

**چلتی ہوئی نظر ۔** تژِ وِژِ اَچھ ۔ ژُژھرِل تہٕ شوخ نظر ۔

-: لوکہ کتھ :-

**چلتی کا نام گاڑی بیٹھنے کا نام اوکھلی ۔**

ل۔م: چلہِ وٕنی آسہِ تہٕ گِیہِ گاڑی ، ژہِتھ آسہِ تہٕ گِیہِ وۄکھل تہٕ دَپتھ گو یوٗت نام کام پکہِ وٕنی روز توت نام چھےٚ دِلس تہٕ سۄتھ ، کام دِ گیِہ ژہِتھ تہٕ سۄتھ تہٕ بیٹھ ۔

**چلتر ۔** [ت۔ چلت تر۔ مذکر]۔ فند ۔ ژھل ۔ دوکھ ۔ ژھل ژھدہٕ رأے ۔

**چلتر بازی ۔** (مؤنث)۔ دوکھ بازی ۔ فند بازی ۔ ژھل بازی ۔ ژھل ژھدہٕ رأے ۔

**چلتہ ۔** [ت۔ چل تہ ۔ مذکر]۔ اکھ قسمُک زِرہ بکتر ۔ زِرہ ۔

**چلچل ۔** [ت۔ چلٕ چل ۔ مؤنث]۔ اوٚبرٕ ۔ اوٚبرٕ وُتھن ۔ اَبرکھ ۔

**چلچلاتی ۔** [ت۔ چلٕ چلاتی ۔ مؤنث]۔ تُرتہٕ تاو ، دزوُن سۄخ توٗت ۔

**چلچلاتی دھوپ ۔** تاپہٕ گرٛاے ۔ توٗت تاپھ ۔ تُرتہٕ تاو (تاپچ) رنٛاپہٕ ژٕ ژٕٹ ۔

**چلچلانا ۔** ۱۔ سۄخ تاتُن ۔ تُرتہٕ تاو گژھُن ۔ تارِ کھل ہیوٚہ گژھُن ۔ ۲۔ گانٹھ پھٕٹ ہنٛد پیتوٚن پیتوٚن ۔ ۳۔ بُلہِ شور ۔ یا کرِکہ ناد لاگُن ۔ بُلہِ کرِکہ تُلنہِ

**چلچلانا ۔** [ت۔ چل چلانا ۔]۔ ۱۔ کٕشُن یُن ۔ خارش آسنی ۔ ۲۔ سنگہٕ چاریُن ۔

**چلچلاو ۔** [ت۔ چل چلاو ۔ مذکر]۔ ۱۔ رٕتہ گژھ ووسہٕ دژوس ۔ ۲۔ سکھرُن ۔ کُن نیرُن ۔ ۳۔ یتھہِ دُنی یاہ گژھُن ۔ سورِیہٕ واس گژھُن ۔ مرُن ۔ مرہ مرٕ ۔

**چلڑ ۔** [ت ۔ چل لڑ ۔ مذکر]۔ زوو ۔

**چلڑا ۔** [ت۔ چل ڑا ۔ مذکر]۔ موٗنگہٕ دوٚر ۔ تولمُت یا تُلِتھ دالہِ ہنٛد دوٚر ۔

**چلڑاہا ۔** [ت۔ چل ڑاہا ۔]۔ زووٕل ۔

**چلغوزہ ۔** [ت۔ چل غوزہ ۔ ف۔ مذکر]۔ جلگوزٕ ۔

**چلک ۔** [ت۔ چلک ۔ مذکر]۔ ۱۔ آبہٕ تھومب ۔ آبہٕ دوژھ ۔ ۲۔ مرتبان ۔ لوکُٹ بانہٕ ۔

**چلک ۔** [ت۔ چلک ۔ مؤنث]۔ نیپہٕ تاو ۔ چمکھ گاہ ۔

**چلکنا ۔** نیپہٕ نیپہٕ کرُن ۔ چمکُن ۔ پژزلُن (ایژرٕ پاٹھی سایکہ ہُند)۔

**چلکا ۔** [ت۔ چل کا ۔ مؤنث]۔ روپہٕ ہُند سکہٕ ۔ روپے ۔ چلکھ ۔

چلم۔ [ت۔ چِلَم۔ مؤنث]۔ چِلم۔

چِلَم بَردار۔ (مُذکر)۔ حقه بَردار۔ تَمُوڪ چاڙن وارو۔ تماڪ۔

چِلَم بَرداری۔ (مؤنث)۔ حقه بَرداري۔ اُن جو ڪم يا خدمت۔

چِلَم بھرنا۔ چِلم ڀَرڻ۔ تَمُوڪ ڀَرڻ۔ نوڪراڻي ڪرڻ۔ خدمت ڪرڻ۔

چِلَم پِینا۔ چِلم پِيئڻ۔ تَمُوڪ يا چَرس چِڪڻ۔

چِلَم تَمباکو۔ (مُذکر)۔ تماڪ چِلم۔ تماڪ ڪِڙهه۔

چِلَم چَپٹا۔ (مُذکر)۔ شيءِ جنهن وِلٽه تماڪ چڪو آسر۔ تماڪ شوق۔

چِلموں پر آگ رکھنا۔ ۱۔ چِلم ڀَرڻ۔ تَمُوڪ چاڙهڻ، خدمت ڪرڻ۔ چِلمه تيون ڪُل ڀرڻ، ٿَڌُوڻ ۲۔ (وڏگهه پاڻيٺي) داسِت ڪرڻ۔ ڪانسه هُنر غوه لاهي ڪرڻ۔

چِلمیں بھرنا۔ ڏِسو "چِلموں پر آگ رکھنا"۔

چلمچی۔ [ت۔ چِلَم چي۔ تُرڪي۔ مؤنث]۔ چِلمچي۔ طَشت۔

چلمچی۔ [ت۔ چِلَم چي۔ ف۔ مؤنث]۔ لپيت ڏِلي ڇَڪ)

چِلمَن۔ [ت۔ چِل مَن۔ مؤنث]۔ پَردو۔ چِڪه پَردو۔ چِڪه پَتيج۔

چِلمَن چھوڑنا۔ پَردو ڇڏائڻ۔ چِڪه پَردو ڇڏائڻ۔ چِڪه پَتيج ڇڏائڻ۔

چلن۔ [ت۔ چَلَن۔ مُذکر]۔ ۱۔ چال۔ ڪِڪَڻ ترائي۔ گرائي ترائي۔ ۲۔ دَستور۔ چَلَن۔ رِواج۔ رَوِش۔ ۳۔ ڪِڪڻ۔ چلڻ (سِڪه بابت)۔ ۴۔ عادت۔ ڪمال۔ وَرتاو۔ ۵۔ بوز شوز گرنه خرچاڙن وارو۔ ڪِفايت شار۔

چلن بگڑنا۔ کهورڏلڻ۔ گرايه پيئڻ۔

چلن چلنا۔ وَنه رَٽڻي۔

چَلَن سے۔ ۱۔ آدهه سان۔ ڀَڙت سان۔ باشِه سان۔ ۲۔ بوز شوز۔ ڪِفايت شاري۔ بوزنه ڀڪڻ۔

چلن سے چلنا۔ بوز شوز گرته ڏوه ڏوه گذڙن، ڏين گذاري ڪرڻ۔

چَلَن ہار۔ (مُذکر)۔ ۱۔ نيرلِس، گرڌهنس يا سُکهرنس تيار۔ ۲۔ مُرلِس تيار۔ مَرڙن زير۔

چلن ہونا۔ ۱۔ روش آشڻ۔ رَسم آشڻ۔ ۲۔ رائج آشڻ۔ چِلهڙن آشڻ (سِڪه بابت)

چلنا۔ [ت۔ چَلْ نا۔ پراڪرت: چَلَنه اَم۔ سنسڪرت: چَلَنيم۔]۔ ۱۔ ڪِڪڻ۔ چلڻ۔ وڃڻ۔ اَگر، آڳت، گاڏِ بابت هُند)۔ ۲۔ رائج سِيڏن۔ جاري ڪرڻ پئين (رهڻ ڪ يا سِڪه بابت)۔ ۳۔ سُکهرڻ۔ نيرڻ۔ رواني سيڏن۔ گرڌهن۔ ۴۔ ترڻ۔ اُپور ترڻ (ڏريه يا وس بابت)۔ ۵۔ جان، اَزبر، ڪِڪڻ، چِلڻ (تجارت بابت)۔ م: دُکان خوب چلتی ہے۔ ۶۔ نامادار سيڏن۔

قٲیِم روزُن۔ نہٕ ژھٕ روزُن (ناوِ بیترِ)۔ م: بیٹے سے نام چلتا ہے۔ ۷۔ ووتھ بوٗلِبُن، بڈُن۔ نۆن نہٕ پھولُن۔ م: اب یہ پودا بھی چلا۔ ۸۔ نیبرٕ نہٕ یا ژھینٕنٕ یُن۔ ترٕ ژھ وُسن، پھٹُن۔ (ٹلو بانٕنرِ)۔ ۹۔ پھیرُن۔ (سٹیُن بیترِ)۔ م: سالن چل گیا۔ ۱۰۔ دَب لگُن۔ رکٕنی گژھنی۔ وُسی ہیتوٗن۔ ۱۱۔ مُرن۔ یتیمہٕ دُنیا یہٕ گژھُن۔ ہ۔ لڑاے آسنی۔ ہرٕ آسنی۔ ژوٕ کہٕ آسُن۔ م: آجکل دونوں میں خوب چلتی ہے۔ ۱۳۔ برٕم دیُن۔ دوکھ دیُن۔ ناہرِ۔ م: ہم سے بھی چلنے لگے۔ ۱۴۔ وائُن (ٲتھ بینٕزرِ) م: کسی کا ہاتھ چلے کسی کی زبان چلے۔ ۱۵۔ کتھ ووتھنی۔ ذِکر سپدُنی۔ م: بات چلنا۔ ۱۶۔ پرٕنہٕ یکُن۔ پرٕ نہٕ یُن۔ م: اس سے کتاب تو چلتی ہی نہیں۔ ۱۷۔ (قلم بینٕزرِ) پکُن، چلُن۔ م: قلم نہیں چلتا۔ ۱۸۔ پھیرُن نقورُن۔ چکرہٕ ہنا گرٕفی۔ گردِش ہنا گرٕفی۔ ۱۹۔ گوٗلی بیترِ چلنی۔ گوٗلی نیرٕنی۔ توپہ چلنی۔ ۲۰۔ تیر، خنجر، تلوار بیترِ چلنی، وایتہٕ ینی۔

**چل**۔ ۱۔ گژھ گژھ۔ نیر گژھ۔ دَفع گژھ۔ ۲۔ ("چلنا" لفظک امر)، نیر، سکھر

**چلا آنا**۔ یُن۔ یکُن۔

**چلا جانا**۔ گژھُن۔ یکان گژھُن۔ یکان آسُن۔ پکہٕ وُن۔ جاری۔ م: اُن کی کاوشیں اب تک چلی جاتی ہیں۔

**چلا چاہنا**۔ گژھُن یا نیرُن ہیتوٗن سکھرُن۔

**چلا چلنا**۔ یکان روزُن۔ ٹھکہٕ رٲوس پکُن۔ یکان گژھُن۔ م: قاصد کو چاہیئے کہ چلا چلے، راستے میں نہ رُکے۔

**چلا چلی**۔ (مؤنث)۔ ۱۔ ہتہٕ گژھ۔ ووسہٕ وزووس۔ ۲۔ مَرٕ مَرٕ۔

**چلانا**۔ ۱۔ پکہٕ ناوُن۔ چلاوُن۔ سوزُن۔ ۲۔ وہہٕ ناوُن۔ ۳۔ دُکان چلاوُن یا ترٕاوُن۔ کام پکہٕ ناوٕنی۔ کام چلاوٕنی۔ ۴۔ بوٗنٕدٕبس یا اِنتظام کرُن۔ کام اُتر راوٕنی۔ ۵۔ سُٹُن، لٲیُن، اَندر ژاٹُن۔ م: لکڑی چلانا۔ ۶۔ کھلُن دِنی۔ کھوٗتو کرُن۔ م: ڈوئی چلانا۔ ۷۔ کنہٕ کپرس یا پلوس پیٹھ گنڈِتھ ہنی۔ کنہٕ کپرس یا پلوس ترٕتھ والُن۔ کپُر یا پلو ژٹُن۔ ۸۔ اُڈراوُن۔ پتھ کُن ترٕاوُن، پھرُن لایق تھٲوُن۔ م: نام چلانا۔ ۹۔ سوٗدس یا بیازس پیٹھ دیُن۔ ۱۰۔ ورتاوُن۔ کامہٕ منز اَنُن۔ م: کھوٹا روپیہ چلانا۔ ۱۱۔ گنڈُن۔ سکھراوُن۔ رخصت کرُن۔

**چل بچل**۔ (مؤنث، مذکر)۔ ۱۔ کوہ موقع، کوہ وِز۔ ۲۔ پھرٕ، وشیھ۔ اُتُر۔ ژہلنی۔ ۳۔ درٕ سہٕ، لمہٕ، حرکتھ۔ ۴۔ گربٕڑ، کھلبلی۔

